# کأشِرۍ ہمعصر افسانہ

ترتیب کار

ہردے کول بھارتی



ساہتیہ اکادمی

# کأشِرۍ ہم عصر افسانہ

ترتیب کار

ہردے کول بھارتی



ساہتیہ اکادمی

کِتابہٕ جِلدِ کِس اسٹرس پیٹھ چھُ رازٕ شُدودھن ہندِ دربارُک اکھ مَنظر
یَتھ منٛز ترٛۄے جوتشی بگوان بُدھ سٕنٛزِ ماجہِ، رانی مایا ہٕنٛدِ سۄپنٕچ وَکھنے
چھِ کران۔ تِمَن بۄنہٕ کِنہٕ چھُ مُنشی بِہِتھ یُس وَکھنیہ ہُنٛد دستاویز لیکھان
چھُ۔ بھارتس منٛز چھُ یہِ شاید سیکھنیکہِ فَنک سارِوٕے کھۄتہٕ پرون تصویری تحریر۔

ناگارجن کُنٛڈ ، دوٚیم صدی
بہٕ شُکریہ راشٹریہ سنگرہالیہ نئی دہلی

Kasher Humasar Afsana : An anthology of Kashmiri Short Stories compiled by Hriday Kaul 'Bharati'. Sahitya Akademi, New Delhi (1995), Rs. 60.



پہلا ایڈیشن : ۱۹۹۵ء

ساہتیہ اکادمی

ہیڈ آفس

رویندر بھون ۔ ۳۵ فیروز شاہ روڈ، نئی دہلی ۱۱۰۰۰۱

سیلز آفس

سواتی، مندر مارگ ۔ نئی دہلی ۱۱۰۰۰۱

علاقائی دفاتر

جیون تارا بلڈنگ ۔ چوتھی منزل، ۲۳ اے/۴۴ ایکس ۔ ڈائمنڈ ہاربر روڈ، کلکتہ ۷۰۰۰۵۳

۱۷۲، ممبئی مراٹھی گرنتھ سنگھرالیہ مارگ، دادر ۔ بمبئی ۴۰۰۰۱۴

گُنا بلڈنگ، دوسری منزل ۔ ۳۰۴ ـ ۳۰۵، انّا سلائی، نینام پیٹھ ۔ مدراس ۶۰۰۰۱۸

اے ۔ ڈی ۔ اے رنگ مندر ۱۰۹ جے ۔ سی ۔ روڈ ۔ بنگلور ۵۶۰۰۰۲

قیمت : 60.00

ISBN 81-7201-869-X

طباعت : ڈیلکس آفسیٹ پرنٹرس، دلّی ۱۱۰۰۳۵

# پٲنٕنۍ کتھ

کأشرین افسانن ہُنز یہِ سومبرن آسہِ ہے ہنا بروٚنٹھے پٔہن مکمل سپنٕز ہرگا
اَسہِ مُشکلن ہُند صحیح انداز آسہِ ہے۔ افسانہٕ پرٕنس، یہند انتخاب کرنس تہٕ سارِ وے
کھوتہٕ لوٚڈ مُشکل افسانہٕ نگار دوستن نِشہِ مَنٛوٚر ورتِکۍ افسانہٕ کیہو کیم چھاپ کرنٕکۍ
اجازت نامہٕ حأصِل کرنس لوٚگ سانہِ انداز کھوتہٕ سیٹھا زیادٕ وق۔ توتہٕ چھُ
اَسہِ یہِ اطمینان زِ چھکرس وأنٛسہِ یہِ کأم انٛد۔ مجموعس منٛز چھے افسانہٕ نِگارن ہُنٛز
جلے حروفہِ تہجی حِسابہٕ تھاونہٕ آمٕژ ییتھ کُنہِ ملالُچ یا غوصہٕ چ گُنجأیش روزِ نہٕ۔

لۆزِ افسانن ہُند انتخاب تہٕ یِہنٛز شیرٕژ آمٕژ چھے تِمی اِنہارٕ تہٕ تِموۍ دورٕ مطابق
کرنہٕ آمٕژ۔ لیُس اِنہار تہٕ کیم دور "سرنامس" منٛز بدکڈنٕچ کوٗشش چھے کرنہٕ آمٕژ۔
یہِ کوٗشش کِتھ حدس تام چھےٚ کامیاب روٗزمٕژ۔ یہِ فأصلہٕ ہیکن پرن وألۍ
کٔرِتھ۔

ہردے کول بھارتی

۶۸/۲۹ فرید آباد

ترتیب کار

# سرنامہ



کٲشرِ افسانٕچ وٲنس چھے مُسا ثرٕہہ دٕہ یہ ثرٕہہ وٕری تہٕ عالمٕچن مختلف
زبانن ہنٛد افسانوی ادب نظرِ تل تھٲوِتھ چھُ اَمہِ حسابہٕ کٲشُر افسانہٕ سیٹھا
کوٚلِش۔ پوز کوٚلِش آسنہٕ باوجود تہِ یم ارتقایی منزلہٕ اَمی اتھ مۆختصر وقتس منٛز
طے کرِ تہٕ یتھ مقامس پیٹھ یہِ وُنی کینس کھڑا چھُ، سہٕ وُچھتھ چھُ یہ یقین کرُن ہنا
مشکل گژھان زِ اَمِچ وٲنس کیا چھے صرف ثرٕہہ یا وۄہ یہ ثرٕہہ وٕری۔ اتھ چھُ غالبن
یہِ وجہ زِ اَمہِ سفر گوٚنہٕ تتہِ پیٹھہٕ شوروع یتہِ پیٹھہٕ مثالے اُردو یا ہندی افسانُک
شوروع گو۔ بلکہ ترٲوِ امہِ گوڈٕ تہٕ کینہہ منزل تہٕ منٛزٕ تہٕ کٔرِن کینہہ دورا (BY PASS)
اتھ منٛز کانٛہہ شک چھُنہٕ زِ سرسری طور اَمکہِ سفرٕچ سام ہینہٕ وِزِ چھُ امیُک سیٹھہٕ
ارتقٲئی عمل غٲر فطری باسان تہٕ مجلسِن منٛز بحث زینہٕ خاطرٕ چھِ کینہہ دانشور اتھ
حوٚربہٕ کِنہِ استعمال کرٕتھ پننہٕ ترک آسنُک ثۆبوت تہِ دوان۔ پوز بحث زینٛنچ کل
اَکھ طرف ترٲوِتھ ہرگاہ وُچھنہٕ ییہِ تیلہ چھُ یہ عمل فطری تہٕ تہٕ حقیقی تہِ۔ تہِ زن گوٚ ہرگاہ
یہ کتھ تسلیم کرٕتھ اَمِچ سام ہینہٕ ییہِ زِ ادب چھُنہٕ سماجی سیاسی کینہہ اقتصادی حالاتو
نِشہِ الگ تھٲوِتھ نہٕ وُچھنہٕ یوان تہٕ نہٕ تخلیق سپدان۔ ہرگاہ یہ کتھ تسلیم کرنہٕ ییہِ زِ یہ
چھُ کُلہم ماشرُک اکھ لازمی حصہٕ آسان تیلہِ باسہِ نہٕ کٲشرِ افسانُک ارتقایی عمل غٲر
فطری تہٕ نہٕ غٲر حقیقی۔ سماجس ستہٕ امیُک گوٚن رشتہٕ تہٕ ماشرس ستہٕ اَمِچ سٔنٛز وابستگی

چھُ یمہِ اکہِ مثالہِ ستۍ واضح سپدان زِ یمہِ ساتہٕ آئینسٹائنن رلیٹوٹی ( RELATIVETY )
تھیوری پیٹھ تحقیق اوس کران بِلکُل تمۍ ساتہٕ اوس پکاسو تہٕ کیوبزمس (CUBISM)
منز تجربہٕ کران۔

ٹھیک یتھےٚ متوازی رشتہ چھُ سانہِ معاشی معاشرتی کیہو سماجی ارتقایی
عملہٕ تہٕ ادبس درمیان تہِ۔ تہٕ زن گوٚ یِلہ ملکُ آزاد سپدُ نہٕ سائنسی تہٕ ٹیکنکی ترقی
سانہِ بقاہ خاطرٕ اکھ لازمی کتھ بنیہ ییر۔ اُسی پزارسے ییہ نہٕ کانٛسہِ مارکونی یا ایڈیسنہٕ[۳]
سندِس کھنہ پیٚنس تہٕ نہ کور اسہ تتہ پیٹھہٕ یہِ سفر شورو ییتہٕ پیٹھہ ترقی یافتہٕ ملکو یہِ شورو
اوٚس کورمت۔ بلکہ کرٕی اسہ ابتدائی تحقیق تہٕ تجربکۍ وار یاہ منزلہ (BY PASS)
تہٕ شورو کور تمہِ مقامہٕ پیٹھہٕ یُس سانہِ ماحولہِ، مزاجہ تہٕ سماجی، سیاسی کیہو اقتصادی
حالتو موجوب مُناسب اوس۔ چونکہ ادب چھُ نہٕ زندگی ہندِ و یمو شولو نِشہِ کانٛہہ
بدٕون چیز اوسہٕ موکھ روُدٕ امچہ ترقی ہُند اظہار نہٕ کم وبیش یتھےٚ، تہٕ یہ چھےٚ نہٕ کانٛہہ
ہیڈٕنی لایکھ یا عجیب کتھ۔ امہِ بیانک مطلب چھُ نہٕ ہرگز تہٕ یہ زِ صرف کیا ساپز نقالی
یا یہ زہ مضمون لِگار کیا چھُ ادبس منز "نقل نویسی" ہنز حمایت کران، بلکہ چھُ مُدا
صرف یہِ کتھ کھرکرنی زہ سانہِ افسانوی ادبک ارتقائی عمل نہ چھےٚ غار فطری
تہٕ نہ غارحقیقی، بلکہ باسہ ہے یہ تمہِ صورتس منز ژزہی یا کھٚی غارحقیقی ہرگاہ امہِ کس
تہٕ زندگی ہندٕین باقی شوبن ہندس ارتقائی عملس منز ییتہ ہشر نہٕ متوازی رشتہٕ
دٕ ننھ گژھہ ہے نہٕ۔

کاشر افسانہٕ آو آزادی حاصل سپدنہٕ پتے تمہِ ساتہٕ وجودس ییلہ ملکس
اندر مختلف سیاسی جماژ ونکھہ پکھہِ واہراونہٕ خاطرہ پننۍ پننۍ دکان لوہ سرہ
چمکاوٕنی اُسی ہیتی متۍ۔ کھوورِ درِچہ پارٹی آسہٕ زیادہ منظم تہٕ تُلکچہِ ثقافتی کیہو
تمدنی زندگی منز تہٕ اوس مختلف انجمنو کمہو تنظیمو ذٕریہ یہ پنہند اثر بسٹھاوُسی

تہٕ زور دار ۔ یہ اوس سہٕ دور یٚلہِ ملکی پیمانس پیٹھ کێنٛہہ ادبی تحریک نظرِ اَس گژھان ۔ تہٕ سو گیے یہ ترقی پسند تحریک سائنس ریاستس منٛز تہٕ یمو بزرگ ادیبو شرح کمی موجسوس اکرٕ تتھ کاشرِ پاٹھی افسانہٕ لیکھنک دسلابہٕ کور تِم تہٕ آسی سیٚد سیود یا وٕ گہٕ اُتھی سیاسی تحریکہِ ستی والبتہٕ ۔ چنانچہ سپد کاشرِ افسانک آغاز تہٕ ترقی پسند تحریکہِ ستی ۔

گوڈنیک افسانہٕ لیس چھاپ سپد تمہ لوکن برونٛٹھ کنہِ آو اوس شری دینا ناتھ نادم سُند "جوابی کاڑ" ۔ اتھ ستی سپد شری سوم ناتھ زتشی سُند افسانہٕ "یٚلہِ پھول گاش" تہِ شایع ۔ یٚلہِ کہ چھہ یتھ کتھ متعلق متضاد رایہٕ ز کاشرِس افسانس لوگہٕ "جوابی کاڑ" ستی کن کنہٕ "یٚلہِ پھول گاشہٕ" ستی ۔ کێنٛژن بزرگ ادیبن ہندونٛ چھہ زِ گوڈہٕ آو "یٚلہِ پھول گاش" لیکھنہٕ مگر چھاپ سپد گوڈہٕ "جوابی کاڑ" تہٕ اتھ دقتہٕ اتھ تحریکہِ ستی والبتہٕ اکێنٛژن بزرگن ہنٛزٕ رائے چھے اتھ مختلف ۔

بہر حال یہ بحث اوٚک طرف تراوتھ چھے یہ کتھ سکہٕ زِ کاشرِ افسانک آغاز سپد ترقی پسند تحریکہِ پیٹھے تہٕ اَمی کرٕ تِم معیار کیہو میزان کُنہ لیس ویشہِ یا مشکلہ لغار قبول یم اَمہِ تحریکہِ خاطرہٕ لازمی آسی ۔ یوہے وجہ چھہ زِ اَمہِ دور کی کم و بیش ساری افسانہٕ چھہِ تِمو افسانو لٕنشہِ کیہنہٕ خاص مخلف یم اَتھ تحریکہ تحت ملکہٕ کین مختلف حصن منٛز مختلف زبانن اندر اَتھ دورس منٛز لیکھنہٕ آیہ ۔ غلی کہِ چھہ کُنہ جایہِ جائز آنی ہندِس حدس تام پراگرافن ہندی پراگراف ہوی تہٕ اَکی آیہٕ مانہٕ لیکھنہٕ اَمتہٕ مثالے :۔

"........ رتہٕ کول سورُ نے چھہ اتھ اکولہِ آب رائسی زن گژھان نہٕ گامی گامس آبہٕ کامن گژھان ۔ تو ے چھہ گاش پھولنہٕ پیٹھہٕ اَڈٕ راتن تام آلبس منٛگ آسان ........ از تہِ اوس گامی گام آبہٕ دادہِ زن ژستھ آمت ........"

(افسانہٕ "زٕسے" از دینا ناتھ نادِم کونگ پوش جلیے ۱۹۵۰ء)

تہٕ

"........ گامکین لسکینَن اُوس اکھ زِ دوہہ بروٗنٹھہ خوف
نِ خوشکی مار گوٚڈہ نہٕ سپدَن ........ پہاڑٕچی نالہٕ پٮ۪س گامکین
دان کھہن سگ اوس دِوان، اوس دانہٕ پینہٕ برٕد ہیے ہوٗ کھمت.
یمہٕ کنہِ گامکی لُوکھ اٰسی ہر وزِ ڈیکہٕ زُوٚکرِتھ آسان ......."

(تامِل افسانہٕ "ہالو" از راج رتنم ترجمہٕ سومناتھ زتشی
چھاپ کونگ پوش جلیے ۱۹۵۰ء)

واقاتن تہٕ ہیہندِس بیالس مَنٛز اَمہِ مشرک سبب ہیکہِ نہٕ محض ہوی حالات
اُستھِ. تکیازِ حالات ہوی اُستھِ ئلہِ کٔنی اُستھِ تہٕ چھہِ فردٕ سند ردِ عمل انفرادی
آسان. تہٕ ظاہر کتھا چھیے زہ بیلہِ ردِ عمل انفرادی آسہِ بافتھ کرنک یعنی یہ ردِ عمل
باونک انداز تہٕ آسہِ اَمی اَنہِ مانہٕ. ئلہِ چھہٕ اَمہِ مشرک وجہ بہ باسان زِ اتھ تحریکہِ
تحت یہ کینٛژھا تخلیق سپدٕ نہٕ سپدٕ اکس فارمولاہس تحت تہٕ فارمولا بامے کنہٕ
تہٕ جابہ بیتِن ورتاونہٕ نتیجہ آسن ہوی، یوہے وجہ چھہٕ زہ اَمہِ دورٕکین افسانن ہنٛز
فکری سطح چھیے ہشی نہٕ موضوع کہ اعتبارہٕ نہٕ چھیے یمین منٛز خاص کانہہ رنگارنگی
نظر گژھان تہٕ نہٕ چھیے اسٹوٗلس بیالس یا ہیتس منٛز کانہہ خاص فرق باسان.
البتہٕ اٰس صرف لیکھن واَلی سنٛز ہونر (CRAFT) اکِنہٕ ادب پارس
مقابلتن زیادٕ پزٕ یہ دِل یا سہٕ وُن بناوان. مثالے ارجن دیو مجبور سنٛدِ
"کوٚلہِ وان" ناوٕکہِ افسانک زٕ حمہٕ چھہٕ نہٕ دینا ناتھ نادمٕ سند افسانہٕ "شینہٕ
پیتو پیتو" کہ کردارٕ نِشہِ خاص کینہہ مختلف. دوشوے چھہٕ اَکی سے
فارمولاہس تحت گرنہٕ آمتی اوٚکنہِ چھہٕ دوشونٕ ہنٛزٕ زندگی ہندٕ کرٕ پھیر سختی تہٕ دوکھ

سو کھ ہیوٗی ۔ دوٗشوٕنۍ چھےٚ نِنٛۍ نِنٛۍ ذات لُکھ ہٕنٛز آفرِ ترآوے چھُہ دوٗشوٕنۍ ہُنٛد نفسیأتی وجود تہٕ مصنوعی ۔ پوز ناؔدم صاؔبنہٕ ہُنر مندی (CRAFTSMANSHIP) چھہ اُمِس کردارس تیُتھ جامہٕ وٗلِمُت زِ یہ چھُہ مقابلتن زیادٕ (CREDIBLE) اٲرِیہ وُن تہٕ سنہٕ وُن باسان ۔

"........ بہٕ اوٗسس نہٕ تسنٛد مرُن سوٗرِ نہٕ ہیٚکان، تہٕ اوٚتے تام وأتِتھ اوٗسس بہ بدل کینٛہہ یاد پاوان، شاید سہ دوٚہہ یِلہ بہٕ گوڈٕ نتھےٚ پٔنٛنِس مألِس ستۍ شہرٕ وُزِ صوس، تمن دوٚہن اوٗس شہر دوکم "مارشل" چلان تہٕ لوکن اُسۍ نُمایشہِ منٛز کھأرِتھ ٹکٹکی ستۍ رٔٹِتھ ڈأڈی کران تہٕ کیٚنٛہہ کیٚنٛہہ رچایکھہ اُسۍ گأڈ کدلہٕ نکھہٕ تہٕ پکہٕ ناوِتے یِڈ یِتہٕ ۔ میٚے اُمس ماجہِ مکایہ ژوچہِ ہیٚکن ڈٔزمِژ لوسہٕ میٚے نالس گنٛڈِتھ اُمِس تہٕ یِلہِ یِڈ کھوٚ کھجہِ لِکان سو آکم مٔژرٔنہٕ میٚے دِژایہ تِتھ کھچھ مگر ہیٚچھےٚ آیادٲکھ بندوٗقی تہٕ تمۍ ژھٕنیانم بندوٗقہٕ ٹاس اتھس ۔ میٚے چھُہ وُنہِ تمیک آکھ ڈٕجھنِس چھاپ نیس بہ یادِ پیٚتھ اوٗسس بہٕ جَل جَل اَتھِ کڈان تہٕ اتھ تمۍ مایہِ لیوان ہیٚمہِ مایہِ گأو چھےٚ ڈٕژھس تمہٕ پیٹھ تن پھیشان............"

( افسانہٕ "شینہٕ پیٹھ وٚ پیٹھ وٚ" مصنف دیناناتھ ناؔدِم چھاپ جنوری ۱۹۵۲ء )

اتھ مقابلہٕ یِلہِ اُسۍ ارجن دیو مجبورس سنٛدِ "کولہٕ وانگ" رٕچھمہٕ چھپن وُچھان سہ چھُہ اُمۍ فارموٗلہک پأداوار آسنہٕ باوجود تہٕ سٔہلٕ سطحی تہٕ سرسری باسان ۔ گو تسندی حأرٔ ذات چھہِ نہٕ "شینہٕ پیٹھ وٚ پیٹھ وٚ" کہٕ بہٕ" کردارہٕ لِشہِ خاص کینٛہہ بیوٗن ـــــ ہمِس اگر مکایہ ژوٗٹ، وألِس حأصِل کرنس پیٹھ "بندوٗقی" اَتھہٕ زٕمی

چھِ کران یمِس چھُہ "وشکہٕ ژوچہٕ" ہنٛد اچھاو "بے ہوش" کران۔ ہہٕ اگر "مارشلک" شکار چھُہ یہِ چھُہ "جاگیرداری" تہٕ "چک داری" ہنٛد —— لوٚز ناٹم صاینٛہ ہونر چھُنہٕ شینہٕ پیتو پتو مِس اَمہِ دوٗرُک اکھ نمایندہٕ افسانہٕ بناوان تہٕ اتھ برعکس چھُہ ارجن دیو مجبورٕ سنٛد "کولہٕ وان" اَمہِ ہونرِ شنٛز کمی موکھہٕ فارمولاہس تحت گرنہٕ آمُت مسا خاکہٕ باسان۔ بلکل یہے فرق چھُنہٕ عزیز ہارونہٕ سنٛدس "زوٗن" اچھاپ ۱۹۵۱ء تہٕ علی محمد لونہٕ سنٛدِس "یم لوٗکھ" ناوکِس افسانس درمیان تہٕ[1] تہٕ نور محمد بٹہٕ سنٛدس افسانہٕ "ژوٚر" اچھاپ جُلے ۱۹۵۵ء تہٕ صوفی غلام محمد سنٛدِس "تہٕ ژوٚر" اکونگ پوشُ اکتوبر ۱۹۵۵ء ناوکِس افسانس درمیان تہٕ۔

گو ۱۹۵۴-۵۵ء ہس تام آسن ترقی پسند تحریک ژھوکنہٕ ہٕشر مگر ‘HANG-OVER –) اوس ونہِ باقی۔ اَدتٕ تام یِم افسانہٕ اتھ تحریکہِ تحت لیکھنہٕ آیہِ تِم ہیٚکو کھُ اسی دون حصن منٛز تقسیم کرِتھ۔ اکھ تِم یِم کھیٚلہٕ ذہنس (HARD MENTALITY) تحت لیکھنہٕ آیہِ تہٕ دوٚیِم تِم یِم ہیوٗہ فارمولایی موضوع آسنہٕ باوجود تہِ فنی اعتبارہ مُکمل افسانہٕ چھِہ تہٕ لوہے دوٚیِم ہیوٗہ قسم چھُہ سانہِ آزکہِ افسانُک مولادار تہٕ اتھ اہم دورس متلق محض یہُے ونتھ ژلوٗ ذکتھ کرِ ذ چھُہ پزرٕ لنشہِ اُچھ وٹنس برابرز ——

"...... امیک ردِعمل رُود پانٛژہ داہ وُری تانی تہٕ پتہٕ
ہیوٚتُن وارہٕ وارہٕ سوتن ........ ستی ہٕشرن باقی مُصلحژ تہ
بارسس ینہٕ ........"

(رتن لال شانت "کاشر افسانہٕ ازنہٕ پگاہ"
شیرازہٕ ستمبر، دسمبر ۱۹۷۴ء)

---

[1] یہِ افسانہٕ سپُد ۱۹۵۵ء ہس منٛز اَکھ عنوانس تحت کونگ پوش رسالس منٛز شایع تہٕ دوٚیمہِ لٹہِ آیہ "فرزہٕ تج" عنوانس تحت چھاپنہٕ۔

حقیقت چھُے یہ زِ یہ "ردِ عمل" سوٚتیاو نہٕ بلکہِ آیہِ اتھ تجرُبو تہٕ منٛز لو منٛزی گذرِنہٕ پتہٕ سنجیدگی۔ طِفلہٕ ہیوٚتن بالیغ سپدُن تہٕ ولولہٕ انگیز نارہٕ بازی ہنٛز جاے رٹ خیالاتن ہندی سنرِن تہٕ فکری تھزرن۔ لوٚزِ یہ سورے اوس نہٕ اکھ اَکِس لشہٕ ہیوٚن بلکہِ آس یہ اکھ مُسلسل عمل یوسہٕ از تہٕ جاری چھُے تہٕ لگاہ تہٕ جاری روزِ۔ کانٛہہ خاص دور یا ہنٛج چھہ نہٕ حتمی یا پالس منٛز مکمل آسان نہٕ کنہِ خاص دورس مصلحتن لوٚش کھارنہٕ خاطرہ سہ پننہٕ پتہٕ کالہٕ لشہِ الگ کرٕتھ وشرھناوُن چھُہ نامناسب تہٕ تہٕ غارِ منتقی تہٕ۔ کاشُر افسانہٕ نِگار کمہِ انہٕ ماننہٕ اوس دوٚ ونہٕ ہنٛدِس فنس متعلق سوچنہِ لوگمُت تمِیُک اندازہٕ چھُہ کمہِ ستی گژھان زِ۔

"........ انسانس چھہ لوان زندگی منٛز ساسہٕ بڈی تہٕ ہیتہٕ بڈی حادثہٕ تہٕ واقات پیش یمِ حادثہٕ چھہ تراوان اَہندِس ذہنس پیٹھ کانٛہہ نہٕ کانٛہہ اثر........ منتقی چھُہ شرآبی تہٕ زاری بنان سنٛز ژٔدر چھُہ لوٚڈ بارہٕ امانت داربنان ........ متہِ شراونچ اکھ نِژریا چلے کلانک اکھ نرِ کوٚنڈ اتہٕ ہیکہِ افسانہٕ بنٕتھ)........ یا شیٹھہٕ وُرشہِ بجہ چھُہ ینٛن مہرنہِ تون کالسہِ ہنٛدِ دریابہٕ بیزار ستی یاد پیوان۔ سو کیا چھُے تمہِ ساتہٕ سوچان پتہٕ ہیکہِ افسانک موضوع بنٕتھ........"

("افسانس متعلق کینٛہہ بنیادی کتھہ" از اختر محی الدین ۱۹۵۵ء)

سوچنکس اتھ اندازس ہیکو نہٕ سوٚتن وُنتھ بلکہِ زِ نتھ دِتھ فنکہِ سفرچ سوٚتھ بدہِ کڈنچ کوٚشش یمیُک کانٛہہ موڑ، کانٛہہ پڑاو، کانٛہہ دوریا کانٛہہ منزل حتمی چھہ نہٕ آسان۔ یہ چھُہ سٔہی زِ سفرکِس اتھ پڑادس پیٹھ واتنہِ ہیوٚت سومناتھ زِتشی، دیناناتھ نادم، نور محمد روشن، ارجن دیو مجبور تہٕ عزیز ہارون

ہیوٗلو پیش پکھ افسانہٕ لگاروٗب گرستی سپدی کیہہ نوی لیکھن والی تہٕ اتھ کاروانس ستی شامل ییتھ پاٹھی ہیکو اتھ دورس اکہِ حسابہٕ کاشرہ افسانوی ادبک عبوری دور تہٕ ونِتھ۔ محمد امین کامل چھ اتھ دورس متعلق لیکھان زہِ۔

"........ پیش پکھ افسانہٕ لگارن ہندی قلم رائیسر گژھنس ستی آیہ نوی انسان نبرو نیتھ تہٕ ییتھہِ پاٹھی رودامہِ ادبی صنفک ناگہ راد پکہ وَن۔ اختر محی الدین، علی محمد لون، صوفی غلام محمد اُمیش کول، ہردے کول بھارتی تاج بیگم تہٕ پیش پکن اندر ئیتی مین دوہن شامل گژھن ووِل امین کامل۔ ۱۹۵۵ءٕ پیٹھہ ۱۹۵۹ءٕ تام پانژن وَرین رود افسانہٕ یمہ نے ادبین غنڈی انڈی پھیران۔ یم پانژہ ورِی چھ اوہ کینہ اہم زِ سانہ افسانکہ تریہ گوڈنکی اہم اسلوب چھ یمہِ نے وَرین منز رنگ رٹان۔ سہ گو اخترن، کاملن تہٕ اُمیش کولن ........"

(اُزیک کاشر افسانہٕ شیرازہٕ اگست ۱۹۶۷ءٕ "کینژہا افسانس متعلق" از محمد امین کامل۔)

"افسانس متعلق کیہہ بنیادی کتھہ" وشرحہٕ نادن والِس ادیبہٕ ہنز فکری سطح تہٕ بادتھ کرنک فن کتھ معیارس پیٹھہ اوس امہ ساتہٕ، امیک اندازٕ چھ اختر محی الدینہ سند "دٔری یایہ ہندٕ ییزار" افسانہٕ پرنہٕ ستی گژھان، یتھ ازتہ سنگِ میلچ حیثیت حاصل چھ تہٕ یتھ منز زندگی ہندہِ متہ "شرادپنچ اکھ زٔر" تہٕ "چلیے کلانک اکھ ترہ کونڈ" وکھنتھ یہ نبرہ یتھ دورک نبر رچھ باسان۔

ترقی پسند تحریکہ پتہٕ کس اتھ دورس ہیکو اُسی کاشرہ افسانوی ادبک درمیانی دور تہٕ ونِتھ۔ اتھ منز کانہہ شک چھنہٕ زہِ اتھ دورس ستی وابستہ

کیہہ افسانہٕ نگار اُسی ترقی پسند تحریکہِ ستی تہٕ والبتہٕ رُودی متہ مگر ووٚنی اوس کاشُر افسانہٕ نگارِ فارمولائی دورہٕ نِشہِ آزاد گژھتھ موضوع علاوہ سوچنہٕ لوگمُت۔ یوہے وجہ چھُ زِ امہِ دورکہِ افسانہٕ چھِنہٕ ترقی پسند تحریکہِ دوران لیکھنہٕ آمتین افسانن ہِندی پاٹھی یک رنگی۔ امہ دورِکین افسانن منز چھِ گوڈنکہِ پھیرہ یہ اِحساس گژھان زِ کاشُر افسانہٕ نگار چھِ ژینتھ زندگی ہنزہ تمہِ گرمی ہُنز کتھ کران یوٚسہٕ تسندہ اوٚندپکھہٕ خاطرہٕ تہٕ تیژ ربے ضوٚروٚری چھےٚ ییژا یہ تس ذاتکہٕ بقا خاطرہٕ چھےٚ۔ یہ چھُ نہٕ کھوکھر لوٚنار دستہِ انقلابکِ شالی تار کھا ہوٚنچ کوشش کران۔ بلکہ ذاتکُ دوٚد تہٕ دۄکھ سوکھ ہنزِ انہِ ٹکس منز بدِ گنڈتھ کینژہا دوٚر کران تہٕ کینژہا دوا ژھانڈان۔ گوڈنکہِ پھیرہ چھُ اِحساس گژھان زِ افسانہٕ نگار تہِ چھُ اِنسانے تہٕ تسندُ دوٚپ چھُنہٕ ووٚزمیکُ گاش۔ بلکہ سُہ PHENOMEN-

ON- ایتھ گاش تہٕ ہنُن چھُ تہٕ انہِ گٹہٕ تہٕ، تاپھ تہِ ہنُن چھُ تہٕ شُہل تہٕ۔

...... کیژِ لٹہِ وچھ راجن، بھوشنہٕ تہٕ ہُر ہتھ لٹہِ ژیتر
امہِ تسندس ہتھس پیٹھ اکھ عجیب اَسُن تہٕ نظرن منز اکھ عجیب سِرہیہ۔ زنتہٕ اوس تمِس دِین اَسان اَسان کسُ تام شاپھ دِیمُت زنتہٕ اوس سُہ ژھُہان اُمس کیاہ تام وَنُن ......... چانی کنِہ چھُ زندگی منز اکی سے جایہِ واتُن، نہٕ ییہے چھےٚ باسان سیٚز تہٕ ژھوٚٹ وَتھ۔ مگر زندگی منز چھےٚ کانہہ کانہہ سٔنز وَتھ کُنہ کُنہِ لوٚٹان تہٕ۔ تہٕ لِس سہلاب باسان لتہٕ مونجہ کورُم، سہ آسان گومُت کُنہ کُنہِ سٔری پیٹھی"........"

(افسانہٕ "اُڈرِ کتھ" از اُمیش کول چھاپ ۱۹۵۵ء)

بھوشنہٕ آسنک "شاپھ" چھُ افسانہٕ نگارس پنُن شاپھ، نتہٕ وجودکِس

اُنس منز اَندی پکنک دِلسپ گومت اکھ ژلوہ زندگی ہُنرٕ "شیزرتہٕ ژھوپہ وَتہِ" ہند بڑم
چھُ ذاتک خاب تہٕ "وتھ لوٹنک" یا "سیلاب سٕری" پیٹھ گژھنک احساس
چھُ اکھ تژھ ژبنہٕ وَن (اَمِ کہِ ژتناتہِ) یوسہٕ ذاتی تجربک دِیت یا حاصِل چھُ،
یوٚہے وجہ چھُ زِ باوتھ کرنک انداز تہٕ چھُ انفرادی۔

کھلۍ ذہنیت تہٕ فارمولایی کاژلشہِ آزاد گژھتھ ذاتچہِ ژتنایہ منز باوتھ
کرنکۍ اَمی اندازن دِژ کاشرِس افسانس اکھ تژھ رژر تہٕ صحت مند پرمپرا یتھ
پیٹھ اَزکہِ افسانچ منڈو کھڑا چھِ تہٕ تہِ حقیقت تسلیم کرنَس منز نہٕ گژھہِ اَز کَسِ
افسانہٕ نگارس تہٕ نہ نقادس کانْہہ گال باسُن۔ اختر محی الدینہ سُند افسانہ
"دَندہٕ وزن" دیپک کولن "سفر تہٕ ستی وآلی" علی محمد لونن "فرضہٕ تٕچ" تہ امین
کاملن "نو دتا ون" تہٕ "کوکر جنگ" ہوی ہیلہِ پایہ افسانہٕ چھِ اَمہِ دورچ اہمیت
واضح کران تہٕ اَمہِ دورکین افسانن یا افسانہٕ نگارن متعلق کیٚژن نقادن ہند
یہِ وَنُن چھُ نہٕ منطقی باسان زِ کم کیا اَمی پزرلشہِ "نکھہ موران" یا وٕقتکس گتس
ستی ژھانٹھ وانہٕ بدلہٕ پھٹن پیٹھے بہتھ گامتی"

سوال چھُ ہرگاہ بسی وانلہٕ سُند دوکھ دود تہٕ فرضہٕ تجہ ہند کرکھ پسانہ
تَمہِ وقتکہِ سماجک نہٕ معاشرک پزر چھُ نہٕ ہرگاہ "لو تاونک" پزر وقتکس گتس
ستی ژھانٹھ وانیس برابر چھُ نہٕ (یہ بحث اک طرف تراوتھ زِ صرف اَمی ستی
کیا چھُ کانْہہ ادب پارہٕ عظمت پراوان) تیٚلہ کتھہ دلو "وقتکس گتس" ستی ژھانٹھ
وانی؟ حقیقت چھے یہِ زِ لوتام نہٕ کانْہہ تہِ فن پارہٕ پننہِ وقتکِس مخصوص....
چوکاٹھس منز نِھادتھ پرکھاونہٕ ییہِ تو تام گژھہِ ہمیشہِ پزرس پیٹھ اَپزیک گمانہٕ
تہٕ اَپزس پیٹھ پزرُک۔ ممکن چھُ زِ وُنِ کین باسہِ تَمہِ وقتہٕ کِس اختر سُند
موضوع تہٕ تٔہنْد بیانیہ انداز تہٕ کانْہہ سنز ژرچ لفظہٕ ژٔرا اکھ فطری نہٕ عام کتھا،

لون صأبٕن اسلوب تہٕ اُمیشن فِکری انداز اکھ شیز تہٕ سادٕ عمل، مگر لیوہے باسُن بٔلیہِ وُہہ پٔنژ رہہ وٕری پتھ کٕن ژھال نِتھ کھوچہ کھاران چھِن تیٔلہِ چھُ یہ "باسُن" غلط باسان۔ یِمہِ لوٗرِک تہٕ جدید مینک لگارٕ (فہمیدگی کنہٕ، دیکھ دیکھی یا فاشنہٕ کنہِ) ژوہ اپٲری داینہٕ چھُ لوان، تمیک شعوری احساس چھُ تُس ادیبس تہِ لیس درمیانی دورٕ پیٹھٕ اتھ سفرس ستی چھُ۔ ۱۹۵۵ء ہس منز "افسانس متعلق کینٛہہ بنیادی کتھہٕ" لیکھن وول ادیب یٔلہِ اَز کل افسانس متعلق کینٛہہ دنان چھُ تسنز سوچن ترا ے تہِ چھےٚ لوٗاِنہار پٕچ نشان دِہی کران۔

...... بیٚیہ پیچیدٕ تہٕ تہہ در تہہ زندگی چھےٚ تیوٗ تے پیچیدٕ تہٕ تہہ در تہہ چھُ ادب تہِ۔ زندگی تہٕ اِمکین مختلف شوٚبن متعلق آے از ابتداِ مختلف فلسفٕ تہٕ نظریہ پیش کرنہٕ۔ اما یِمو فَلسفو تہٕ نظریو منز کتھ اکِس وَلو مکمل؟ یِدوے کانٛہہ اکھاہ مکمل آسہے تیٔلہِ آسہے انسانی ذہنس تہٕ سوٚنچس وہ ژوَ تہٕ اندس پیٹھ ٹھوٚر لوگمُت۔ مگر اَسہِ چھِ پٔریتھ کالس منز تہٕ پٔرتھ وِز کاینا تکٕ نوٚگوشہٕ نہٕ لوٗ ترایہِ وچھتھ عالمان سپدِتھ نوی فلسفہٕ تہٕ نوٚی نوٚی نظریہ قٲیم کران، بلِکل یتھےٚ کنہٕ ہیکو ادبس متعلق تہِ وٕنِتھ.....
.... یِتھِین حالاتن منز گژھ اکِس نِہج یار پٔجالس وَلو آخری تہٕ حتمی؟ یہ چھُ سوال!......"

(اختر محی الدین "گوڈٕ کتھ" شیرازہ مارچ - جون ۱۹۷۵ء)

اتھ منز کانٛہہ شک چھُ نہٕ زِ یہ "سوال" چھُ اکِ ژینک احساس مگر احساسُک یہ منزلہِ چھُ نہٕ اکہِ ژینکُ دیُت ٲلکہِ وٕری وادن ہنز ارزنتھ، ذاتٕچ تہِ تہٕ زمانٕچ تہِ۔ توے ہیکو نہٕ امیُک سہرٕ صرف اکِس فردٕ سٕنز یا کُنہِ خاص دورٕچ

شیٚرِ گٔنڈِتھ۔

درمیانی دورکِس آخرس کُنہِ ہیوٚہ سپدِ اَتھ کاروانس ستی کیٚنہہ نٔوی
ادیب شامِل تہٕ کیٚنژو پرانیو سفر دراو ہیٚوت لوٚب۔ نوٚی اُدیب آسی نہٕ کُنہِ
تحریکہِ سیاسی یا ادبی نٔنشہِ بلکہ کٕہِ جواب دِنہٕ۔ اَمو کھۄہ اُس تِہنٛز ذاتی سوٚمبرن
تہٕ ذاتکۍ ژھینٛپہٕ تہند ین افسانن ہنٛد بیٚنہ وونُن۔ یہ اوس امہ وقتک نوٚو تہٕ
جدید افسانکۍ گوڈ، لیکن تمہِ وقتکۍ کیٚنژو نقادو تہٕ ادب نوازو رد کوٚر تہٕ
کیٚنژو قبوٗل کوٚر۔ اوتار کرشن رہبرٕ سنٛد افسانوی مجموعہٕ "تو برکھ" تہٕ کوٚر تمہِ وقتکو
بیشتر روایت پرست نقادو یہ ؤنِتھ رد زِ اتھ منٛز شامِل تمام افسانہٕ چھِ محض
خاکہٕ تہٕ یہ چھُ مسا خاکن ہنٛد مجموعہ، تہٕ کیازِ اتھ منٛز آسی نہٕ ؤچھن مصنوعی
واقعن منٛز ہینہٕ آمتی شاپہٕ لد تقریر باز کردار زورٕ زبردستی یمہ نیتہٕ گرنہٕ آمتی
نہٕ یمِ گژھن عرکس کھلاڑی سنٛدی پاٹھی تمی تارہِ رٕزِ پیٹھی پکینی لوٚب
لیکھن والی صرف ینٛس ذہنس منٛز جاے مژٕ چھے۔ تمِ آسی لوٚپت منظرس منٛز لکھاری
سٕنٛز فکری سطح ڈکھہ آسنہٕ باوجود تہٕ بظاہر عام النٲسہٕ سنٛدی پاٹھی گہے دٕتہِ
راوان تہٕ گہے منٛزلس واتان۔ گہے کلان تہٕ گہے ظوطہٕ ہی لولان۔ تمن ستی والبتہٕ
کانٛہہ تہٕ واقعہٕ کانٛہہ تہٕ حقیقت چھے نہٕ تیٚتی تیار سانچ کتھ۔ تِہنٛزِ زندگی
ہنٛد تا پھُ شہُل، دوہہ کھ سوکھ چھُ لکھاری صرف بیان کران تہٕ ژینان چھِ
تمِ ینہٕ ترٕ چرٕ حسابہٕ پانے۔ تہٕنٛد احساس تہٕنٛد شعور چھُ تہٕنٛدہ ماحولکۍ
دیٚت باسان تہٕ زورہ لیٚتر نہٕ آمت خیالی پٔر رنہٕ کیٚنہہ۔ ادے چھے نہٕ یمن منٛز عام
قسمچ سوٚ دیٚٹھ پوٚٹھ ڈرامایت تہٕ نظر گژھان لوسہٕ اُکس روایت پرست نقادس
اتھ افسانوی مجموعہ تسلیم کرنکۍ قٲیل کرہے تہٕ کیمچ اَسہِ اوٚت تام حاصل ہشش کامژ
اُس۔

یِتھہ ہوٗ تہٕ بانٛنے قیمکی لوکٹی ٹُکڑی ۔ اہم کیہو گاش اہم لُوی تجربہٕ گیہ اکہِ طرفہٕ
موضوع تہٕ ہیٔتکہِ اعتبارہٕ ژھرہٕ پوٗرٕ وُنہٕ علاوہٕ رنگارنگی بخشان تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ
بنیوو یہ ورگہٕ زندگی ہنٛز لوٗ حقیقت لوٗ اندازٕ باوُنہٕ باپتھ لکھارِ ی ہنٛدِ مقابلی
ایحساسک سبب تہٕ یمہ ہیتھ کاشُر افسانہٕ تتھ مقامس پیٹھ ووت یتہٕ نٕس یہ
دُنٛی کہن دُر ہینٛٹھی گژھان چھُ ۔ ترقی ہنٛد مسلسل عملک لوٗ ہے اظہار ُ چھتھ چھُ
چاکہٕ رکھہٕ تُرٛاو تتھ یہ بہٕ بندی کرنٛی غلط زہٕ ازیک افسانہٕ کیا گو یتھ یمہ سنہٕ کہِ
یتھ یمہ تاریخہٕ پیٹھ شورُع یلہ فلاٛنی افسانہٕ لگارن فلاٛنی افسانہٕ لیکھاو۔ البتہٕ چھُ
اَمِچ ژینہٕ وَن ١٩٦٠ ءس دٔہلکس گوٚڈنکس حصس منٛز مبلان یلہِ زَن کاشُر
افسانہٕ ملکہٕ کس اَدبی منظرس منٛز پنُن مقام حاصل کرنٕس اَہل سپد تہٕ ١٩٦٠ ءکس
دٔہلکس آخری حصس منٛز سپدِ اَمکِ کم نقوش زیادٕ واضح تہٕ لوٗ ہر گو زیادٕ
ژینہٕ دُن، یلہِ "گہے تاپھ گہے شہُل"، "سیٹھا موموٚلی"، "شکست" تہٕ
"درو" ہی افسانہٕ شایع سپدی ۔

لوٗ ژتنا یہ ہنٛز ایماندارانہٕ باوتھ کرنہٕ خاطرہٕ اوس روایتی سانٛچہٕ ردکرُن
ضروٗری، تیٚلی ہیکہ ہے موضوعس تہٕ ہیٔیتر درمیان ہم آہنگی آسِتھ ۔ ژتنا
چونکہِ چھے ژینہٕ مطابق ذاتیچ ارزتھ آسان ۔ اَوَے بنے یہ باوتھ کرنٕچہ
نہجہ تہٕ ذاتی تہٕ ہیٚوٚن ہیٚوٚن، اکھ اَکس لِنش بلکل مختلف، یم آسی کنہِ خاص
"اِزمس" یا "وادس" ہیتہٕ برکیٹ ہکو کھرنہٕ کرِتھ ۔ (یہ PHENOMENON
چھُ جدید ادبس منٛز یتھ جایہ دُر ہینٛٹھی گژھان ( قدرن ہنٛز ژھوکہ ونہٕ پایدآری
لٔیژھ نہجن تہٕ مشروط برزکس کھٔرس منٛز ہینہٕ آمتس ووتل بجہ کرِنس
انسانہٕ سند ژھہر یتہٕ ژھہ ہٕ بالُون پوٚز اپز ژینہٕ تہٕ بیان کرنہٕ خاطرہٕ ییٚہ
لکھارس پانہٕ تہٕ ووتل بجہ کرنہٕ، ریاکاری، کونٛکھ (ASUMED POISE

تہٕ پاسہٕ پٕرزناونٕکہٕ کھٔر آدی ہی واریاہ موکھٹی پیٹھ تٔس ثرحنہٕ تہٕ ثرھنکُ دایہ برنہٕ ورأیی ہردٕ پنکہٕ پأٹھٕ دأرِتھ دِنہٕ۔

سُہ نمرود اوسُس بیہٕ یمی کان لوے۔ سُہ شودِ تہٕ اوسُس بیہٕ یمی تارِ کوٗلِس ٹھول لأے، دوٕ شوے وَقتوٗ لأج میے پانٕے کٔرِتھ۔ "موٗدہا موٗدہا" یہ کٔرِتھ لأجِم ایماندأری سان۔ بہٕ ہے وُچھان اوسُس تو ہُند مُرن۔ مگر وونٕی روٗد نہٕ سُہ کھوژناوُن وول اَنہٕ گوٗٹ۔ سُہ وَتھ راورناوُن وول اَنہٕ گوٗٹ وونٕی چھُم باسان ییٚتہٕ لبہٕ اپارِ ـــــ مگر کیاہ؟

(افسانہٕ "ژٕھے چھُکھ ژٕہے چھُکھ"۔ اختر محی الدین)

افسانہٕ نگار چھُ نہٕ وَوٕ زمیک گزٕ رٕٹِتھ پٔزٕ اَنزرٕچ، جان ناکارٕچ، یا گوناہ ثواپٕچ لِشان دِہی کران نہٕ چھُ تماشہٕ بینہٕ سٕنٕدِ پأٹھی دوٗر بیتھ والنٹیری آیہٕ عوامچہٕ بہتری باپتھ سنہٕ دو گنیکُ اعلان کران۔ ٹٔکہٕ چھُس کل پنُن پان ..... پٕرزناوٕنٕچ۔ اوَے چھُ سُہ پالس آپریشن ٹیبلس پیٹھ کھٔارِتھ تختہٕ مشق کران۔ غانٕن منٛز ژلینہٕ آمُت ٹکرٕ گومُت وجوٗد چھُس گہے "شودِ" تہٕ گہے "نمروٗد" باسان گرانٕرِ وان ژھانٛڈُن وول روٗدمُت "گوتم"۔

...... سُہ لیس گوتم اُسی شاید وِنان ڈراوٕ ژیچھہٕ ہچہٕ سٹرکہٕ منٛزٕ ییٚتھ نارکول وہرأوِتھ اوس، کرٛہُن سیاہ نارکول، سٹرک چھُہ رابہٕ منٛز کارنہٕ آمٕژ۔ تمٕی سٕنزِ کارِ مٔژ چانٛدِ لٔج گرٕتھ، پٔراژدٕ کنہٕ دراس دوٕ دٕزٕ وُتر، ژٕوُتر لوگُ پکنہٕ ییٚتھ بھارت ورشس منٛز۔ اُچھہٕ پھیری پھیری چھُ اورِ تہٕ یورِ وُچھان۔ تمٕی سٕنٛدِس روپس چھےٚ اکھ اکھ گٔرِتھ تران۔ تمٕی سٕنٛد پارٕدی مَن چھُ زیادٕ زیادٕ

بے قرار سپدان ......"

(افسانہٕ "نِروان"۔ اوتار کرشن رہبر)

لۄ تہٕ بدلوٗنس اَنٛدۍ کنۍ کُس اَپُزُس اَپُرِس منٛز لوٗگمُت ژٕریہٕ تہٕ اَمہِ ژھۄکھ دیُت احساس باوُنہٕ خاطرٕ چھُ لکھارۍ سۭندِ باپتھ پننِس متوازی عالمس ژھانٛڈ دِنۍ ضروٗرۍ سپدان، تہٕ کیازِ ژھۄکھ لوٗر یا پوٗز چھُ دوٗنٛہی ژٕہہٕ پُرون تہٕ اپُز باسان۔ اِدِمو کھہٕ چھُ تِتھ خاطرٕ "یہٕ چھُ" علاوٕ "یہِ آسہِ ہیٚکہِ" یا "یہٕ آسُن گوٚژھہٕ" ژٕہُن تہٕ اکھ فرض بنان، یہٕ کار وہتراوُن عمل چھےٚ اَکِس وجدآنی دُنی یہس (VISIONARY WORLD) ازٕم دِوان یمُک اہناد تجریدی، اروٗپ یا بے ہیٚت آسُن لازمی چھُ۔ ترٛن سطحن ہٕنٛدِ یہٕ مثُل چھُ، انکہ مکانہٕ زمانہٕ چھِ رلاوِتی بنٛدشہِ نِشہِ آزاد کرِتھ اتھ اَتہٕ رٕٛوس باڑو دِوان۔ اَزکِس کاشرِ سِس کہانی کارٕ سنٛزکرہٕ پھوٚمی چھُ لوٚ ہے عالم۔ لوٚ ہے وجہ چھُ زِ تسنٛز تخلیق نہٕ چھِ اروٗپ، تہٕ بے ہیٚت باسان۔ لفظن آسان گرامانے بدلیومُت گِھہے روٗدمُت تہٕ پُرتھ کنہِ آسان اکھ الگ علامتی اہناد تہٕ۔

"...... ہیٚلہِ ٹانگس پیٹھ ہیتھ یہٕ زانہٕ کُدلہٕ پیٹھٕ اَمراکدل چھُس کھسان۔ مےٚ چھےٚ عجیب حالتھ گژھان۔ مےٚ ہیتِہ چھُ لوٚ ہے پرہنٛد آسان۔ مکانہٕ لِشو ہیٹھی کلہٕ گُدِ لِتھ۔ یہ پرہنٛد چھُ مےٚ پتہٕ لاران۔ بہٕ چھُس برونٛٹھ برونٛٹھ لِکان یہٕ چھُ مےٚ سیتی سنٛتی لِکان۔ لوٗت نیٚر ٹانگہٕ چھُ دوان۔ تیوٗت نیٚر چھُ یہٕ پرہنٛد تہِ دوران۔ خبر کیازِ؟ بہٕ چھُس ینٛہِ کنہِ اَمِس دور ژلان مگر یہٕ چھُنہٕ مےٚ تراوان ......"

(افسانہٕ "پتہٕ لاران پرہنٛد" ہری کرشن کول)

یا

"......... دوشوے آنہٕ آیہ اکھ اَکِس تیتی نکھہ زِ مےٚ آیہ ژھنی
کھوورِ یہنِد دَباوٕ ستی ہیُکی چیرنہٕ۔ گابرِتھ دیُت مےٚ کرُسی پتھ دکہٕ
تہٕ اَکِس اَنِس ستی تھرِتھ اوٗمُت دوٗمِس لَتہٕ چار۔ مگر کہنی سُپدنہٕ نہٕ گیہ
اَنی پتھ تہٕ نہ پھُٹ یمو منٛز کانٛہہ۔ مےٚ اَنیوو بییہ لتہٕ چار مگر کھوژلم
لِشلہِ آنہٕ پیٹھہٕ نیرِتھ تہٕ بہ گوس دون آنن درمیان بنٛد کرِنکھ دیچ
کرٕم کوٗشِش لوٗز پھوٗرِم نہٕ۔ تہٕ کیاز امہ بروٗ نیٛتھے گیہ مے یمن
درمیان ژرٕٹ۔ یِتھِ آنن زنِ دِژ میانہِ جسمکہ تُرٕ ستی موکلہٕ
پاٹھی جلےٚ تہٕ بہ گوس اتھ منٛز پیوست۔ بلکل ہموار.......
دوژھے میانی ذاتھ آنس منٛز قاد......."

(افسانہٕ "دوٚن آنن درمیان"۔ ہردے کول بھارتی)

افسانکُ "بہ" چھُ بیک وقت واریاہن جاین تہٕ واریاہن سطحن پیٹھہ زندٕ
روٗزِتھ ذاتکُ ژینن باونہٕ خاطرٕ لفظن مانے بدلاوِتھ علامتن منٛز کیتھہٕ کرنس
پیٹھہ مجبوٗر۔ تہٕ کیازٕ موضوعس ییہِ نہٕ ریٛژ ہنٛد کانٛہہ تہٕ جامہٕ برابر۔ نہ زمانہ
مکانکُ تصوٗر نہ لفظن ہنٛد سکہٕ بنٛد مطلب تہٕ نہ کردارن ہنٛد ڈرامائی
اظہار۔ اَژیکُ انسان چھُ اپنہٕ کرنہٕ اتھ حدس پیٹھہ وُٚتمت ییٚتہِ لس تس
کانٛہہ توٗ حقیقت وونی عارانٕ چھُ نہٕ کرِتھ ہکان۔ تس انٛدی کنہ واقاتن ہنٛز
ٹاسہ دارے چھےٚ تُژ برٕکیٛژ زِسہ چھُ نہٕ کُنہ ستی وو ڈھ کھوان۔ اکھ اُدِ کنزِ کائناتکن
سِرن پردٕ تُلان چھے وونی تَسنٛدِ خاطرٕ یہ تہٕ اکھ رُٹین (ROUTINE)
بنے مُژ۔ دویِم اُدِکنزِ زیادٕ زانہٕ ستی چھُ وونی تس پزِتھہ کُنہ پیٹھہ شکہ
بڈیا مُت، یتھ منٛز تس پنٕنی ذاتھ تہٕ شامِل چھےٚ۔ مگر امیکُ مطلب گوٚ نہٕ یہ زِ

تس کیا چھُ مێتر مُولُس زُوژامُت، ئلمِ کہِ یہ زِ برق رفتار مادی تبدیلی اترقی تہٕ ہیکوس ؤنتھ اچھ تَنٛدُ وجوٗد ژُمر وُمُت تہٕ تس یہِ ڈٔپہ زِ تہِ (MICRO—SCOPIC IDENTITY—) دِژمِژ۔ اتھ حالژ منز ہیکیا اکھ حساس افسانہ لِگار ژرانہِ پُیہ ہندِس کردارس "زندٕ رونچ" ضمانت دِتھ یا کُنہ واقس یا کالسہِ کردارس نمایندہ (REPRESENTATIVE) ؤنتھ؟ یہ ژرِھ اَندٕ ئکھس منز یِژھینی ذانتھ ہیکہِ صرف پنٕنی نمایندٕ آسِتھ تہٕ لوٗزتہِ ہیکہِ صرف تس پنُن آسِتھ"۔ ژرانہِ فلمہ ہُنداکھ منظر[1]، "پَنُن پَنُن لِگاہ[2]"، "ہمزاد[3]"، "شَٹھیومُت سِہر یہ[4]"، "جنگ[5]" "کوہِ فافس پیٹھہ پری جِن تہٕ ہیرو[6]" "ارتقا[7]"، "میون اڈلیوک شُفر[8]" "واران[9] یہٕ "گاشہِ رُوس سرٕیہِ[10]"، "کُنز ذاتھ[11]"، "ئنہ[12]" افسانہ چھِہ امی پزرچ بادتھ کران۔

لوٗزتہِ آسِتھ تہِ چھُہ نہٕ یمِن منز کُنہ قسمُک ہِشر نظر گژھان، نہ واقہ رنگ تہٕ نہ اسلوٗبہٕ رنگ تہٕ کیازِ برٛنٛرچ حقیقت ہیکہ نہٕ حتمی (ABSOLUTE) آسِتھ۔ ادے ہیکہِ نہٕ یہ یا امیُک دیُت، اَپچ باوتھ، اتھ متعلق ژٕنیُن یا اتھ متعلق ردِعمل ہیوہ آسِتھ تہٕ نہ حتمی آسِتھ۔ یہِ کتھ نظرِ تل تھٔوِتھ چھُ یہ وَنُن غلط زِ لِکھاری گوژھ موضوع تہٕ مقصدہٕ کُنز ئزکہِ ژٕہچ وکھنے کرُن مگر رنگہٕ رُوٗپہِ کُنز گوژھ افسانہ روایتی روٗزُن سوال چھُہ یہِ چھا مُمکِن؟ یہِ ماگژھ گولس منز زوٗرٕ زبردستی ژر کُنجل فِٹ کرُنس برابر؟ اتھ دلو ایمانداری؟ یہِ ماچھہ سوٗہ ریاکاری دُبارٕ پانہ نادنُک سامانہ یمِنُک رِلوایت پرست تہٕ (COMMITTED) نقادس وُنہ تہِ (NOSTAL-GIA—) اچھ؟!

---

[1] اختر محی الدین [2] رتن لال شانت [3] ہردے کول بھارتی [4] اوتار کرشن رہبر [5] چمن لال ہکھو [6] فاروق مسعودی [7] بشیر اختر [8] گلشن مجید [9] سوہن لال کول [10] انیس ہمدانی [11] اقبال فہیم [12] ناصر منصور۔

یہ بحث کٔنہِ منتقی انجامس پیٹھ واتناوُنہٕ خاطرٕ دلیلن تہٕ جوابی دلیلن ہنٛد غولام گردِش شورُد کرنہٕ کھون تہٕ چھُ جان زہِ کینٛہہ ٹاکارٕ مثالہٕ دِتھ بییہ کٔنہِ پھُٹ کڈنہٕ۔ "ژٕس"[1]، "نروان"[2] "تہٕ "جنگ"[3] ہی اَزچہِ سوچن ترایہ ہِنٛدی افسانہٕ ہیٚکن نہٕ رلوٲیتی "رنگہٕ روپس" منز لیکھنہٕ یتھ۔ اتھ مقابلہٕ یٔتہِ لَس تہٕ یہ کوٗشش کرنہٕ آیہِ تنہِ لَس گو رلوٲیتی قالِب ژھوٚٹ نہٕ باوتھ گیہِ دَم پھُٹ "لگاہ"[4]" تہٕ ترکونچل[5] ہوٚیِن رتیٚن افسانن پیٚو رلوٲیتکہِ امارہٕ کرافینٹاسی (FANTASY) ہنٛد پیوٚند کرُن نہٕ گیہے مستقبلیچ پھل لُپنہِ ژرادنی۔

مگر امیُک مطلب گژھِ نہٕ ہرگز تہِ یہ کڈنہٕ ییٚن زِ نوٚہجہ یہ کینٛژھا لیکھنہٕ چھُ لوان تہِ کیا چھُ سورُے پاسے یا یہ زِ پریتھ کتھ کیا چھے ژینتھے باونہٕ یوان یا لُس کھٔرتہٕ یم شٔرگی ورتاونہٕ یوان چھِ تِم کیا چھِ ظاہر کیہو باطِن اَندی ٔکھس تہٕ توٚے کیا چھُ امیُک عکس ادبس منز تہٕ زوہ لان۔ تہِ چھے نہٕ کتھ، ازکل تہِ چھُ پریتھ دورٕکی پاٹھی کھیلِ ذہنیتس تحت وارِیاہ کینٛہہ لیکھنہٕ یوان۔ گیہے فاشنہٕ کنِہ گیہے یہ زانتھِ زانتھ چھُ چلے جاد۔ لوٗز وُذکینس چاکہٕ رکھ ترآوِتھ اتھ حدبندی کرٕنی یا لیبلہٕ لاگنہِ تہٕ فتوٗ دِنی چھُ نہ سٔہی۔

اکھ کتھ چھے سکہٕ زِ اَزیُک کاشر افسانہٕ نِگار تہِ چھُ بدلوٚین قدرن تہٕ بے ترہ اَندیٚ ٔکھس منز لوٗتِنایہ شنز عکاسی کرِتھ چارٕ نہٕ کسنہٕ آمنس اِنسانس دلبستار ہادچ کوٗشش کران تہٕ یہ کرنہٕ دنہِ چھُ تَسنٛدِ خاطرٕ بتھی پھیرِ بنٛتھِ ریاکاری ہنٛدی جندٕ اکھ طرف ترآوِتھ تیٚئی نیار قالِب پھٹراونی لازمی بنیومُت۔ یہِ کار انجام دِنہٕ خاطرٕ لوٚدوے کینٛژ وسفر دراد قلم کار وُتھکِتہ چھِنٛدِ رتھ لوٚب ہیٚوت

---

۱ اختر محی الدین ۲ اوتار کرشن رہبر ۳ چمن لال ہکھو ۴ ہری کرشن کول
۵ رتن لال شانت۔

مگر دومیہ طرفہٕ سید شمس الدین شمیم، سوہن لال کول، بشیر اختر، انیس ہمدانی ناصر منصور، اقبال فہیم، گلشن مجید، بشیر اطہر تہٕ فاروق فیاض ہی تازٕ دم لکھاری اتھ کاروانس ستیٖ شامِل۔ یم کاشرس افسانوی ادبس گوڈ بران تہٕ آبیاری کران چھِ۔ کل چھےٚ ذاتھ پرٕزناوتھ بنیادی سوالن ہنٛد جواب ژھارُن تہٕ احساس چھُ تی یہ یپھ کالہٕ اوس تہٕ برونٛہہ کالہٕ آسہِ ز ــــ زندگی چھےٚ تہٕ ضایہ گژھہ نہٕ گژھنی۔ !!

ہردے کول بھارتی

۶۸/۲۹ فرید آباد (ہریانہ)

اخترمحی الدین

# جادٔی زال



کیاہ تام گوٚ تہٕ تس سُپد میٚیہ سیٚتی ملاقات خابس منٛز۔ یُتھے تس میٚیہ پیٚٹھ نظر پیہٕ تس ژٲج کٔرکھ نیر تھ۔ کٔرکھ تٔر ہے ہٲبتناک ییٚرِ ہ شوٚنگتھ ہوٚلنس ہنگہٕ منگہٕ ڈنٛڈٕ تاس کلس پیٚٹھ لاینہٕ ژلان چھیٚے یہٕ اُتُس مایہٕ ہیوٚت تس نزدیک پکان تہٕ تس اَس لٹہٕ لدٕ سنٛز تھر تھر ہران۔ میٚیہ رٕٹ سوٚ شفقتہٕ سان سینس سیتہٕ تہٕ تس سُپد پیاس تس سینیہ کلہٕ ہی ہتھی لبَن۔

اَمہٕ پتہٕ سُپد نہٕ کہنی۔ یاد لوٗنہٕ اَمہٕ پتہٕ یہ کینٛژھاہ سُپد تمیک اوٚس نہٕ تس ہوشے۔

صُبحس وٗن ڈاکٹرن سوٚ چھیٚیہ دیماغی مرضٕ آمژ تہٕ سوٚ پیٚیہ ہسپتال واتناوٕنۍ۔ بے ہوشی ہندس عالمس منٛز واتناوٕ سوٚ ہسپتال تہٕ کٔر ایڈمٹ۔

ییٚلہٕ تس ہوش آو تمہٕ مژراوٕ اَچھ۔ کاڈکوٚڈن تہٕ میٚیہ پیٚٹھ نظر پیتھ کرن تہٕ ژھیے اسنہ ہناہ ییٚرِ ہ ٹمبرزل سوٗنتہٕ اَچھ مژر تھ کران چھیٚیہ۔ کالہٕ مُوے اُسس زٹھ گژھتھ بتھ پیٹھ سینس تام ڈوٚہ دبٹین منٛز باگ سیاہ آبہ جمے زن نظیر تہٕ لا مثال۔ ہتھس اُسس ہلکہٕ دوٚ شلُن تہٕ باسان اوس امہ چھ بے ہوشی ہندس حالتس منٛز تیٚتھ صحت بنوٚومُت یتھ پہلس نیرٕ بنان چھ۔

"ژٕ کوٚت صُبحاے صُبحاے میأنس کمرس منٛز ژامُت ؟" تمہ ووٚن۔ کأنسہ
ماوُچھنک یور اَژان؟ ییٚنہٕ دِدنی"...... یہ ونان پیٚیہ تس وچھنہٕ کھوٚورِ نظر سو
بامبر ییرہٕ۔" بہٕ کتہ چھس۔ یہ کیاہ، ژٕ ییٚے ماچھس بہٕ جوٚد کرتھ دوٚو پرجایہ دأنتادٕ تھر۔"
سو گییہ جنگلی رُوٗسی کٕٹ زالہ لگتھ زن پریشان۔ رضایہ اندری کنی ہیوٚت
تمہ کھوٗژی کھوٗژی جسمہ کس ہنی مِس حصس زن تہٕ کیا ہتام ژھأرُن۔ تس قوٗرو نہ سندی
پأٹھی لیس ہنگتہٕ منگہ وہمہ گرُدھ نہٕ خزانن چھم ژوٗر ژامتی۔
تس باسیوٚ وِخبر کیاہ۔ تمہ ترٲو نفرتہٕ سان میٚے کنُن نظر۔ کرٕکھ ژٕھس نیرتھ۔
کرکھ۔ تشرھے ہأبتناک پیرھ شوٗنگتھ ہوٚلس ہنگتہ منگہ ڈنڈہ ٹاس کلس پیٚٹھ ژلان۔
چھے۔ لٹہٕ لدِ سنٛز تھر تھر ہُرے تس تہ سیتھے میٚے توٚہند کلہ شفقتہ سان پنہ لس سینس سیتھ
روٚٹ سو پنز بے ہوٚش۔

"فکرٕہ نیچ چھنہٕ ضروٗرت کانہہ" ڈاکٹرن ووٚن۔ "یہ چھہ اکہ قسمک کامپلیکس
علاجس لگہ ہناہ وقت مگر فکرٕ ہنیچ چھنہٕ کانہہ کتھ۔"

تہ میٚے وچھت تہ کیازہ سُہ امس امہ کامپلیکسُک لوٗت شدید حملہ۔ بہٕ چھُس
اہندِ خاطرہ تہٕ، امس باسیوس بہٕ اوٚس اندری سونچان۔ میٚے اوٚس ہتک گومُت۔
أہندی اُمی وُرتاون اوس میانہ لوتایہ تیوٗت شدید ضرب لوٗسمیت لوٗت شدید حملہ میانہ
دجوٚدِ کنی اہندی دادی امس پیٚٹھے کورمت اوس۔ بہٕ اوٚسس نالوٗدٕ دیرھان گرٕھن۔
مگر پانس تام ماچھم؟

بہٕ ژٕٹہ ہا امس سیتی سوٗرے تولق۔ امہ اور ورتاوٕ ہانہٕ ژٕ تہ بہٕ کانہہ بہ تہٕ تہٕ کانہہ
مگر تولق چھہ ہوٚشس ژٕٹان ہوٚشس سیتی۔ اوٚدرک ہوس اوٚس نالوٗد تہ لوٗرک مجروح۔
میٚے پیوٚو شرمندگی تلتھ تہٕ اُتی روزُن۔

"لوٚدوے توٚہی ییتی روزن چھوٕ شرھان"۔ یہ ووٚن میٚے نرسہٕ توٚہی ہینیوٚ لو

بدلاوٕ نہٕ رَخ بدلاوتھ ڈاکٹر یا کمپونڈر لاگتھ اُمس ٹہلہِ کرنہِ۔

" یہ چھنا میٔنے پَنہٕ نِس اصلی رُوپس مَنز وُچھن ثیر ہان "؟

میٔنے پرٛژھس تہٕ خشمہ ستیٛ اُوسم اَدِش وسان ۔

" غمگین سپدنک چھنہٕ حاجت " نرسہِ وَون ۔ ممکن چھہ امس روزِ یہ حالت کینژِس کالس تہٕ پَتہٕ صحیتھ رژھ مُوے ٹھیک گژھیٚس تو ہیو کرِو امس بیٚیہ پنہٕ نِس اصلی روپس منز خوش "۔

نرسہِ دیُت میٔنے سفید اپرن تہٕ میٔنے لوگ یہ آوٕ میٔنے جسمس برابر ۔ رَخ بدلتھ بدلیوس یہ ظاہر طبیعتہ کنہٕ تہٕ واڈ کیو باقی مریضو تہٕ پرزِناوَن واجنہ اچھہ میٔنے کُن ۔ میٔنے ہر لوٚدشوق ۔ یہ گوس مشہور ۔ گرا اوسم اکھ زوٚن اکہ طرفہ آلو کران تہٕ گرا بیاکھ زنہٕ بیٚیہ طرفہ نرلمان ۔ اکس اوس دوا آسان دِین تہٕ بیٚیس تیچھ وچھن ۔ اڈین اوُس ڈاکٹر بنتھ دلاسہ دوان نہٕ اڈین خدمتگار بنتھ ٹہلہِ کران ۔ میٔنے آیہ کاماہ اتھ یتھ ستیٛ میٔنے ازلہ لےٕ ہش باسے یہ ۔

تہٕ ہوٚاٚسن دوہٕ نہِ دار وارِ ٹھیک ہیٚر مٛژ گژھن ۔ سوٚ اَسہِ نہٕ میٔنے پرزِناوان تہٕ یہ تہٕ اوُسس نہٕ دوہٕ نہِ تمہ طریقہ پرزِناوان یمہ طریقہ برونہہ پرزِناوان اوُسن ۔ میٔنے اَسہِ یہ ہیتس بیمارس منز اکھاہ باسان تہٕ لاتولق پاٹھی اوُسس یہ اُمی سنزِ ٹہلہِ کران ۔

اکہ دوہ یہ دوٚن نرسہِ " امس چھنہٕ چون حیٚس نہٕ دِزیٚس زانہہ پنُن اصلی باس ۔ یہ ہیٚرن دوہٕ نہِ دار وارِ پھیرنہِ ۔ اُمس پیوٚو یاد زِ امہ اوس خاب وُچھمت تہٕ تتھ منز اُسس کھوٚژ مٛژ "۔

" امایہ خاب کیاہ اوس " ؟ میٔنے اُس کاڈین تُچھنہٕ ۔

" خاب نے تابیر چھم خبر " نرسہ دوٚن اُسہِ وُنہٕ ہو بخہ ۔ ماشوقانہ یِل دِتین

تہٕ درایہ۔

سفید ایپرن لاگتھ اُس نُرس ژھیپر کوٗتر بش اُورہ یوٗر وڑان۔ یہ اُس نوزُک۔ اَچھ آسس بجہ تہٕ زیچھہ۔ نظرن منز اوٗسس اسُن۔ سادگی اُس اوٗہند پانس کُن لمہ ووٗن حُسن۔

بہ گوٗس امس پتہٕ پتہٕ۔ تھرمامیٹر اوٗہم اتھس کیتھ بہٕ اوٗسس پانس تیہ ژھان وچھناوُن۔ اَمی سے نرسہٕ اتھہ۔ بہ اوٗسس شوقہ سان کیاہ تام سوچان۔

"کمپونڈر صاب" پتہٕ کنہٕ آیہ آواز۔ یہ اُس میٲنی وینز۔ میٲنی لوٗگ لوٗت درسہٕ۔ بہ پھیوٗرُس لوٗت تہٕ وُوتس تہنز چارپایہ نکھہ۔ کمپونڈر صاب "تمہ ووٗن" یوت اوٗس سہ آمت۔ خبر توہہ زانیوٗ نہ؟ ڈری یافت کرِ زِیو۔ بہ چھس تس کھوژان"۔

یہ اُس میٲنی متعلق ونان۔

سہ چھہ بے گوناہ، میٲنی ژوٗل ہکہٕ پانس متعلق نیر تھ

"گوٗژ زانہ ہن"۔ تمہ ووٗن خشمہ سان۔ خشمہ وزِ اُس تس ہمیشہ بمہٕ ملوٗن گژھان۔ تہٕ اتھہ ملِنہٕ اوٗسس بہ ہمیشہ ماہ کران۔ یمہٕ کنہٕ اُسہ صلاح گژھان اُوس۔ مگر وونِکیس اوٗسس نہ بہران۔ عادت گوٗزور ؤر۔ میٲنی لاگی بمہٕ ملہ ونہ بیتی وتھ۔

تس پنٛژ وٗتھن بنیٖتھ اُسنہٕ ہناہ۔ "ژیٖ کمہٕ ووٗنے سہ چھہ بے گوناہ"۔

یہ ونان ونان آیہ تس اَچھ وٹنہ۔ وارِ وارِ پیٚیس نیٖندرٕ، تہٕ آرامس منز اُس پانس سیتی کتھ کران۔ لوٗنہ لوٗ تہٕ اسان۔ بہٕ اوٗسس کُن دتھ بوٗزُن ژھان مگر پھیر ایہ اوٗسم نہ کانہہ مانے فکر تران۔

نُرس آیہ۔ میٲنی کُن تراوُن تمہٕ ٹارہ نظراہ۔ تہٕ ٹھس منز ووٗنتھم۔

"ڈاکٹر صاب۔ واڈس منز چھہ باقے بیمار تہٕ توہہ پرژان"۔

اُہنز امہ کتھ کوٗرُس بہ مسحوٗر۔ بہ دراس امس پتہٕ پتہٕ اہندِس کمرس منز ژاسے۔

میٚے گنیوٚو اُمس سیتۍ تولق ۔ اہندہ موجبہ ہیٚتھرٕوم سفید ایرن کڈٕن ۔ مگر امہ دُتم نہ کڈٕنہٕ ۔ دوٚیم اٮ۪رن چھکھ ژٕ بیمارین ہنٛد یلاج ۔ یہ گوٚڈ تہٕ تہٕ موٚد کھ ۔

ژٕسہٕ تہٕ ہمس گیہ میانس ذہنس منٛز ملِون ۔ زن تہٕ اوٚتام اکھ جادٕ زال میانس ذہنس منٛز اُس ۔ ہٕوہن اُنی بیاکھ وڑان وڑان تہٕ دژن ہتھ سیتۍ برتھ ۔ یمن گوٚ دوٚن کنٛے ۔ مگر صرف میانہ خاطرٕ ۔ سیے کم ہوٚش تہٕ اڈٕ پھِرسنٛد خاطرٕ ۔ میٚے اُس نہ کانٛہہ فرقاہ باسان ۔ دوٚشوے زال اُسی اکھٕ ۔

"ڈاکٹر صاب" ہمہ ووٚن میٚے ۔ "تمۍ ستد گژھہ نہٕ بتھ تہٕ وچھنی ۔ مگر توہی ۔ یہ سفید ایرن چھہ توہہ لقنِس سجان" ۔

میٚے اوٚس ڈاکٹرن ووٚنمت ژٕ یہ ہیٚترن ٹھیک گژھنی ۔ یدوے صبحس شامس چکرس آسون کڈان ، پرواے چھُنہ ۔

شامس درٕاے اُسی ٹیکسی منٛز دوٗر کوٚت تام گئے ۔ میٚے روٚٹ توہند اتھ اُتھس منٛز لوٚ لہ مانہ ۔ "یہ نہٕ میٚے دوٚ کھ دکھ ؟ سو اُسی میٚے پھنٛکس پیٹھ کلہ ترٕاوتھ وسان ۔ زلو کڈی ژٕ تیو تے ، لوٗت ژٕ التھ ویکھ" ۔

میٚے اوس امس سیتۍ نوٚ ہیرٕ تولق گنان ۔ مگر امہ دیت نہ میٚے اٮ۪رن کڈٕنہٕ ۔ دوٚیم اٮ۪رن کڈتھ باسکھ میٚے تمس ہیوٚہ کمی شنٛز میٚے نفرت چھیٚے ۔

میٚے اُسی لوٗ تابہ ضرب لگان ، سرنی صرف ، مگر ایرن کڈٕلس اوسم نہ ووٚ نی پانس تہٕ ووٚ ندہ لوان ۔ یہ اوٚس میانہ ژمہ ہنٛد اکھ حصہ زن ہیوٚ مُت ۔ میٚے اُسی امی کنی ژٕ عالم حاصل سپدی متی ۔

لگاہ اُس سو ٹھیک سپنز مٕژ ۔ ڈاکٹرن ووٚن یہ ہیکہ ووٚنی گرہ گژھتھ ۔ روٚخصتھ ہینہٕ ونٕ اُسی سو میٚے دپان ۔ "ڈاکٹر صاب ووٚنی آز لو میٚے لشہ لوان ۔ یہ کرٕ نوٚ ی زندگی شوٚروٚ ۔ یہ اٮ۪رن ۔ یہ چھہ تہنٛدس جسمس پیٹھ سجان" ۔

تہٕ ژٕرسہِ وۄننم۔ "وۄنۍ پیٚیی ژٕ یٚیے اپٕرن ہیٚتی تراوُن۔ میٚے وۄت۔ مگر ژٕ آنزٕ ہنہٕ وۄنۍ پیأرۍ لکان۔ بہٕ چھس بدل پیٚشیم۔ بدل زاأژ ہنز۔ اپٕرنہٕ رۄس نفرس سیتۍ چھےٚ میٚے نفرت"۔

تہٕ زخمی لوٚتایہٕ اُس میٚے اژالن گاردگ۔ میٚے اوٚس زالن کاڈِس ژنر کھرٕ آمُت۔ وادِ طفانس منزٕ اسم زال اکھا اکس مخالف پژتھ طرفہٕ طنالوٚ سیتی لمان۔ میون اوٚند لوٚکھ اوٚس گیران۔ میٚے اُس گمژ گیرۍ بچہ کرنہٕ نچہ کوٚرِ ہنز باتش۔ دپان میٚنے ژٕئح کرٕ کھہ نیژتھ۔ کرٕ کھہ تژھے یٚژھ شوٚنکھ ہوٚلنِس ہنگہ منگہ ڈنڈٕ ٹاس کلس ہیٚتھ ژلان چھےٚ۔ لوٚزکیاہ تہٕ اپٕز کیاہ۔

میٚے اندۍ پکھۍ اوٚس امن تہٕ سوٚکوٚن۔ ساأرۍ اُسی سفید اپٕرن لاگی لاگی میٚے ہٹٕکران۔ لوٚۍ تہٕ بدل انسان۔



اَمین کامِل

# کوکر جنگ



یُتھے غوٗلام خان کوکرٕ ہیتھ اَنگنس منٛز ژاو۔ شاہ مال گیہٕ تھوڑ وٕتھتھ تس رٕدنہٕ پھیرٕنس لونٛٹھ ہینکٕ تہٕ ہوش، یِس اَڈٕ ہاسی شٕری لۆرمٕت اوٚس۔ تَمہٕ زَن لۆب کیاہ تام لاس۔ تِتھے کٔنی وُژھ خاندارس کُن۔

"اوٚنتھ؟ سے دۆپ ازتہٕ ماآکھ ژھۄرٕ ہے۔" تَمہٕ نیوٗیہ ژٕپہٕ زِ تہٕ کوکرٕ اَمِس اَتھٕ منٛز نِشہ دِتھ تہٕ تاجس تہٕ تیرَن لٔجس اَتھ ڈالنہٕ۔

"سارٕن ژٕون ڈبلن چھےٚ۔" غوٗلام خانن تروو۔ "ڈبلن" لفظس پیٹھ زور۔ شاید ونہٕ موکھ زِتھنہ دَیکھ لیوٗز لۄنگ ماچھ، تہٕ چھُہ لۆرہ سارٕن ژٕون ڈبلن۔ مگر شاہ مالہِ زَن نہٕ اَتھ سیتؠ کانٛہہ تہٕ غرض مطبلَ اوس۔ سۄ اَس چھرا کوکرس وچھان۔ تہٕ دُچھہ وُچھہ اندٕری شاد مرگ سپدان۔ تَمہٕ ترٛاو کوکرٕ پھِر تہٕ ہمسایہ مکانچہ دارِ کُن نظر تُلتھٕ دِتن یِمن ڈرٕسہٕ، اَمہِ پتہٕ وُژھ بیٚیہ خاندارس کُن۔ برونٛٹھمہٕ خوتہٕ ہنا ٹھَدِ پھَن۔

"یِتھے کوکر کیاہ اَسِس یِتہٕ ژھاران۔ نَتہٕ ژٕ راتس دوہس کِتیٚ ژھوٚڈٕ کوکر کیٚنہہ اَسی بھیران۔ یکیاہ محلکی محلن ہے، ہیتی متہٕ چھِہ۔"

غوٗلام خانن وُونس نہٕ اَتھ کانٛہہ جواب تہٕ سہ ژاو سیوٗدے اَندر۔ کوکرس

اوٚس زنگن سٕتلہٕ ٹکراڈ نگ دِتھ تہٕ سُہ اوٚس بڈٕ جبتہٕ خأنزی کرٕتھ پکنٕچ کوشش کران۔
سُہ اوٚس منٛزی اتھ ڈنگس سام ہیوٚہ ہوان۔ شاہ مالہِ آسہٕ کوکرِ تارہ تہٕ رٕچھشرہ تمہٕ
آسہٕ امہِ وزِ آنگنس منٛزٕ رھوٚ ٹھلی ٹرھاران۔ تمن ہیتوٚہ کوکرِ سٕنٛد "کرٕو" کنن گو
تمہٕ گیہِ پننہِ پننہِ شایہ رٕوزتھ ہشہ تہٕ اُمِس کنٕ لجہِ تشکہٕ برٕژرو نظرو وٕچھنہٕ۔ اکہِ
کوکرٕ ہنٛوت ڈالہٕ مٲرِی مٲرِی اُمِس کنٕ پکنٕ۔ مگر یوٚہے بے مٲلی پأٹھی ہیوٚ۔ زنتہِ
پننِس مزٕس منٛزِ اورٕ یورٕ اُس پھیران، بیاکھ کوکرِ یوٚسہٕ شُرٕ ٹھوٚپتِس تچھان اُمس،
لٕج پانس جھجھر کرٕتھ بییہ لڑھ کھارنہٕ۔ زٕن تہِ تل دِتھ وٕنن۔ اوٚنھ میے دوپ
خبر کُس چھُہ۔ أسی تن لُس چھُہ تہٕ سُہ۔ مے کیاہ توٚتہِ "ییتِس کالس منٛز درایہ
شاہ مال توٚملہٕ دوژھاہ ہتھ تہٕ ترٲون اُمِس کوکرِس برٕونٛہہ ٹھ کٕنٕ۔

کوکرٕ لوٚگ بوچھہِ سندہِ پأٹھی ہوہ ہوٚ ہوہ لوٚسس بھرنہٕ، زٕن تہِ تٕرو کال
أسس کینٛہہ سُتہِ وٕچھنس گامتہٕ۔ کوکرٕ لوٚئیہِ وٕچھزِ اُمس ہاسپٕر کیاہتام الگی
پأری تموٚ نِییہ شی کرٕتھ دور تہٕ ڈچھنہٕ کھووری لجہٕ چھکرنہٕ آمتی ٹھلی وٕٹنہِ۔ شاہ مالہ
تجہٕ بٕٹییہ ہمسایہ مکانچہِ دارِ کنٕ نظر، مگر اتہِ ییلہ نہ کانٛہہ تہِ نظرِ گوٚس، امہِ دِژ
زورٕ کرکھاہ۔

"شی، توٚہہ مرٕچہ بٕڈ۔ اُمس بچارِس بوچھہِ لجمٕژ، ادٕ توٚہی دِلوٚسا پھل ٹھلی
کھنہٕ۔ زٕن نہٕ کینٛہہ تہِ چھوٚکھوان"۔
کوکرِ ژجہ امہِ کرٕکہٕ "کرٕت" کرٕتھ ہیتھ تمن توٚگ بوزٕن زِ یہ کٕس چھے
وٕنان۔ مگر اکٕن ہِہن ژٕلنہِ پھیر بییہ لوٚت تہٕ کوکرِس انٛدی پکھ لجہِ کھوژی کھوژی
ٹھلی ڈونہٕ۔

"مبارک ہوشاہو، یہ کراوٚ لوٚن کوکرٕ؟" جانہٕ بٕژرہِ کوٚرِس دارِ کنہِ نیر تھ آلو۔
شاہ مال اُس انٛدی ہے نیرنس پرٲران۔ امہٕ ژٕٹ چال۔ پھرٕنس دِژٕن

برونٹھی کنہِ دِنہٕ تہٕ کنس اندر رُوپہٕ کنہٕ وُنٛج نشرٕ ناوان نشرٕ ناوان وُڈ ہس درجواب ۔

"وُنی ہواوٕن، یتھے پاٹھی ساڑن ژون ڈبن"۔ شاہ مالہٕ ترووُ "ڈبن" لفظس پتھٕ تیوٗت زور لوٗت نہ غولام خانن اُمِس وننہٕ وِزِ ترٛاوُ۔

"کامک آسہٕ؟" جانہٕ بٔرِ ووٗنس اور پھیرتھ۔ "تی چھُم باسان۔ اَرکو کرٕ ہن چھے۔"

"تونہٕ ہو چھُے یہ وُنہِ ستنے رتِن ہند۔" شاہ مالہٕ کرٕس پانے واٚنان تہٕ کھَر یہ ہو چھے بدل ذاتھ۔ یوٚرِ چھو شہرس منٛز کنہٕ انان۔ تو پتہٕ لوٗت درو گ کس ہیٚکھ مٕلی۔ یٔیتہٕ گرٛھن یمےٚ ژھوٗتہٕ کو کرٛ آسی۔"

شاہ مالہٕ وُچھ نہٕ جانہٕ بٔر ووٕ زلے یہ۔ ظاہر تو کس لوزِن یہ چھے لوکن کن لاگتھ ہنے کُن وَنان۔ سوٗ وُژہس۔" ادٕ بانے چھے سٔین لگارس برٛژٕ اُمس لوٗس۔ یہ وُنتھ ژایہ سو اندر۔ اہندہ وَنہٕ پتہٕ کوٚڈ شاہ مالہٕ اسونہٕ ہونجہِ وُٹھن بٔرو ڈ ہیوتہٕ اتھی سیتی ہیوٚتن کو کرس تھلہٕ تھلہٕ وُچھن۔

کنہ اُمس تلہٕ یہ زٕ شاہ مالہٕ اوٚس یہ کوکرٕ جانہٕ بٔرِ ہندِ شرارتہٕ انہٕ لووٗمت۔ جانہٕ بٔرِ آسہٕ پانٛژھ کوکرٕ تہٕ اکھ کوکر تہٕ شاہ مالہٕ آسہٕ کوکرے یاژٕ۔ جانہٕ بٔرِ ہند کوکر اوٚس دوہس منٛز اکہٕ دوبہ پھیرہ پننہٕ آنگنہٕ منٛز دوسہِ پٔٹھٕ وُچھ تلان۔ تہٕ تو وَ پتہٕ شاہ مالہٕ ہندِس آنگنس منٛز وسان۔ شاہ مال اُمس پنن کوکرٕ نہ آسنہٕ کنِ انتھ خوداٚی یارٕ ی زانان۔ مگر یمہ وِزِ شاہ مال آنگنس منٛز دانہٕ یا بییہ کانٛہہ تیتھ چیز ترٛاوِ ہے، یہ اوٚسس دوٚن اُچھن کھران۔ تکیازہ یہ اوٚس ہمیشہ برٛ ارٛ اٹھ در ہیو اگادٕ گرٛھان۔ چھگ دِی دِی تہٕ اوٚسس نہٕ یہ چھلہٕ وُدرٕ کرٕنس یٔژان۔ یچھہ کھنڈ برٛونہہ یِدٕ اُمی چھپے پاٹھی سخ جیرہ تُلنس۔ شاہ مال منٛنے لیس بےحکمن وُوٚہون۔ جانہٕ بٔرِ لوز تہٕ سو درالیس دارٕ کنٛہ واد کرٕنہٕ تہٕ اُتھی منٛز

دِژلس پام۔

"نٔیلہِ ہۆ گژھہٕ نٔپن کوٚکرٲنٕن۔ بوٗزتھو۔ ہتہٕ ٔیلہِ مٲل خورٕ چھُھس روزان۔ دال پھلہٕ کتھ چھُے زٕوٗنیران"۔

شاہ مالہٕ گو اسُندیہ وَتُن موتہٕ خوتہٕ سخ۔ یہ گیہٕ امی ساتہٕ پیٹھٕ خاندارس کوٚکرٕ مٔلی اَنِنہٕ خاطرٕ نالی پیٹھے کرٕ جانہٕ شرٕ نتہٕ اَتہِ اورٕ اُہندِس آنگنس مَنٛز کوٚکرس گژھنس رٲچھ۔ غولام خانن کیجاو لوٚزا لوٚزٕ ڈٔزوٗنی پچھ کھنڈٕ مگر آخرتہٕ لوگسنہٕ چارٕ تہٕ مالیسمہٕ بازرٕ مَنٛز ہیوٗتن اُکِس کوکروالِس لِشہِ ژرٕن ڈبلن یہ مٔلی۔ اگرچہ زنانہِ لِش تھٲوِلس روپے کھنڈٕ زیادے پاہن کھٲلِتھ ہیٚتھ نہ سو پیٹھے وٕنس۔

"وُچھاورِ کِشتھ کوٚکرا آکھ ہیٚتھ۔ زن نہ بیہ کِنہ کانہہ ہنیوٗی"۔

جانہٕ شرٕ ہنٛد کوٚکراوٗس مٲنزٕ زنگہٕ، دوہ زل تہٕ مَنٛزی مَنٛزی آسس کرٕہنہِ تیرٕ نتہٕ شاہ مالہٕ ہنٛد کوٚکراوٗس چھوٚت۔ صفاشِن تہٕ نیپہٕ نیپہٕ کروٗن پَرٕ ون۔ چالہِ ڈالہِ کِن اوٗس یہ جانہٕ شرٕ ہندِس کوٚکرس پوٚ واکھشی تھِے مگر ہِتھے اوٗس سہٕ اسندِ خوتہٕ نل نِکھہٕ کہنی زیادٕ اڈرٕ دوٚرٕ باسان۔ یہ اوٗس پژرنتہٕ آسی دوٚلوے اکی ذاژٕہنٛدی۔ ژوٗرآنہٕ کم یا ژوٗرآنہِ زیادٕ اکی مولہٕ تہٕ۔

دوہ گژھتھ شامس ٔیلہِ سٲری شوٗنگی۔ شاہ مٲل اُس بسترس مَنٛز شُرُس لرِساوتھ دوٚد چاوان۔ اَمہِ اوٗس شانٛدٕ گوٚنڈِس پیٹھٕ کھوٗنہٕ وٕٹھ ٹھیکہ رٲوتھاتھس پیٹھٕ سورے بار روٗٹمت۔ ہیٚتھہِ کِنہِ آس تہٕ یہ شُرُس دوٚد چاوان۔ مگر اَندرٕ اَندرٕی آس یہ اُمی سے کوٚکرٕ سنٛد سونچان۔

"کوٚکر وُچھتھ کیاہ آسِس بَرِ دٲنجہ نوٗن پیومُت۔ مے ہے وَنہٕ تہِ اَسِنہٕ سو کتھ اوٗم تیل چھُے زَن تیلان۔ دوہ نی گژھہٕ اَسُند کوٚکرٕ لیوٗ ترن زنگہٕ نِش نے کوٗرُم تیلہ چھُسے نہٕ اَدٕ"۔

یِ سونچان سونچان پییہٕ اُمِس خاندارس ندِس ہتھس کُن نظر لِیُس الگ کُن پننِس لبترس منز شوٚنگتھ اوُس ۔ اُمِس آو یہ اَمہِ وزِ تیوٗت شکیل بوٗزنہٕ زِ دَنۍ چ کتھ چھنہٕ ۔ مگر ہیتھے اَمہِ کھونہٕ وَٹھ کڈِتھ شانہٕ گوٚنڈِس پیٹھہٕ کلہٕ ترٲوِتھ شوٚنگن ہٕشراد، زِ کوکر مرٕ منز گیہٕ تھدِ تھزرِ نانگ، کوکرو کوں، ں اں ں۔

شاہ مال گیہٕ ہے بنگہٕ روٗز تھ۔ اَمہِ تُل کلہٕ تھوٚد تہٕ وارہٕ پاٹھۍ لۍ بوزنہٕ ۔ زمنے ماگو بدَل کیٚہنہٕ کنن ۔ مگر شیلہِ کوکرن بیاکھ بانگ تہٕ دژ۔ اُمِس زَن سپھٕٹ کاٗر۔ یہ گیہ یکبارلبترس منز بِہِتھ تہٕ خاندارس لۍ آلو دِتھ ہشیار کرنہٕ۔

"ہتہ دوٗ ہمٕسے۔ تلہٕ تھوٚد ووتھ یپارٕ ی۔

"ہوٗنہہ، کیاز ہ؟" غولام خان گو اَڈٕ ہشیار ہوٗ۔ ژۍ ووتھ ہمہٕ کیٚہنہٕ۔"

"ہتہٕ اُمی دژ کوکرن بانگ، کالکی پہرہ۔" شاہ مال اُس بانبر یمٕشرٕ۔ یہ کو سہٕ پھیٚشِن بلاۓ ۔ چھٕت ژے اوٚنمت؟"

"بانگ؟" غولام خانن چوٗنکھر ووٚتھ۔ اِدِ دژن ۔ اَسہِ کو سہٕ سحرخاںٔنی چھے کرٕنۍ۔ تمھی گژھِ وقتہٕ پھیرٕ۔"

"وچھ اورٕ کیاہ وَنہٕ۔" شاہ مالہٕ کھر ژکھ۔ ہتہٕ کھوٚدووتھ کھش ژھنس کرِتھ۔ ژے چھےٚ ناخبر، لیُس کوکر کالکی پہرہٕ بانگ دِیہ، تس گژھہٕ تمِی وزِ کھش کرٕن ۔ سہٕ چھ پھیٚشِل آسان۔"

"کیٚہنہٕ چھنہٕ پھیٚشِن وُلِشل آسان۔ شوٚنگ پالنس ژھوپہ کرِتھ ۔ یمِن بےقل کھتن کُن آزِ نہٕ گژھان۔" یہ ونان ونان ہٕشر غولام خانن کلہٕ پیٹھہٕ رضاۓ ۔ شاہ مالہٕ کرٕ بیہ پنٕنۍ کنٕز واریاہ ژھرٕ ٹہٕ ژھرٹھ۔ مگر غولام خانن نہ وُلنس اَتہِ اورٲکھ کتھ تہِ نہٕ زٕ۔ تمِ ترٲو کھورو ہرٲوتھ نیندٕرِ تہٕ پننِس وقتس پیٹھہٕ گو صبحس ستہِ بجہِ ہشیار۔

شاہ مالہٕ بوٗزِ تہٕ اُمِس کوکرِ سنٛز امہِ بانگہٕ ہند گوٚو، تیوٚت گو دوٚنی ییمہِ کتھہٕ ہنٛد
زِہرگاہ جانہٕ بٔرہ یہِ بانگ بوزمٕژ آسہِ سو کریم پامہٕ دعادی گڈی۔ سو وَنہٕ اُتھی پتھ
اُسِس کھےونان زِ.......... یتھے کوکرا اُسس بہ ژھاران۔ دُنیا
جہانکی کوکر چھہٕ سحر پتی صبحکہٕ نوٚر پچ خوش خبر دوان۔ اُمِس منحوسس دُچھتہٕ
کالے کیاہ چھہٕ شیطان نستہِ کنی اژان۔

جانہٕ بٔرہِ ہنٛذ خوفہٕ موکھے ڈرابہٕ نہٕ شاہ مال کوکر مٔرس درواز ہٕ مُژرا ونھ
تہٕ کوکریلہٕ ترا وِتھ آنگنس منٛز۔ حالانکہ سو روزِ ہے نہٕ زنٛہہ اَتھہٕ یتھ۔ تکیازہ
تس اوٚس وُنہِ خبر گژھان دوہن، دوٚسن تہٕ دلیوارن کنٛ کیتھہ دِی دِی جانہٕ بٔرہِ
آپچ ہوٚرن۔ یہ روٗز وُزس منٛز ژھائیہ ہلس کنٛ تہٕ کوکرن نِیی شِی کرِتھ کوکرن
سیتی آنگنس منٛز ژھال۔ شاہ مالہٕ پھیر اُمس کنٛ دُچھتھ وانجِ دُبہ۔ تتھ کھوٚرس
یہ۔ کوکرن کوٚ ڈلشی واد کرِتھ واشا دو شا اُکِس یکھہٕ بناوون واوِج تہٕ مائے
موحبتہٕ سان دِژَن کوکرن انڈی انڈی اوٚک اوٚک ڈالہٕ بوٚنشِہ۔ کوکرِ ژبہِ
دامن بچاوِتھ دُچھن کھوٚور، زنتہٕ ووٚتہس۔

ہے کیاہ گوڈے، یی چھا کران۔ یتھ بُرونٛہ ڈھکہ نہٕ وچھانی کینٛہہ۔
کوکر بو ہشِر وُنہٕ برس کنٛ نظر دِنہٕ۔ زِ ماز کیاہ چھُنہٕ یہ کنہِ نٔتی بیھن موٹھہ تہٕ
تراوُن نہٕ۔ تمو ہیوٚت شاہ مالہِ اوٚری دوٗرن۔ کوکرس تہِ توٚر فکرِ زِ قصہٕ
کیاہ آسہِ۔ تمِ تہِ ژٹ کوکرن ہنٛزِ وَتھ۔ شاہ مالہِ ہیلہِ اُہنٛزن زنگن کنٛ نظر
پیٔے، امہِ ژکہٕ نوو دِ یے گرُ ٹھتھ بتھ۔ اُمِس آیہ اہنٛزِ ییمہٕ زنگہٕ پنجو پیٹھہٕ —
باوڈِتام کھرِژ کل ہشِہ دُرمینٹھ۔ مگر "شی" "شو" ہیوٚ کنس تہٕ کینٛہہ تہِ کرِتھ۔
تیتھ زَن جانہٕ بٔرہ لوٗزنہٕ۔ امہِ گڈ جل جل تو ملہٕ دوژھاہ تہٕ وُزِ منٛزے دِژنکھ
آنگنس کنٛ دائرِتھ۔

جانہٕ ژٕر ہنٛد آنگنہٕ منٛزٕ ئیلہِ تَسنٛدِ کوکرن دوٚ سہِ پپار نوٚوٗدٕ آلوَ لوٗز۔

"کٹ کٹاک، کٹاک" تس ژٕئج تھدِ کرٕ ئکبھ نیٚرتھ، زَن کوٚرتس آلو۔ زھیوٗ کُسوٗ پیٚٹرِ ڈٲرٕ چھکھ ژٕ اپاری مِس آنگنس منٛزٕ ژامُت؟۔

"کُٹاک، کٹ کٹ، کٹاک" شاہ مالہٕ ہنٛدِ کوکرن تہِ کٔر گردن کھڑا۔ ظاہر دِتنس جواب۔ بہٕ ہا چھُس چھوٚٹ کوکر۔ کتہِ ترکھ یوٗرتہٕ ہا دے۔ بتہٕ چھُہم دوری مشتہٕ ہا دان۔

شاہ مالہٕ کھوٚرٲسنٛدیہ کٔرکہٕ نادلاگن۔ سو دیان یہے کنہٕ پأٹھی دم پھُٹٕ گژھہ ہیے۔ دلٕو وِجانہٕ ژٕرا شٕزٕ آواز بوزتھِ دارالامَن گژھ نہ۔ اُمس شِیِ کرنہٕ بدلہٕ تٕج امہِ ڈُزٕ منٛزٕ ے میٚٹر دتھ تہٕ کشہِ سان لٲئِنس ہِنٛز کنٛز کلس۔ سو آیہ نہٕ اُمس کیٛنٛہہٕ تہِ۔ البتہٕ اُمی کھیہ "کٹاک" کٔرتھ و وٕتھ تہٕ جانہٕ ژٕرِ کوٚڈ دارِ کنٛز کلہٕ۔

"ژٕئے کتھو پیٚٹھ از صُبحے شرارتھ کھٔرمٕژ۔ کوٚز نے کیاہ بچأری۔"

شاہ مال زَن رٔٹکھ ژٕدِ تھے پأٹھی پھوٚلٕس رُمن رُمن عرق۔ اَمہِ ژٕمیہ موٚکھ لوٗت احتیاط کرِ لوٗ، سہٕ رودس سورے طاقچس پیٛٹھ۔ جانہٕ ژٕر ہنٛزِ کتھِ تلہٕ گو اُمس شُبہٕ زِ یہ چھم ورگہٕ پأٹھی لسنہٕ ژٕٹان زِ یہ چھُہ اہنٛدِ کالہٕ کی ہہر پانگ دِیٛنٛچ شرارتھ۔ مگر توتہِ کورن کیاہتام ژٕورِ جگرے ہیوٚہ تہٕ وونس۔

"یہ ناو دوان یمین کوکرن پھلس کُن پکنہٕ تہِ۔ شرارتھ کہوزٕ گژھم آسنۍ؟"

"نوٚ نوٚ دے چھُناتوَے۔" جانہٕ ژٕرٕ وٚونس کھٹھٕ پأٹھی۔ "پگہہ پیٚٹھ آپراوِ کیھ لوٗرٕ سے۔"

"اَہا نوٚتہٕ گوٚژھہ اَسہِ رٔچھن آسٕن۔ تتھ چھُہ کھینہٕ خاطرٕ اَوٚنمت۔" شاہ مالہٕ دوٚپ زِ اُمس تھاونہٕ بہٕ کانٛہہ کتھ وَنٕنے وار۔" تمی آسہٕ ہے راتھی حلالی کوٚرمٕت۔

مگر سُہ اوس تھکتھ ہیوٚمُت!"

"کہو روو، مأرہ دوون کیازِ؟" جانہ بٔرٛو ڈٲنس۔ "وچھِہ کرٛ ژھ شکلہِ ہن
چھس ہیٚتھ چھس آواز تہٕ رٛژٕ۔"

شاہ مالہٕ ڈوٚل بٹھیکٕ رنگ، تمہٕ ہیوٚ اسنِد "رٛژ آواز" وَنہٕ منزٕ نٲلتھ
زِ امہ چھے أہنز سوٚ بانگ لوٗزمٕژ۔ مگر اورٕ کُن اتھٕ ننہٕ بدلہٕ ڈُژھس بیہِ۔

اوہیتھ ژھوٚہٕ کوکر ٹیلہِ مے رٛچھنہٕ آسہن تیلہ اے کیتہٕ کنہٕ اُسی پھیران۔
مے لیس کوکر اُمِس انَ ونیو۔ سُہ چھس نہٕ وُنہٕ تہٕ بَدس لیوان۔ وُونی چھس کمی تانی
وادِ کورُمت زِ ہیتھ زأنتھ تتھ دِمے ہم کرٕتھ۔

شاہ مالہٕ باسیوٚ وزِ جانہٕ بٔرٛ أدہٕ ہش اسُند یہ جواب لوٗزتھ۔ اَمہِ دوٚپ زِ
یہ اورٕ خبر کیاہ وَنِم، ہہنز چھِ پانس اَندرٕ اژنُ۔

شاہ مالہٕ ہیوٚت اَندرٕ رٕکنہِ سماوارس تیوٚ لنگل تراوُن۔ مگر اُس اُمسی کوکرٕ سندہِ
شہاپس سنے ہٕزتہٕ ٹیلہِ غوٗلام خان مشدہِ ہیٚتھ اَتھٕ بتھ چھلتھ گرٕ ژاو۔

شاہ مالہِ پھُرِس چایہ پیالہٕ تہٕ وُونس۔ چائے چیتھ ژھنہٕ اُمِس کوکرس
کھش کرتھ۔ مجلس منزٕ ہے لسن لبن چھُ۔"

"اہنی تہٕ مجلس کیاہ اَتھ ستی۔" غوٗلام خان وو تھس لواسہٕ کھنڈ ژاپان
ژاپان۔ روز ڈِری چھنہٕ زِ دُقتگ چھک مغالطہٕ گژھان"۔

"ژِ کیاہ؟ ژنے چھے کتھے یاژِ؟" شاہ مالہٕ گھرٕ ژکھ۔ ادٕ ٹیلہ نہٕ ژِ
ماجہٕ ہن لوکر نادس پانے صمد کھشکس اَتھِ کھش، دلوٕ بہ یہ پیٚشل بلاے رٕچھن۔"

"کرنادس" غوٗلام خانن کرٕ ژٹہٕ ونی کتھ۔ "مگر یتھنہ بیہِ لوٗکو کرانیچ فرمائش
آسہم۔"

"کیہنہ کہے نہٕ فرمایش۔" شاہ مالہٕ دِتی بُرٕ سماوارس پھوک پوٗنشہِ۔ یہ کیاہ

جانہٕ بٔڑ ہنٛد کوہ کرے دۄہہ ہس آنگنس منٛز ے چھُہ آسان"۔

غُلام خان ئیلہٕ کامہٕ ڈراو شاہ مال وُزِتھ تہٕ گیہٕ صمدی کھشس گرٕ، یہ وُچھنہٕ موکھہٕ زٕ تیٚتی چھا کٕہ اور پور چھہٕ کُن ڈرامُت۔ صمدی کھشہٕ اوٚس محلہ کیٚن کوہ کرن ہنٛد کھشہٕ ملہٕ۔ اُمِس ورٲے تہٕ آسی وارِیاہ کھش کرُن زانان۔ مگر اُمِس اوٚس وونی کیا ہتام ناوے ہیٚوٚ لوگمُت۔ توٚے تہٕ اوٚس اتہٕ کوہ کرن" ژے صمدی کھش ہیٚون"۔ ڈیٚنتھ وۄہو کڈٕ نہٕ لوان۔ صمدی کھشہٕ اوٚس امہٕ وزٕ گرٕ تہٕ دارِ پیٹھے وونن شاہ مالہٕ۔

"گژھ بانٛن یہ کرٕس کھش۔ مگر یہٕ تہٕ کیاہ ووٚت سوشامس باگ۔ ہینہٕ ڈٲلو زٕ بے[2] باژ کھمون، او ۔۔!"

"اہٕ ہینہٕ ژٕ ے کمی کوری ٹھاک۔ جانہٕ کھوتہٕ چھا"۔ شاہ مالہٕ وولُس جواب تہٕ اَسان اسان آیہٕ گرٕ والِس۔ یہٕ آس خوش زِ جانہٕ بٔڑ لشہٕ روٗزِم نٔس سیٚود۔ نتہٕ آسم وونی کالہٕ کاچہٕ تسنٛز پامہٕ بوزنہٕ۔

شاہ مال یُتھے اور پھیر تھ آنگنس منٛز آیہٕ، اتہٕ وُچھن بدلے حالاہ گومُت۔ بچاہٕ کوہ کر اُکس اندس کُن شرو کیٚنن ژامُت۔ جانہٕ بٔڑ ہنٛدی کوہ کرن اہندس کوہ کرس سیتی سخ پاٹھی جنگ لوگمُت۔ یمو سو قیامت پانہٕ وٲنی ملہٕ ناوُمت تہٕ گردِ لشنگہٕ تُلی متی۔ زٕ کنِس خو دالِس چھے خبر۔ پیٹھہٕ جانہٕ بٔڑ دارٕ پیٹھہٕ بہتھ یہنٛزِ اتھ لڑایہٕ تماشہ وُچھان۔

شاہ مالہٕ باسیوو زِ جانہٕ بٔڑ چھے انٛدری کُن خوش۔ تٔس چھُہ پورٕ یقین زِ مُون کوہ کر چھُہ زینتھ۔ تکیازہ سُہ اوٚس نٕلہٕ نچھہ کنِ رٲنٛڈی ہیو باسان۔

بٔیہٕ آسِنٛہ محلکی سٲری کوہ کر اکھ اکھ آنپہٕ منگہٕ نٲومتی۔ شاہ مالہٕ ہیٚوتن وٲنجہ دُب دُب گرٕ تھن تہٕ یتھس اکہٕ زنگہٕ بیاکھ رنگ سپدُن۔

جانہٕ بٔرٕ ہند کو کراوٗس وٗوزل تہٕ شاہ مالہٕ ہنٛد چھوٚت۔ یمن آسہٕ گردنہٕ ہٕنٛز

تہٕ پورٕ دٲیرن منٛز کھٔڑ اگامٕرہ۔ شرار نہٕ سیتۍ ٲسکھ کلن ہٹھ ہٹھ تہٕ تھتھرایہ سیتۍ

آسہٕ یمن گٔرد نہٕ ہٕنٛزن تیرن بجلی کرنٛزٕ ہشہ لیوان۔ بدن ٲسکھ نہٕ ہیٹھیمتی تہٕ پھوٚتین

واش ہیٚو درامُت۔ یِم ٲلِس اکھ اکُس مُقابلہٕ رٕوزتھ تہٕ تھتھرایہ ہٕنٛزٕ گردنہٕ

زیٹھرٲوِتھ اوٕ پٕیورناہٕ شیچھ ہاوان تہٕ ٲتھ اندر بےٚ پرسان پاٚٹھی اکھ اکِس جیچھ

ژھنان تہٕ تونٛتو سیتۍ ہرڈس تہٕ برڈس ترلان۔

جانہٕ بٔر بیلہٕ شاہ مال آنگنس منٛز اژان وُچھ سو بیٹھہ واریاہ پاٹھی دارٕ ہٹھ

شاہ مالہٕ باسیوٚ زامہٕ روٚٹ چاد۔ جانہٕ بٔرٕ وُنُھس۔

"یہ چھکھوٚ وُچھان۔ ادٕ بامیوٗن یہ ژھوٹہٕ کوکر کیاہ پوشہٕ ٲمس چانِس

کوکرس مگر کھٕرس کیا۔ ہیہ پانٛژھ دِ پانٛژھ کنی۔ امابتہٕ ونے ژٕلہٕ راوس نہٕ

ژھن ہلکی کوکر دہہ دُنہٕ ناوٕ متۍ۔"

شاہ مالہٕ گو اندری ہوٚ۔ مگر وَنہٕ ہس کیاہ۔ یہ ٲس چھنا وان زِ ہیٛنہٕ کیاہ

گو یہ ٲمِس گوشک زِ جانہٕ بٔر چھُ زانتھ مانتھ ہیٛن کوکر پور تروومُت۔ ٲمِس

اُس دانٛج توٚے توٚے کران زِ ووتھ تہٕ جیر ٲمِس جانہٕ بٔرٕ ہندس کوکرس ہوٚٹ

اَمہٕ سوٚنچ زِ ہیٛمہٕ یہ پتہٕ پام دِیِم تیٚیھ کو نہٕ تھاوس یہ برٕ وٕنھٕ توٚر ہیٹھ۔ یہ

وٕنِہٕ ہس۔

"میوٗن یہ کوکر لگہٕ نہٕ اتھ جنگہٕ جنگہٕ، یہ چھنا بدل ذاتھ۔ توٚے چھُ دروٚگ

تہٕ۔"

کوکر ولاج ہرڈس تہٕ برڈس تلی تلی قیامتھ۔ یِم ٲسی اکھ اکِس زٕتھ دالان

تہٕ تیر کھٕنٛزان۔ جانہٕ بٔر اُس دارٕ ہندس دَمس زورٕ پرسان تھپھ کرِتھ کلس

توٚے توٚے کران۔ شاہ مالہٕ اوٗس ٲتی تھی نارٕ چاپتھ ہیٚو گٕرھان ستہٕ اُتی

لۄدُر لۄشس ہوٗ گژھان ۔ سو ٲیس اندری کنۍ اَتھ موران تہٕ زھرٕ ژایان ۔ ٲمِ کہِ ٲس وُٹھ پھسراوٕ ے کرٕتھ جانہٕ ںٕرٕ ہندس کوکرس ووہوان ۔ "گژھتہٕ تو ننتۍ پیٖنۍ وُستھ ۔ ژٕ ے زنگن وَج گژھن " کوکرو ول اکھ ٲکِس رٕتھ ۔

جانہٕ ںٕرٕ ہندس کوکرس اوس نہٕ ووزل رنگ آسنہٕ کنۍ لۄزنہٕ لیوان زِ کوتاہ آس تہٕ کیاہ آس ۔ مگر شاہ مالہٕ ہندکوکر اوس چھوٚٹ آسنہٕ موکھہٕ خونے خوٗن گومت باسان ۔ اَمۍ یہ حال وُچھتھ رودنہٕ شاہ مالہٕ وونۍ پالنس تام کیہنہٕ تہِ ۔ اَمۍ ژول نیرتھ ۔

"ہسہ یہ جانہٕ رتہ چھیہ لگن ۔ وُچھ کُس حال کوٚر نۍ ے ۔ اَمۍ پیہ یہ تو ننتھ وُستھ "۔

"اوٚت پیٹھ کوتو دٲژکھ ۔ وُنہٕ کیاہ گو ۔ وُنہٕ وُچھ دہاوُنہٕ ناوِلس "۔ جانہٕ ںٕرٕ کورس واد ۔ شاہ مالہٕ اوس ووٗنۍ جانِ منس پیٹھ آمُت ۔ اَمۍ اوس کالہٕ پیٹھے اکہٕ اکہِ پتہٕ اکھ جاری تات بنتھ آمُت ۔ یہ دِی ہے جانہٕ ںٕرٕ خبر کیاہ ٹھوٚٹھ جواب یُتھ بہٕ جانہٕ ںٕرٕ تہٕ ژھوپہ کری ہے ۔ تہٕ ہیٚنزِ یہ اندری جنگہٕ جنگ وانہِ ہے وُہوَن تہٕ بکواسس پیٹھ تہِ ۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ ژوٚل اکھ کوکر ۔ یہ اوس جانہٕ ںٕرٕ ہند تہٕ شاہ مالہٕ ہندِ ہیٚرس سارسی آنگنس لار لاد کرنۍ ۔ شاہ مالہٕ باسیوٚ وزِ جانہٕ ںٕرٕ ژاج عارقہٕ ژھٹھ نیرتھ تہٕ یتھ گوس تمۍ ناوٚ ہیوٚ ۔ مگر پنُن ژھتھ رَچھنہٕ موکھہٕ کوٚرن بکر دوٗر زن سہ اتھ جنگہٕ جنگہٕ سیتۍ کانہہ تہِ غرض مطبل اوسس ۔

"ادٕ با تہٕ لیوہ ہے کوکر ماٚر لیوٚنا "۔ جانہٕ ںٕرٕ دوٚنس اتھ ہونگنہٕ دِتھ ۔ میوٚنے بوٗزو ' رَچھوٚن ' ماٚ دلیون مے "۔

"نتہٕ لۄز تھوٗ ژٕ ے پوٗزرے "۔ شاہ مال ووٗژھس روپیہ کنہٕ واج کنس اندرٕ نژناوان ۔ میٚے لسِہ اَسی تن کوکرس ہتھ ناصفتہٕ ۔ کالہٕ کی پہرِ دتین بانگ مے چھی نہٕ تمکی غم ۔ مگر جنگہٕ جنگِ کیٚتہ گژھہٕ سنخ آسن ۔ بہ آسئے یُتھے کوکر ژھاران ۔

اوتار کرشن رہبر

# رٕتھ گامٕژٕ اچھٕرٕ



کھٹاکھ — چھنٕ —

شاید پیوٚو دارِ ہُند شیشہٕ ژٲن گژھتھ پھٔر۔ کُنۍ شیشہٕ اوٚس اَتھ۔ اتھ دارِ روٗدمُت — مےٚ لوٚگ احساس زِ لہٕ لوٚک۔

"وائے یہ شیشہٕ کیازہ پھُٹ۔ ژٕمہِ لدِ اوٚس ٹھیکھ۔ شاید موٗرامِ ژٕمہِ۔ ژٕم چھےٚ ماران۔ کاغذٕ آسہٕ مَس لوٚگمٕژ۔ ژٲن ماگژھہٕ ہٕس۔ اُف یہ شیشہٕ ژٲن چھِ میالِنِس دِلس تِھپان۔ یہ دگ؟ — مےٚ کیاہ ہیوٚتُن یہ گژھُن۔ دپان چھُس پَنٕنٕ دمہٕ۔ ہوٚٹ بنیوٚ صحراو۔ زبان نَلہٕ وٕتھ۔ اَتھ دارٕ کیاہ بنہٕ؟ سٲرٕے تٕرٕ چھےٚ اندر اژان۔

شوٗ۔ شوٗ۔ شوٗ۔ واو چھُ گرُ، شینہٕ ژھٹھ چھےٚ سۂ سندِ پنجہٕ وہراوان۔ اُف — یہ راتھ — سیاہ چاہ — یہ کاژاہ زِیٹھ۔ یہ گرِ ہُند ہیٚم صداہ۔ یہ پینڈولم چھُنا تھکان۔ ژھادی ہے تھک بٕرنٕزراہ گژھہٕ بہتھ — اُف — وُنہٕ چھےٚ اکہٕ بجےٚ مُژ۔ امہِ پتہٕ بجہٕ ڈوڈ۔ تمہٕ پتہٕ ۲ — تمہٕ پتہٕ ساڑھ ۲۔ یہ چھُ اکھ زیوٚٹھ سلسلہ، لوٚت وُق کرِ سورِ۔ یہ راتھ، شاہمار راتھ۔ کٹہٕ چھےٚ شہنشاہ۔ میوٗن شاہ ہیوٚتُن ژھوکُن۔ دار بٹٕس چھُ زورٕ زورٕ الہٕ اژان۔ ییتیٚ باٗژ تیمہِ لرِ منز آستہٕ۔

بہٕ چھُس کُن نہ.......... نہ........ کتہِ چھُس کُن - یِمہٕ کرُسیہٕ، ہُہ میز -
یِم چھہ سارٕی مٔتِ بستی..... ہُہ لبہٕ ہِنٛد کلنڈر - کلنڈرس پیٹھ نیٚے مٔژ تصویر -
گنپت سُنٛد فوٹو - یوٗت زلوٗٹھ کرٕ ہٕ عجیب لَس - یِمہٕ نچہِ اچھ - آدم پانس پیٹھ
ہٕسی کلہٕ - اکہِ ناہموار جسمچ علامتھ - اکہِ بےتوازُن پانٛچ صوٗرتھ - اَتھ ناہموا ر
پانس چھہِ لگھ پوزان - یہ چھا خوبصورتی ہنٛز علامتھ؟........ اُف مےٚ کیاہ
ہیوٗتُن یہ گژھُن - بہٕ چھُس نہ کُن، ہٕ، ہٕ --- اُکیاہ --- ٘ اکیاہ - ووہ بہٕ کنٛہِ ژایہ
ژھاے اندرٕ - ژھائے --- اُچھرٕ --- ہواہس منٛز - اوٚرتہٕ یور نٔژران -
یِمہٕ اُچھ گیٚہ داوس منٛز رٔژتھ - اُف، مےٚ گوٚژھو نہٕ ہٕڈ گرنڈم لگُن - یِمہٕ اُچھ -
رٔژتھہِ گامٕژ اُچھ - یِمہٕ چھےٚ مےٚ کُن وچھان - اُف - بہٕ ہیکہٕ نہٕ ...... بہٕ ہیکہٕ نہٕ
یہ برداشت کرتھ...... یہ عذاب شدید - یِمہٕ چھِنہٕ...... یِمہٕ چھِنہٕ تمہٕ اُچھ -
کم نواح تہٕ کوٚسہٕ تہٕ ہٕ چھِنہٕ یِمن اُچھن - اُچھ چھےٚ مریم، اُچھ چھہ عیسیٰ، لولُک تہٕ
شفقتُک ناگہٕ راد - دارس کھٔستھ تہِ پننہِ دگ ژورِ نھٕ اوتھ اَسہِ سارنی پیٹھ
رحم کھوان - اُچھ چھہ حسُن، آرولہِ ہِنٛد تیز تہٕ گولابُک رنگ - پنہٕ پوٗنپر سُنٛد رقص
تہٕ وَن گنٛدرن منٛز ہرنہٕ سُنٛز ژھال مگر نہ...... نہ...... اُچھ چھہ کالی ہُنٛد خشم
تہٕ چنڈی ہنٛز بٔژھ....... نہ...... نہ یِمہٕ اُچھ چھہ ہمولِشہ بدون -
زوٗ تہٕ وِنہ اُچھ چھہ سراب - یِمہٕ رہتھِ گامٕژ اُچھ...... اُف مےٚ ہیوٗتُن جگر
ژھٔنُن - یا گوٚژھ میوٗن پان تحلیل سپدُن - نہ تہٕ یِمہٕ اُچھ - امالوٗز -
کرنژاون یِمہٕ اُچھ مےٚ کُن زوٗن تہٕ خلوق یِمہٕ اُچھ چھےٚ مٕہ وہنہٕ - کوتاہ اوٚس
یِمن اُچھن یہ کھمر لوٗٹھ - یِمہٕ کھمرِ چھہ لبہٕ - پرٕیتھ کانٛہہ چیز - یہ کلنڈر یتھ پیٹھ گنیشہ
سُنٛز تصویر چھہ - مگر نہ...... نہ...... مےٚ اوٚس نہٕ پےٚ - کلنڈر چھہ برٕنس - یِمہٕ
اُچھ آسہٕ برٕنس کُسِ تلاشس منٛز - کھمہِ چکہٕ چاوٕ لاجے یہٕ رِ مےٚ یِم شیشہٕ - رنگہٕ برنگہٕ

شیشہٕ یمن اُچھن اُسی کم شیشہٕ پسند۔ مےٚ اوُس ہناہ ژیر گژھان۔ یمہٕ اُچھہ آسہٕ پریشان گژھان۔ یمن اُچھن کوتاہ اوُس مےٚ ستیٚ اُنس۔ میٲنس جسمس تہٕ خوبصورتھ پانس ستیٚ اُنس۔ اُف۔ سوٗ گٔے۔ سوٗ گژھِ آیہ۔ بہٕ سپدُس چھوکہٕ لد بہٕ آس لاینہٕ۔ بہٕ سپدُس بے حد زخمی۔ بہٕ بچوس کیتھہٕ پاٹھی؟ —— بہٕ آس ہسپتال واتناونہٕ۔ میانہٕ زنگہٕ ژٕ آیہ مےٚ نِشہٕ جُدا کرنہٕ۔ لیس اُچھن روٗ گاش۔ تہٕ گاش لیٖس مےٚ زٕوٗل زلان اوٗس۔ تمہِ روشنی ہیوٗت لوٗب لوسہٕ میٲنی وتھہ شیران اُس۔ مونالزایہ بدلے یہِ اُچھہ۔ بہٕ آس گٹہِ منٛز ہنہٕ۔ مےٚ اوٗس نہٕ زانہہ سوٗچمت یمہٕ اُچھہ ژٕ آسن فقط میٲنس شریرس ستیٚ موحبتھ کران۔ اُف، ہیٚے کیاہ گوٚو۔؟ ہیٚے گژھنہٕ دانٛج ہیٹنی۔ مےٚ ہیوٚتن نلواس بڈُن یہ کینسر (CANCER) وارٕرس منٛز آس بہٕ ہنہٕ۔ مےٚ ہیوٚتن دم شروٗ کٔن۔ یمہٕ اُچھہ چھے سراب۔ ژلان ژلان واژوس کمن جاین۔ اماپوٚز کینسرس سپدنہٕ علاج۔ دگ چھہ برابر تیلان۔ اُف، یہ دگ۔ یہ چھہ ہیٚے زلان۔ یمہٕ اُچھہ لوٗت دوران گیہٕ تیوٗت چھہ میون زخم یمن پرتھ دمہٕ قریب انان۔ مےٚ چھہ یمن اُچھن ستیٚ نفرتھ۔ بے حد نفرتھ۔ بہٕ چھُس پانہٕ یموٚ نِشہٕ دوٗر روٗزن یژھان۔ اماپوٚز یتھہ کینٛسرس کیاہ کرہ؟ لیٖس یمن ژٕڈٕ ژٕڈٕ انان چھُہ۔ بہٕ کیاہ کرہ؟ —— مےٚ چھُنہٕ…… مےٚ چھُنہٕ کیہتیٚ فکرہ تران۔ بلکل نہٕ کیہتہٕ۔

یمن اُچھن ہنٛز قوت تھہ گژھہِ ووٚنی میٲنس وجودسے ستیٚ ختم۔ اُف۔ دیان چھُس چنٛج دمہٕ۔ سوکتہِ اَنہٕ زٕلوٚ۔ مگر یہ گینت کتھہ پیٹھہ چھہ اَسان؟۔ ناہموار پانس پیٹھہِ کنہٕ میٲنس وجودس پیٹھہ۔ وُچھہ لوٚڈ ترشول کیاہ چھُن انٛٹس کینٛتھہ تلمت۔

یہ…… تہٕ…… بہٕ تہِ تلہٕ ترشول۔ یہ تہِ اَسہٕ…… ہاہاہا۔ لےٚ وایہ اَسہِ

…… ہاہاہا۔

انیس ہمدانی

# گاشہِ رٲوس ہیرِیہ



دوٗرِ گیہ سائرنٕچ آواز۔ خبر کائنہ لوٗزا نہ لوٗزا۔ میٚے لوٗز۔ تہٕ لوٗزمے یاٗژٕنہ
ژلِکہٕ پرٕزٕناوٕم تہٕ۔ یہ سائرن اوس امبلنس گاڑِ ہُند، یہ ناد اوس صرف میانہٕ خاطرٕ
اَدٕے ڈراس یہ اتھ تھٕ۔ چیلہٕ ہوٚ جتھ کرُن اوس بےسود۔ تکیازِ کتھ اُس پٮ۪ٹھٕ
طےآمژ کرنہٕ۔ یہ ژھُس بیمار تہٕ مےٚ گژھہِ یلاج سپدُن۔

کیٚنژِ ہِیٚو واٗژ سو میٚے نکھہٕ تہٕ رُکیہِ میٚے وُچھتھ۔ یتھہٕ پراران اوس
تہٕ سپدنہٕ ژلِکہٕ وُتھی امہ منٛزٕ ژٕنٛز۔ تموکُرنہ میٚے سیٚتی کینٛہہٕ کتھ۔ لوٗز میٚے تٔوژ ہہندٕ بتھ
پٮ۪ٹھ ژِرٕم کیاہ چھہ ٹیرھان وُنن۔ اَوے تٔلٕم تیز تیز لوٚد تہٕ ووٚتس امبلنسہ نکھہٕ تہٕ ژراس
اندٕ منٛزٕ میٚے پتہ کھٔتی تم زٕ۔ یمو منٛزٕ بُڈٕ کھ اکھ میٚے برونٛہہ کنہ تہٕ میٚے دیت برٕ۔ برگ
صدا لوزتھہ دٕژٕ ڈرائیورن لیسندِ ن کرٕ ہنٕن دندن منٛزٕ سفید سگریٹ نیٚبہٕ کران
اوٗس میٚے کُن نظر۔ میٚے گو کیاہتام ہرِس منٛزٕ روٗزتھ تہٕ ہیٚو کم نہ گروٗٹھدٕ تہٕ نینٛگلتھ۔

دپل ۂتینٛرِ وٕتہٕ ہندس ترٕلِس سینس پٮ۪ٹھ نٔژنی۔ خبر کائنہ گوٚ امیک احساس
لوٚز وپل رودِی لگاتار نٔژان۔ یہ سوٗرے کیاہ اوس سپدان میٚے توٚرنہ کینٛہہ فکرٕ۔
نہ ووٚن تمو میٚے کینٛہہ۔ نہ بہرٕ لوٚیس یئے پرٕژُھنس۔ بیٚلہ میانہٕ نظرٕ الغایہ تمن پٮ۪ٹھ پٮ۪ہن۔
میٚے اوٗس باسان زن تہٕ تِم اُسی متیٚ ؤانسو پٮ۪ٹھ میٚے وُچھان چھہ۔ گاہے ییرٕزٕ تِم چھہ کیاہتام

سوٗنچان ۔

ڈرالیورس اُس نہٕ شاید خبر زٕ میٚے کوٚت چھہٕ نوان ۔ بٔہ دِکیوٚ وادٕ موٗجوب ۔ امہ بروٗنہہ زٕ بہ وٚچھ ہا تھوٚد، تمو کٔر زن میٚے زیٖن تھپہ تہٕ نہوس توٚت لوٚت تم ژٕھان اُس ۔ اَمہِ پتہٕ اُوسس بٔہ اَکِس انہٕ گٹہِ کُھٹِس منٛز یِیتہ فقط اکھ بیڈ اوٗس ۔ ینہٕ پیٚٹھہ خود زانان خبر کیاہ کیاہ اوٗس ۔ لوٗزٕ پیٚٹھہ آسس اکھ دو زج زنتہٕ رٔتہٕ سگہٕ ناوٕ ژٔٹِھ وٚہٕرتھ ۔ اوسے اُوسہٕ لبنہٕ لِوان زٕ اتھ بیڈس پیٚٹھ کیاہ چھُہ ۔ ییٚہ امہ کُٹھِچہ تھٕرتھٕر سفید رنگ کرتھ لبہٕ ۔ یمن لبن کیا نہ اوٗس سفید رنگ ۔ میٚے توٚر نہٕ فکرٕ ہی ۔ شاید آسہا گاشہٕ موٗجب ۔ پتہٕ سوٗنچیم لوٗزٕ یِیتہ نہ انہ گٹہ سوا یہ کینٛہہ اوٗس، ادہ کیا نہ، یہ سفید رنگ ؟ دپیوم پرٛژھہ کٲنِسہٕ ۔ لوٚزتہٕ اُوس نہ کانٛہہ تہٕ ۔ ہرگاہ آسہا تہٕ ۔ پرٛژھہس کیتھ ۔ امہ علاوہ اوس ٹِپ ٹِپ کنن گژھان ۔ یہ ٹِپ ٹِپ لوٗزتھ اوس میٚے کیاہ تام گژھان ۔ شہرٕ نہٕ پتیٚ زن آسم ٹھکان جِگرٕ چین کھنجن بِیلہ یہ ٹِپ ٹِپ اوسم کنن گژھان ۔ اُخرٕ کالس کالس رُوزِ جاری تہ بہ اتھ کُٹھس منٛز ۔ کینٛہہ اوسم نہ فکرِ تران ۔ خبرہ نبرٕ ی ۔ ناپھہ اُوساکنہ رُوٗد ۔ ہرگاہ ناپھہ آسِہا تیٚلہ کتہ گژھہا ٹِپ ٹِپ تہٕ لوٚد وَے شیٚن آسِہا تو تہٕ گژھہا ٹِپ ٹِپ ۔

سوٗنچان اُوسس زِامہ کُٹھِچہ لبہ نمہ ہا پرٛاٹھتھ دلوہ نیٚبر کُن دِمہِ ہا نظر ۔ نیٚبرٕ کیاہ اوٗس لسِدَان تہٕ سوربے نٔنہٕ ہا ۔ گوڈٕہ کوٗت کال اوٗس میٚے اتہ گومُت ۔ کینٛہہ چھم نہٕ خبر ۔ لوٚزتہٕ اُوسم نہٕ یہ ٹِپ ٹِپ کنن گژھان ۔ یہ گومنٛزِ کنن ۔ خبر رٕکہِ ہا تیٖاز انٛہہ ۔

...... گوڈے وارٕ کارٕ اُوسس بہتھ ۔ کیاہ کریو مکھ زٕ اتھ شکنجس برلویہس ۔ خبر جائے بدلہٕمہ ۔ صرف جایہ بدلی ستی ماچھہ دادٕی ژلان !

دونٕ زٕ اوس میٚے اتِہ خبر کوٗت کال گومت ۔ گاہے اوسم باسان زٕ دُونٕ وُنی چھس آمُت تہٕ گاہے وری وادن ہنٛز گرٛینٛد مشکل باسان اُخر سِپدِتی یہ نہٕ میٚہ زانٛہہ سوٗنچ ۔

دراصل چھُس نا بہ ہمیشہ تھٲژی براران رود مُت یہ نہٕ زانٛہہ سپدان چھُہ۔ کُنٛژہ تمہٕ لبہٕ کٔنٛز
یپاری بہٕ تموٚ دکہٕ دِتھ زبردستی اندر ژٕونمُت اوسہس۔ ژٲیم دوٚشوے، تہٕ آیہِ مێے
نکھہٕ۔ کیٛنٛہہ تہِ ووٚنہم نہٕ تموٚ مٔنٛز اکی تژٕ بیڈس وہرتھ وۄزج کمل تھوٚد۔ ووٚنٛ ٲس
تتھ سفید کپر ژادرٕ وہرتھ۔ مێے دِژ اکھ نظر سفید کپر ژادرِ بیا کھ لبٔن ہندس سفید
رنگس تہٕ اَمہ پتہٕ تمِن دوٚشونٛ ہندِ ژٕن ہٕتھین۔ مێے اوٚس ٚسے خیال بیہ ذٔہنٕس مٔنٛز
دوٚ تلتھ آمُت۔ زٕمیِن لبَن کیازہ چھُہ سفید رنگہٕ لوٚتِھ۔ پوٚز ہُہر لوٚیس نہ تمِن پرٛژھنس۔
شاید اٲسی تم میانہٕ لٔشہِ زیادہٕ ژٕرکی تہ اوئے نیٛوکھ۔ میانہ ہٕتھ پیٚٹھ پٕرتھ زہ بہ کیاہ
چھُس ژٕرِھان پرٛژھمَن۔ تہٕ تموٚ مٔنٛز ووٚن اکی "مرنہٕ بروٚنٛہہ گژھہ ناموٚچ پارہِ زان
گژھنی۔ اوٚے چھُہ یمِن لبن سفید رنگہٕ لیوٚمُت۔ امہ پتہٕ نیٛوٚس تمو بٔ
پانس سیتی تہ سوٚوِہس بہ اتھ کپر ژادرِ پیٚٹھ دِتٕنز۔ اَمہ پتہٕ انِکھ کم تام اوزار
تہ نیکھ میانس ہٕتھس ژٕ حصہ کرتھ۔ اکھ سٕہ ہیٚتھ میانس کرنٕس سیتی واتھ
اوٚس تہ بیاکھ لُیس اَمہٕ نٔش بیٚون۔ تموٚ مٔنٛز اوٚن اَکی زٕ اکھ پلواہ تہٕ تھوٚوٚن میون یہ
نیصف ہٕتھ اَتھ ولتھ۔ تمہ پتہٕ تھووی کتھ تام محفوظ جایہ۔ لیوٚر نہٕ میانِ نظرِ پھیٚے۔
مێے توٚدِ نہ فکرِ کیٛنٛہہ دپہِ ژھیٚتہ زن اٲس۔ نہ اٲسی تم کتھ کران تہٕ نہ بے پہران اَمہٕ پتہٕ
تلہِس بہٕ تھوٚد تہٕ ژٕر آو کھ مێے اکھ چین نالی۔ مێے پیٚلہ وُچھ اتھ اوٚس لوٚ نہٕ کنہ اکھ
لاکٹ اوٚیزان یتھ کُنہ تام نمبر کھٔنتھ اوٚس۔ مێے کرے یہ سیٚٹھاہ کوشش یہ پرٛچھ۔
پوٚز ہیوٚکس نہ۔ تکیازہ ہٕتھیکٕ لُیس حصہ مێے لٔش بیٚون اوسکھ کوٚرمُت تتھ سیتی آسہ نا
میانہٕ اَچھہٕ نہٕ دٲژھمٕژ کتھہٕ ہیکہ ہا پٕرتھ۔

امہ پتہٕ کوٚڈہس بہٕ تموٚ کُٹھہ مٔنٛز تمہ لُیہ کٔنہِ یپارِ بہٕ اوٚر ژٕونمُت اوسہس تہٕ
ووٚن تموٚ مٔنٛز اکی نٕہٕ نیٚرتھ۔ گژھ ووٚنٛ ژھکھ آزاد۔ ووٚنٛ ڈلِتھ نہٕ ژٕ زانٛہہ
ایمیلنسَ تہ نہ اَنہٕ نے لیوٚر"۔



اقبال فہیم

# بہاو



یہ سوٗرے سپُد تمہ وزہ یٚلہ زن بہ پنٕنِس آلس منٛز بیٹھتھ موٗمت اوُس یہ سپُد تمہ وزہ یٚلہ بہ تسندِس لفزس خبر کیاہ ونان اوُس۔ بۓ چھُس زانان مگر میٚے چھنہ پئے زِ میٚے کیاہ ووٚن تس نہ تمی کیاہ لوٗز۔

لوزن تیاگ کینٛہہ کنہٕ نہٕ۔ مگر کیاہتام لوٗزی تھےٚ لاٗے تمی میٚے کُن پاگل ہوٗن سندی پاٹھۍ کُنۍ ووٚٹھ۔

میٚے اوُس سُہ کتہ تام وُچھمت۔ میٚے چھُنہ پئے زِ میٚے کتہٕ تہٕ کسندِس برانٛدس بیٹھ اوُس سُہ کرٕ بیٹھ شٹھیومُت کھڑا ہیوٗ وُچھمت۔ یقیناً اوُس سُہ ہیوٗ۔ میٚے اوُس سُہ واریاہ لٹہ سمکھمُت۔ سُہ اوٗس سے۔ مگر سُہ کُس اوٗس؟ سُہ ہیکہ ہے بٕہ تہٕ اُستھ تہٕ ژٕ تہِ، سُہ ہیکہ ہے میون ممکی پاٹھۍ خم سپدمت بڈٕ ہب نہٕ اُستھ۔ کیا چھُسہ؟ پننِس بڈٕ ہب سُند بڈٕ ہب کنہ میون بڈٕ ہب چھُہ تسُند بڈٕ ہب۔ کنہ سُہ چھُہ میانِس بڈٕ ہب سُند بڈٕ ہب بنن ووٚل۔ آ۔ میون بڈٕ ہب چھُس بۓ "سُہ" "ژٕ" "اُسی" مگر سُہ "ژٕ" ہیکہ "بہ" "تہ آستھ۔ میون "سُہ" ہیکہ بہ نہٕ آستھ "ژٕ" تہٕ اُسی تہ۔

بہ چھُس پنٕنین وِرامن ہند قیدی کنہٕ وِرامہ چھِیے میانۍ قیدی واریاہس وقتس

سمکھ نہ میٚے سُہ کینٛہہ۔ میہ ژھونڈ سہ جنگلن تہ جاین منٛز۔ خبر سُہ کوٚت آسہے گومُت۔ خبر کمی سٕند بٔڈ ی بب آسہے بنیومُت۔ ہنگہ منگہ گو میٚے سُہ تس ستی نظرہ۔ بہ اُوسُس تس ونہٕ آلو دِنچ تیاری کران زِمیون آلو پھیوٚ و میانس ڈیمبس منٛز۔ وچھان وچھان گوس بہ فورن مکمل پأٹھی پانس لشہ غأب۔ خبر بہ کوٚت کوٚت لارِ یوٚس تس پتہ پتہ لوچھہٕ ہٕژ بیأر ہندی پأٹھی۔ یٚیلہ سُہ موگنرو منٛز نیرنچ تیأری کران اوس میٚے لوٚے تس زورہ سان گوسُہ گوٗزِ ہتھ۔

ہتاہے...... اوٗز کوٗت چھکھ گژھان۔ اوٗہی ہسا کرِ ہنس شہرس منٛز کرِ یہن نفرن منٛز۔ میٚے دِژ تس زورہ سان گرِ یانس تھپھ میانہ دہ شوٚے نرِ گیہ تمی سندس والہ برتھ سینس منٛز اوٗتے۔ تمی ژٹھ میانین اچھن منٛز نٲہموار نمدار زیچھ اوٗنگجہ تہ پننی برد نٹھم ہمہ تلی ہیوی دندکھاوِن میانہ شہہ رگہٕ پیٹھ۔

”ہے یہ کیا ساچھکھ کران“

یہہے چھیٚہ میأنی عمل تہ یہوٚے چھ میون زوٗن لسُن لسُن۔

ژٕ کیا لأر لوکھ میٚے پتے......؟

...... نہ...... اوٚے خاطرہ نہ کینٛہہ۔

میٚے اوٗس سُہ کتہ نام وُچھمُت، سُہ اوٗس میٚے تمہ وقتہ سمکھمُت یٚیلہ زن بہ پننہٕ پریشانی ہنٛز پریشانی اُوسُس۔ سُہ آوٗ میٚے نزدیکھ سٹھاہی نزدیک تہ میٚے لوٚب تسٕند اہنار۔ بہ چھس زانان مگر میٚے چھنہ پئے زِ یہ منٛزی کوٚت چھیٚہ ووٕ زجر آبہ نٔہر گژھان تہ یہ آبہ نٔہر کمی چھیٚہ کھٔنی متٕر۔ لستی لستی چھیٚہ اتھی آبس پیٹھ زوان تہ مران۔ سُہ اوٗس گوڈہ تہ آب فقط آب۔ لیٚمہ ووٗنہ۔ نہ۔ سُہ اوٗس سفیدی منٛز ووٕ زجار۔ نہ نہ ووٕ زجارس منٛز سفید۔ اندی پکھی کنٛھہ پأٹھی ووٕ پدیہ وِرامہ تہ ژیٚن۔ ہے یہ نٔہر کوٗت کُن چھیٚہ دوان۔ یہ کیا کھمان تہ پرِ یکان۔

یہ چھیٚہ توٚژ کن دوان پتہٕ یہ کڈنہٕ آیہ ......

گونایہ چھیٚہ پنہٕ آیہ منٛز کڈنہٕ آمژ تہٕ پننس آلبس کن دوان ۔ پتہٕ یہ کڈن اژن کیٚتھ ۔

وُچھیوسأ جہلم چھ ویرناگہ کڈنہٕ آمُت ۔ مگر ویرناگس کُن چھُنہٕ امیک رُخ ۔

ہاہا ۔ جہلم چھ پننِس ویرناگس اندی پکھی نشران ۔ یعنی جہلم چھ ویرناگ ، تھوٚ تھوٚ تھوٚ یہ نہرکتہ چھیٚہ نیران ۔

لوٚت واپس گڑھان چھیٚہ ۔

امہ بستی ہندی لوکھ تہٕ چھیٚہ عجیب ۔

مران کیتھ کٔنۍ !

پننہ سہلابہ ستی .....!

اڈہ ..... یہ مرا پتہٕ سہلابہ ستیٚ کنہ پننہٕ خوشکی ستی ۔

ہے میٚے دن سأ یہ چھسہ پننِس بہاوس منٛز بیران کنہ یہ چھس پننہٕ ننن ورامن منٛز قیدی ۔ ورامہ چھا میٚے منٛز کنہ یہ چھس ورامن منٛز ۔ اگر یہ ورامن منٛز چھس آزاد کیتھ کٔنۍ گژھ ! یہ ماچھس پننہٕ بیرونی ناوِ منٛز ۔ بیرونی ناو کنہ بیرونی ناوِ چھیٚہ میأنی ناوٕ ۔ یہ چھسہ پننِس بہاوس منٛز کنہ بہاوٕ چھ میون بہاو ۔

یہ بہاوٕ کوٚت نیہ میٚے ؟

بیتہٕ یہ اڈ ننس ؟

یٕہ کتہٕ آسُس ؟

لوٚت یہ میٚے نیہ ؟

میٚے چھ پےٚ زِ یہ دراس کٔنۍ دوِنہٕ ووٚڈھ تلتھ ورامو نیٚتھ تہٕ میٚے وُچھ بستی بستی شہرگام أسی ووزلِس آلبس منٛز بیران تہٕ یٕہ اوٚسس بہاوس منٛز پھٹتھ کریٚہنہ لاش آلبس پننٛھ بیران ۔ !!



بشیر اختر

# کیہہ پوٗز کیہہ سنٛپ



پتہ سپدٕ یہ زٕ مالِ وچھ خاب نہ لوٗن باٮ۪نہٕ باٮ۪نہٕ اولادس۔ کانٛہہ کالنہ ڈٔنی زٕ اولادِ صالح، تمی تھوٚو بنٛن پان پیش کش پرتھ رنگہ مالس آیہ تن۔ موٗل ووتھ تہٕ ہل بسم اللہ کرتھ تحبِن شرا کھ۔ سو کرن پھشہ کنہٕ بٮ۪ٹھ تیز۔ امر پتہ لڑاوٗن ساری زور۔ اما پوٗز لوٚت کرٕتھ تہ لوٚریہ نہٕ شرا کھ ہرگز۔ سو زن گیہ ہٹس تل وا تھتھ پرتھ وزٕ موٚنڈ۔ مالس کھوٚت شرادتھ نہ لاٮ۪ین یہا ے شرار کھ خشمہ سان کنہ پلس۔ وچھن والیو وچھ زِ شرا کہ دبہ ستیٖ گیہ کنہ پلس ژوٚر ٹکرہ۔ موٗل گو حاران تہ تجِیٚن ہیوٚر کنُ عالہٕ بُرزٕ چشمہ۔

بنٛٹھ کنہ لیٚس وچھان اوس، تمی کرٕ پانہٕ پانہٕ سیتی اسنہٕ ہناہ۔ میٚے کوٚڈ کیمرانہ تلمس اکھ فوٹو۔

پتہ وٕنٛج مرٕ یادا، ازنہ لوٚگ سانہٕ گرِ دم دام۔ نِکیو بڈٕ لو تروٚو نوٚو پوشا کھ نالِ۔ بانڈٕ کٹیو لوٚگ آنگنس اندر جبنہٕ تہ بیٚیہ ڈُم ڈُمس صحی گرز و وٚتھ، نفر ژوٗمبرٕ درا ے بازر۔ سودا کرتھ ژاے اسان تہ گنڈان گرٕ۔ گرِکیو باژو دژ اکہ اکہ رائے۔ اڈلیو وٚن سوٗنتھ نہ اڈلو کھر کوٗ فرقان۔ ڈاکٹرن ہنڈی باٹھ آو گلن وٕنہٕ سٹیتھسکوپ۔ گنڈہ لوٚشن ہنڈی باٹھ آوٕ سارنہ اکھ اکھ تان۔

کنہٕ پھیرِ تہٕ وندِ مال۔ کتھے کتھ تالس کرکھ نہ دِنن۔ شُرین ییلہ وٲر واڈتمو لوگ
یارہ بل ہٹس پیٹھ پسٕ گیش۔ تھو میو تھو میو سُور کھاب۔ بچو بچو کورلو انہٕ
ژوہ پاٹھی سو مبر تھ سور میہ دانہٕ۔ مانٛز مہرازس شیر کھ پیٹھ کنہٕ جائے۔ گرِ کرِ
زِتھ سیٹھس اَندی اَندی تہٕ کلمات پران کورکھ خدایس نزِ ونہِ روانہٕ۔

پیٹھ کنہٕ یُس وُچھان اوس تمی کٔر پالسی سیتی اسنہٕ ہناہ۔ ہیٚتے کوڈ کیمراہ
تہٕ تُلُمس اکھ تصویر!۔

ڈبل برسٹ کوٹھ، کھچہ مُرِ پتلون تہٕ سونٛدر مالن ہندِ اَندرے شانو
پیٹھی الاندی ترأوتھ زیٹھی زیٹھی مس ٔبرگ۔ یمن ترٛن چیزن پیٹھ پیہِ ہیٚتے
گوڈ نیتے نظر۔ امہِ الو ریہ کینژھا وچھم تہٕ چھم نہٕ لگان پھرن۔ اَسی نا آسان صحب
لوکھ۔ بہٕ نبر تراوہن قدمی یوت زِ ژور ژور گُری ہیتھ اَس آسان ٔبگی حاضر۔
اتھن اندر تُلہٕ ہن کین، گردن تھاوہن تھوٚد تہٕ بادشاہ صاٖبنی پاٹھی رٔٹہٕ ہن
کمام۔ سٹرکہٕ پیٹھ جمع گامتس آبہٕ دوبس کھوژہن تیتھ کُنی یتھ کُنی کھوژان چھہ
ہا پتھ نارس۔ دوہ نی گوژسہ اوس یہٕ کاہنہ تہٕ لاٹھ صحب۔ کُمہٕ تام دفترُ لوکٹ
موہ کٹ افسر تہٕ لُوت کٔرتھ تہٕ دراوسہ چھمہٕ گرِ۔ اُچھن چوٗرن عانکھ تہٕ
لتھ لزن موٹرکارس تہٕ یہ جاوہ جا۔

منز باگ سٹرکہٕ آبہ دوب جمع نہ گژھنہٕ خاطرے اسی کہی یا موزو کامہِ
لاگنہٕ آمتی۔ کینہٕ روڑی تراونس سیتی آوری تہٕ کینہٕ پھنڈ دنس منز مشغول۔
پھنڈہٕ والین پتہٕ پتے اوس لفراکھ نرین زنگن ٹھیلہٕ ٹاٹن ہند ولیٹہٕ کرتھ کارنہٕ
آمت تارکول سٹرکہٕ وہراوان چھیکرس کھوت اُمی سے نفر سنْدنا وشہر کین
اخبارن۔

دلیپ سنزِ یہٕ کارِ چلاوان واٖلس روٗدنہٕ سٹیرنگ پیٹھ کنٹرول تہٕ تُجس

وَقتہٕ وِزِ موٹرس کارس بریک دِنی کردَے اٰسی۔ برونٛہہ کُنم اکھ پیہ کھوٚت نارکول تراوَن وٲلِس کلہ پیٹھہٕ۔ دورٕ پوز کھٹاس۔ زتہٕ پھُٹ واٹرِ بال۔

"لوکو تار شہادت زٕ ییلہِ تمہٕ موٹرکارٕ نمبر لیکھ تراو۔ تس گیہ دوٚہ شوے زنگہٕ روزِ تھ۔ تمی تلی اَتھہٕ تھوٚد۔ تِم دِتن اچھن امہ پتہٕ لٲین کرکھ۔ اوہ مٲلی گاڈ!" پیٹھہٕ کِنہٕ یُس وُچھان اوٚس۔ تمہ کرپانس پتہٕ اسنہٕ ہناہ۔ مِٹے کوڈ کیمرہ تہٕ نیومس اکھ پوز.......

خبر توٚ ہہ ما آیہ کُنہ چایہ دِالِس پیٹھ مہاکالی ہِند فوٹو وچھمت کرِہِن کیٛہہ کال ہیوٚہ بنیتھ۔ خونی اَچھہ تہٕ گراہ ڈایہ مرٕ گٹھہ درامژ نارٕ تکھ ہش زبو۔ تس ییلہ الماہٕ دروازس کُن نظر پییہ، برابر گیس سوے شکل۔ الماہٕ دروازس اوٚس ڈبل رد پییہ سوٚمب گوٚڈ تہٕ پھِرکِنہ ارکوٚش موٹھاہ یہ ڈٕبی زِڈیرس۔ تس پییہٕ ہنگہٕ منگہٕ نالی ہنر کوٹھہٕ زچہ یاد تہٕ ووٚتھس وُلوٚدر ہیوٚہ۔ تمی دِژِ جبرٕ تھپھ تہٕ لوٚرن چلمہٕ تموکھ۔

خوٚ دایہ سُند کرُن اَمی ساتہٕ گوٚ وَسہٕ تالوس زورٕ کھر۔ تمی ترووٲسہٕ اَندرٕ نلی چیرٕ تہٕ دِتن دارٕ کَن۔ کھرٕ کھرٕ اوٚس ووٚنی طبق پچہٕ اَندری کنی گژھان۔ اَتھو اندر درایہ ہیرمہ طاقچہ کِنی سنتلہٕ داوہش نٕی۔ سنتلہٕ داوٲس اَنچہٕ شیشے مرزیھہٕ تہٕ تارزِ اولہ کلکی پاٹھو اوٚسس پیوٚت چمکان۔ شرپن ییلہ نظرے یہ تمِن گو ہانبہ۔ پھٕٹن پھیرِ کھ لیٖدرٕ زھٹھ۔ اما پوز تس ہیوٚتن ووٚنی دوٚہ شوٚنی منگن شرارتہٕ پتہٕ شپہ داوگژھن۔ تمی تھاو چبرلیہ کُن تہٕ سینٛہ ووٚتھا کے تھوٚد۔ امہ پتہٕ سومبراوِن اوِرٕ پورزچہ نہ تمِ دِژن اَندی پکھی ترٲوِن۔ وچھان وچھان گے تمام گڈی بنڈوالِ دانہٕ کجٕ۔ تتھ اندر اوٚس نار دان جبکہٕ جبکہٕ کران۔

سنتلہٕ داوٲس ووٚنی طبق پچہٕ اَندرٕ نیرتھ طاقچس پیٹھ ناہ گرنتھ تھاوٕ مژٕ

ژادرٕ بچہٕ کُنٕ لمان۔ ژادرٕ ہٕٹ اُس وٕنہٕ نوٚے تہٕ توٚے موجوب روُدٕ سے نہٕ تَس زَنہٕ
پانَس تام۔ سہٕ گو دوران تہٕ دِژٕن ژادرٕ بچہٕ پھیُہ۔

ژادرٕ ہٕٹ ییلہٕ پھر پیٚیہٕ تمہٕ اَندرٕ درایہٕ کرہن فٹ بال ہش ژادرٕ اَندرِ
نیر تھِ کھییہٕ تمہِ ژرٹ تہٕ گیہٕ صندوقہٕ پتہٕ کنی غاب۔ شُرلوٕ ییلہٕ کیاہ تام کرہن ہیوٚہ
صندوقس کُنٕ ژلان وُچھ تمِ کھٔنی دارٕ ہندس طاقس۔ تمی کوٚڈ پھرٕن۔ دچھنہٕ
اَتھہٕ تلِن لڑھل تہٕ امہٕ پتہٕ اونن پھر ہینتھ دوٚلوٕ دوٚلوٕ کھورٕ وسیتی صندوقس لبہٕ کُنٕ
چار۔ تہندٕ چارا پنہٕ گیہٕ تارِ یاژ زِصندوقہٕ پتہٕ کنی گیہٕ زورٕ زورٕ چیخہٕ رارے۔
تمی زون زِ شکار گو ہلاک۔ پھر کھٔ ہیوٚہ ترٔاوتھ۔ دِژٕن شرٕ ہن کُنٕ نظر، تمِ اُسی
دارٕ طاقو پیٹھٕ چمبہٕ ژٕٹتھِ۔ تمی کوٚڈ صندوق درٕ دِتھ برُونہہ پاہن تہٕ اَمی سانہٕ
گیہٕ ساٚری خاب مسمار۔ بیٚیہ چیخہٕ رارے کرٔنتھ تہٕ وراوِ صندوقہٕ پتہٕ کنی شکار زندے
تہٕ نیرانِ نیرانی ژاوکنی ژھالہِ دانہٕ گجہٕ اندر۔ ژھ کھنجہٕ تجن وٕ ہہ وٕنن نارہٕ توٚنگلن
پیٹھٕ ٹمبلہٕ تہٕ ہیوٚ کھڈ زنتہٕ ستھہ سورتھ۔

کانہہ کالسہِ وٕنٔزٕ ہوٚنگہٕ، تمہٕ زَن آیہٕ غانہِ موقس ہیٹھہ منز زنانہٕ۔ تمہٕ تُل
ہنگنہٕ منگہٕ ڈٔرکرٕ دِژٕن وٕ ہہ وٕنن نارتہٕ توٚنگلن پیٹھٕ ہیٹھٔ متس شکارس
پورے زیر۔ شکارس زَن ژاو زُونہٕ تمی نٔج کنی ووٚڈ تہٕ سیتی ژاو گجہِ
دِچھنی وآج اندر۔

تَس کھوٚت جکھ۔ ییٚہ ہیٚچن تیٚز کٔن پننہٕ کولیہ لبکہ۔ متھ گوس زِ
لڑھل تلہٕ نہٕ دوٚلوٕ ٹاسوالِس مغز ہوشہٕ۔ اما پوٚز تھوٚد ووتھس سوٚمب
زَن روٗزِس نہٕ ضوٚرتھ۔

تمی ژاٚپی وُٹھ تہٕ امہِ پتہٕ ووٚتُن۔

”ازاوسي رزق ته بچو ڪُڌ، دسپه موت ڇُپي ليکتڏ ميانءَ ڊيي اٿهو.“

پيٺلس وڇُهان اوُس. ٿُمر ڪرپانه هيي سيتي اَسنءَ هناه. ميي ڪوڏ ڪيمراه ته نيومَس اکڏ سنيپ - (SNAP)



بنسی نِردوش

# لوَمریچ



تھوٚنہٕ کیا گوٚتہٕ یہ کتھ چھِ وَنان، یہ چھےٚ نہٕ مےٚ ازتہٕ پتاہ۔ یہ چھا کاشُر لفظ کِنہٕ فارسی تہٕ ترجمَہ نہٕ خبر۔ یہ فیصلہٕ ہیکن زبان زانن والی کرِتھ زِ امیُک مۄل چھا سنسکرت کِنہٕ برآنی۔ یہ کَمہِ منز چھُ درامُت، میانہِ خاطرٕ چھُ یہ وُنہِ تہٕ اکھ معمہٕ۔ مےٚ گوٚ یہ لفظ گوڈنچہِ لٹہِ تَمہِ دوہہٕ کنَن یِلہِ کیشوناتھن اُڈکہٕ کالجہٕ چھُن چھُٹیَن منز ژھارہٕ پیٹھٕ گرآمُت اوس تہٕ دوَیمہِ دوہہٕ بِھنس اوس آنگنہٕ کِس نلکس پیٹھٕ ہتھ چھلان۔ مےٚ دوٚن زنانہِ زِ اُمِس چھُ تھوٚنہٕ ناد۔ اُمِس اوس کیشوناتھ تھوٚندے وَنان۔ اُمِس کُن ہیر پیٹھٕ لۄن نام نظر اکَرِتھ کوٚر مےٚ نیتہِ جایہِ زِ یہ گژھ تھوٚندے آسُن۔ ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ تیٚتھےٚ شانہٕ گونڈ ہیوٕ ہیتھ بایارِ دُکانن پیٹھٕ بڈین بڈین یا پارِن ڈوکھ چھُ آسان۔ کوٚناہ ژہل دِتھ کوٚتاہ بازٕ راوتھ تہٕ مجال چھا زِمین شانہٕ گنڈِن اَژ گینی کانہہ۔

تھوٚندہٕ اوس حصارہٕ ایگریکلچر ٹرٛینِنگ کران تہٕ گوڈنچہِ لٹہِ اوس گرآمُت۔ کیشوناتھ نہِ اوس تہٕ پانہٕ پنڈہِن شُرٕ ہِن ؤرِیَن گرٕ آمُتےٚ۔ سُہ اوس ہیٚٹھو آری، گرا اُکِس گامس تہٕ گرا بیس گامس منز۔ یِتِس کالس سُہ گامہٕ گامہٕ اوس پھیران.... کیشوناتھنِ لرِ منز اوس اکھ دانگُج لوان تہٕ بیا کھ گژھان۔ کیشوناتھن مکانہٕ اوس

سالِنس ستۍ۔ لبہٕ ستۍ آس لَب، لوکچارٕ آس مےٚ اتھ مکانس مَنٛز کیشوناتھنۍ زنانہٕ
وُچھمٕژ یَہے کیشو آرٕ ک بابے ہش، بٔنِیہ زٕ لڑکیہ۔ یمہٕ آسہٕ تیلہِ دۄشوے لۄکچہ میانہٕ
کھوتہٕ لٕژھا لوکچے تہٕ تھونٛدٕ اوس تیلہِ ماجہِ دۄدٕ بے چوان۔

تِمن دۄہن اوس کیشوناتھ ٹھنگہٕ مرگہِ پھٹواری پیٚٹھہِ مےٚ یہ لوٗزلوٗزٕ کیشوناتھس
موٗیہ زنانہٕ۔ تمہٕ پتہٕ پیٚو کیشوناتھس وَرٕل تبدیلی گژھتھ یتہِ گیٚر داوَرتہٕ وَرٕ ملی کورُن دۄشونٛ
لڑکِین کھاندر۔ کیشوناتھنۍ زنانہٕ مَرنس پتھ گیو واکاٗ ٹھنگمرگ تس مٲنٛمس تہٕ چھم
نہٕ یاد۔ اما پوز کیشوناتھُن دۄشونٛ کورن ہنٛدس کھاندرس پتہٕ گیہِ محلہٕ چہِ واریاہ
زنانہٕ تہٕ ییٚہِ کینٛہہ مَرد ورٕ مُل میانۍ زنانہٕ نہٕ ماج تہٕ آسکھ ستۍ۔ مےٚ چھُم کالُک بتہٕ
یاد زِ ورٕ ملہِ ییتھ یم تارِیف میانہِ ماجہِ تہٕ زنانہِ کیشوناتھس کرٕ ژ تہٕ لوٗزتھ گو مےٚ بینہٕ
نادآری ہنٛد زیادٕ نے احساس۔ دۄ ٹُم مےٚ چھ زندگی چھمبۍ گژھ۔ نادآری آسُن
جان۔ پھٹواری آسُن جان۔ لُس پوٗز اَپزٕ کرِ مگر لُسِ چندہٕ مَنٛز روپیہ داہ ازکل کسِ
وقتس مَنٛز کیٚہہ نیران، تمِس چھ سارِی خوش، تس چھِ ساری وصف۔

مُحلک محلہٕ اوس کیشوناتھنۍ ڈُنی یاد آری تھکہٕ ناوان تہٕ تمی سٕنٛدی
وصف گٔنٛزراوان۔ افسوس اوس کھ لوٗتے لوت زِ بچارٕ لوگ چھمبن تہٕ چھاران۔
لژآستھ جاے آستھِ تہٕ دیتُت ہس نہٕ زانہہ شہرس مَنٛز ڈاڈ کرنہٕ۔ محلہٕ والین
اوس بہتھ زِ کیشوناتھ گو گادٕ بزرگ۔ یہ کتھ ماتیر ہے پنٛہے مگر پرس سیٚد
محلس مَنٛز اکھ حادثہٕ تمی حادثُن اڈن کیشوناتھ لاران گرٕنین والیس۔
دلیل گیہِ یہ زِ ساٗلِنس مکانس نہٕ کیشوناتھہٕ لِنس مکانس بروٗنٛہہ کنہٕ اوس آنٛگنس
مَنٛز بے بیا کھ مکانہٕ۔ سہ آو وَندس مَنٛز شیٚنہٕ ستۍ دباونہٕ۔ مکانہ ڈالی بچے یہ
اتھن پھوکھ دِوان۔ تمہٕ دۄہہٕ پھوٗرٕ مےٚ سٹھا زِ بآژ و بُرتھ مکانا اوس برونٛہہ
کنہٕ یوہے گو چھلہِ چھانگر۔ اکھ گرٕ ژوٗل اُکس محلس مَنٛز تہٕ بیا کھ گرٕ ژوٗل بیٚیس،

محلس منز۔ اتھ مکانس اُسی ستھ شریک تہٕ بستن آسہٕ سداہ وۄتہٕ کالنسہٕ اوُس نہٕ
کالنسہٕ ستی ہشر۔ اکی مَرِکہٕ تہٕ اکِی شکمکی بٲے اُستھ تھوکھ مکانہٕ ملبس الگ الگ
ڈیر کرِتھ۔ مگر ستہٕ وہنہٕ ڈیرن پیٹھ لوسہٕ کانہہ داگ، درواز تہٕ پچہٕ چھپل ٹولوت
اُس سو گیہ وزِ وزِ تہٕ واہ واہ غاب، یتھ نہٕ کینژرن ہفتن منز بے دُیت محلہٕ کیو
دوہ لیہ شرلو گرِ ورات کیوٗت مکانہٕ کِس ملبس اَتھ نہٕ جاے نیچھ صاف کرِتھ۔
چتے کانہہ سیر ارامن ڈمب لوٗرِناوُنس۔ کینژ بےٕ رتن منز اوس باسان زنہٕ اتھ
مکانس پیمتس وٲریہ وادِچھ گامتی۔ ہپآرِی پوٚہ یہ مکانہٕ تہٕ ییپارِ کھلے یہ محلہٕ کین
وار یاہن مکانن نظر ہش۔ ساعلس مکانس نہٕ کیشوناتھ لنس دوت اُندرِ مین کھٹن
نام گاش۔ ظاہرا اوس کیشوناتھ مکانہٕ پنس ثراران۔ ننہٕ آسہٕ ہن زونمت
زِ مکانہٕ ہرگا وانگجن اَتھِی تھوٚوم گرٕ تھن اتھ نہٕ بیہے دَنن۔ اَمی وقتہٕ پیٹھ اوس کیشوناتھ
پننس گرس منز واپس آمت، تہٕ اکھتے اوسن ووہ نہٕ مکانک پش تہٕ شیو رمت تہٕ
کھٹی دارن ووزل رنگ تہٕ کورمُت۔ یمن دوہن یہ مکانہٕ پوٚ۔ تِم اُسی وندِ کی دوہہ
تہٕ اُسی اُسی دُنہٕ لوٗزمس دوٚلٹِس منز بے روزان۔ ہیٚرِ دمس لوٗرِس منز کیا تبدیلی
اُس آمژ۔ امیک اندازٕ سیدٕ منٚے تمہِ دوہہ ییلہٕ اُسی تہٕ رتہٕ کالہٕ بلیہٕ کانی پیٹھ روزانہ
کھٹی۔ کانی ڈبہ پیٹھ یاسہٕ مٚنے ازلو دے فضالیس نہٕ منٚے لوکچارہ پیٹھ زہنکہ
دُچھمت اوس۔ شنکر آچارک مکانہٕ تہٕ ہارونہٕ کین پہاڑن ہندی کوہہ تنہٕ لی اُسی
ڈبہ پیٹھ صاف لبنہ لوان۔ یہ نظارہٕ اوس متاثر کرِوٗن مگر امہٕ ستی گوس نہٕ یہ تہٕوت
متاثر لوٗت متاثر بہٕ مہاراجن کوٚرس۔ مہاراجہٕ اُس وَنہٕ مالہِ شہر کوٗر بیہے ساد وار
گاڈ ہش نپہ نپہٕ کران۔ اُمی سندِس مکانس تہٕ ساعِنس مکانس اوس اوٚت نام لوٚیہے
مکانہٕ ٹھہرلس وُستھ پوٚ۔ منٚے باسہٕ گوٹنچہ لٹہِ زن تہٕ مہاراجہٕ نہٕ اُتھی موقس پراران
اُس زیہ مکانہٕ پیہ وُستھ تہٕ اُسی کیو اکھ اُکِس نزدیک۔ منٚے اوس باسان خیمہ

بیٚمہٕ وزِ بہٕ صحنس دفترٕ نیرِوٕن تام ڈبہ دارِ بیٹھٕ بیٚہمٕ، مہاراجہِ اُمس تَس جانہ وارٕ
سنٛدِ ہی پاٹھی ژھرہٕ ٹھرٕٹ ہش کران یَس دوہہ لوسہٕ ڈٕن پتہٕ تسِ اُلِس تام واتان
واتان چھِ وَتی شام گژھان تہٕ اُلِس تِسٕ واتتھ چھُس نہ اول پٕژ زناوٕن لگان۔
مہاراجہ تسِ مکالس اُس ڈٕب سانٕی پاٹھی نٕژ تہٕ ژنگے۔ نہ اُس اسی ڈبہ دارِ کانہہ
تہٕ نہ تمِن۔ ڈبہِ اندر اُژِ تھہ تہٕ یہ کِنژٕ رٕھاسو کرِہے تہ اوسُس بہٕ جان پاٹھی
وِچھتھ ہٕکان۔ مہاراجس اُس پتہ زِ بہٕ چھُس گرِ گرِ ہتی الان۔ زنانہِ وول
شُری وول۔ مگر تہِ گژِتھ نہ اُس تس مِثے مٕنز دلچسپی بڈٕکٕژ۔ میانہِ جایہِ اگر بیا کھ
تہِ آسہے تس نہ آسہے زوٕرٕ پانس متعلق کانٛہہ نتہ کانٛہہ غلط فہمی گامٕژ۔ مگر یہ اوسُس
اندازٕ کرِتھ ہیکان زِ مہاراجہ کیا چھِ ژٕھان۔ تَس گوژھ کانٛہہ وُچھن مُدے
گنڈِتھ لِوٕتاہ لِوٕتاہ بہٕ زیادٕ وقتس تَس کُن وچھہٕ ہاتیٛوٕتاہ تیٛوٕتاہ اُس سو زیادے
پان شیران۔ مَس پاران۔ چھلان جھوکان تہٕ ژیر تام مٕثے ڈبہِ بیٚٹھِ پراران
آسان بجلی ژھتہٕ کرِتھ مٕثے اوس زنانہِ تہِ دوٕنی وارٕ وارٕ شک گومُت تہٕ سو
اُس مٕثے منٛزٕ منٛزٕ نُرکی تہِ دِوان۔ مگر بہٕ اوسُس شرین شنٛز قسم تہٕ ڈٕرہے
کران "ژٕ نے چھُوے وٕمہٕ۔ مٕثے کن وُچھہ بہٕ کیا خولصورتھ چھُس؟ بہٕ کُس دیارٕ
وول چھُس؟ مے منٛز کوسہٕ کشِش چھِے؟ ژٕ اگر مہاراجہ جایہ آسہکھ ژٕت
کرٕ یکھ مے ستی "لو" ژٕ نے خاندر کرِتھ تہِ میون لوٕ چھُوے۔ اُمس ان ژٕری شر
تہٕ کھسہٕ وٕنہِ جوان کورہ چھکھ ہا شرٕھ لاگان۔ ژٕ سو ژٕنچ، یُس یہ لوزی سہ کیا وَنی۔
اُکِس راوِٕ مِثِ ماجہِ شنٛز کورِ لانٛج انُن چھُوے نہٕ شوٕبان"۔ میانٛن دلیلن تہٕ میانٛن
کتھن ہند کوٕتاہ اثر چھُ میانہِ زنانہِ پیٹھ پیوان تمکی اُسی مے تسلا مگر یہ زانتھ تہٕ
زِ بہٕ چھُس پننہٕ زنانہِ اُپز دنان بہ اوسُس نہٕ پننہٕ جایہ پننٛ کرتوٕتن مٕلے شرمندٕ
بہٕ اوسُس جان پاٹھی متوٕصوٕس کران زِ مہاراجہ چھِ وُمبرِ ہندِس تتھ بنس

پیٹھہٕ واتٕتھ پتہٕ نَس اَکِس اَہنہٕ رۍ شہٕ کور گرِ لبا ونکھ تہٕ شہرٕ زلوٗراونکھ سبٹھا
ارمان تہٕ شوق چھہٕ آسان ۔ تہٕ اگر دٕمہ موٗٹھہٕ کھنڈ بیٚیہِ بَن ہرٕ سے لیٚس تہٕ دِلکۍ ارمان
دِلس منزٕ سے روزٕ لَس تس چھےٚ نہٕ ژھینہٕ گژھنَس کانٛہہ تارلگان ۔ بہٕ اُوسُس
دیان اُمِس گوژھہٕ نہٕ اَندرۍ میٚن ارمانَن ہنٛدِ وشنیر اَندرٕی شہٹھُن ۔ تہٕ کیا زِ مے
اُمِس خبر زِ وَنہٕ مالہِ تہٕ چھہٕ نہٕ یہ طاقتھ زِ موٗنڈ زنانہٕ آسنہٕ دِ یہ سوٗ اُمِس تیٚنتھ داج
تہٕ تیٚنتھ کھاندر ژھانڈلس تیٚتھ اُمِس شوبَن گژھہٕ ۔

أتھ منزٕ یلہِ سٕے تھونٛدوٗ چھہٕ مے سوٗچ مہاراجس کیٛوٗت چھہٕ یہ جانِ تان ۔
تھونٛدٕ اوس منزٕ منزٕ کنہِ دوٗہہ مے نِش کانٛفی ڈبہٕ پیٹھہٕ کھسان تہٕ اورٕ چ
لورٕچ کتھا باتھ کران ۔ یہ اوس جان رلہٕ وُن میلہِ وُن لڑکہٕ تہٕ مے ستۍ کتھہٕ کرنس
اوس اُمِس بڑٕ ساد لگان ۔ یہ اوس دوٗن ژتین ہنٛد خاطرٕ چھُٹی آمت ۔ مگر مے
نیٚوٗ پتاہی دوٗہہِ زِ یہ چھہٕ ژھان بیٚیہِ واپس حِصار گژھُن ۔ مے کوٗرُس
اکہِ دوٗہہ آلو تہٕ کھوٗرُم کتھ مے دوٗلُس ۔ "کیا ساتہ ہے ژٕ کیا زِ چھکھہٕ ژلنس پیٹھہٕ
ووٗتھمُت" ؟ تھونٛدِ ووٗتھم ۔ " ادٕ کیا مہاراکرِ بہٕ ییٚتہٕ ۔ تماشہِ وُچھہٕ دارِ یاہ ۔ ڈل
سٕال نہِ گوٗرُم ۔ باغ تہِ وُچھِم ۔ گلمرگہِ تہِ گوٗس ۔ پہلگام نہِ اوسُس دوٗہہ تاپہٕ ۔
دوٗنی کوت گژھہٕ ۔ بہٕ چھُس دوٗہہِ دوٗہس بہی بہی تھکان ۔ دوٗنی ہے کرٕ ونہٕ کیا
کروٗ ۔ مے چھہٕ خیال بہٕ گژھہٕ حِصار واپس ۔ بہٕ گوٗس ییٚتہٕ لورٕ بہٕ چھُس تیٚتی جان ۔
دوسن یار تہِ چھہِ وارِ یاہ ۔ دوٗہہ آسہِ جان پاٹھۍ نیران ۔" اَمۍ سندِ س اتھ
تقریرِ س پیٹھہٕ ژٕ ووٚ مے اسُن ۔ مے ووٚنُس اسان اسان ۔" ژٕ چھکھہٕ کنژھا
لوٗزوٗنان ژٕ آسکھہٕ ییٚتہٕ لور گومُت مگر یہ چھےٚ ژےٚ پانس خطا ۔"

" مے کیا غلطی چھےٚ" ؟ تھونٛدوٗ وٚتھ مے کُن تیٚتھہِ کنٛہ زنتہٕ اور ہانٛژِ آورٕ تہٕ ۔
مے ووٚنُس ــــ " ژےٚ چھوٗ سے نہٕ وقت گذارنکھ طریقہٕ پتہٕ ۔ ژٕ آسہکھہٕ

نہٕ لۄر گومُت۔"

"بہٕ کیا گوژھس کرُن۔ بہٕ کیتھہٕ کٔنۍ گذارہٕ وقت۔" تٔمۍ پرژھُم مےٚ وۄلُس بڑٕ اعتمادٕ سان۔ "ژٕ کرسٕ لوَ"

تٔمۍ ترٛ ڈٕ ٹھاہ ٹھاہ کرِ ٲسۍ تھٲسُن۔ "کوکرا؟ کیا مہارا چھوٕ نان مارنا وُلومہٕ تھوندن یہ اظہار اوٚس مٔحی، تھوندٕ اوٚس تھوندسے۔ باپارِ شانٛدٕ گوندٕ ہیوہ ہیٚتھے ہیٚرِ تُنیٚتھے لوٕ پتہٕ۔ کوکرنِس گرٕتھ الٕسان دِلہٕ دوٚر آسُن۔ بیٚیہ تہٕ کشیرِ مٔنٛز۔ بیٚیہ اتھ لفظس پیٚنٛٹھ وُنہٕ تہٕ چھِ تٔتی سیخ لاگِنہٕ یِوان۔ بیٚیہِ ترےٚ ترےٚ شُرۍ ژلٲو را وِنہٕ پتہٕ تہٕ چھُ نہٕ دۄن یہ ہاوُن یا باوُن زِ مردس کیا چھُ زنانہِ ہندِ لوَ، تٔمہِ کھوتہٕ خجالتھ کیا چھےٚ نہٕ تٔمہِ کھوتہٕ عٲب کیا چھُ۔ پیٚٹھہٕ اگر کانٛسہِ افشا گوژہِ تھوندٕ کیا چھِ اَن ہریشہِ کورِ لوکران تَس ہیٚۍ اُڈٕ ئ اُڈٕ چھُ ہیٚرُن۔ تَس ہیٚۍ تیٚلہِ چھُ پیٚرون یار گرٕھن۔ یم وسوسہٕ نظرِ تل تھٲوِتھ تہٕ دۄن مےٚ تھوندس ژٕ کرلوَ۔!!

شہ ہیٚوتُن تھوٚدوٚتھن مےٚ لوٚمُس پتلٕ نس تہٕ بیہنوٚدُم زورٕ پتھر۔ مےٚ دوٚلیُس

—"منٛد چھہ مےٚ۔ یہ چھےٚ نہٕ منٛدِ چھفیچ کتھ۔ بہٕ وَنے کیا چھےٚ کرُن۔ ژٕ یتھ دۄن دۄہَن میانین کتھن پیٚٹھ۔ اگر ژٕ ےٚ باسیوٚ ےٚ بہٕ چھُس لۄر گرٕھان ژٕ گرٕتھ حصار واپس ہیتھ کٔنۍ۔"

"لوز" مےٚ وۄلُس وَنہٕ مالہِ ہندِس مکانس کُن اوٚنٛگجِہ ستۍ اشارٕ کران "ہہٕ مکانہٕ چھُے نا۔ اَتہِ چھُ مہاراجہ روزان، دِنہٕ مالہِ شیٚر کوٚر۔ ژٕ وُچھن یہ وارٕ پاٹھۍ۔ اَمِس نیٚرِنہٕ بیاکھ کانٛہہ جوٚرٕ۔ بہٕ گوژھس چانہِ وٲنٛسہِ آسُن اد وُچھہکھ ژٕ مےٚ بہٕ کیٚتھ لوَ آسہٕ ہاؔ کران۔"

"توٚ بہٕ چھُس لوَ (LOVE) گومُت"؟ تھوندن پرٛ ڈٕ ژھ مےٚ تتھہٕ کٔنۍ زنتہٕ سکوٗلس مٔنٛز اوٚسُس ماسٹرس پرٕ وژھن۔ "توٚ بہٕ چھُس تاج محل وُچھمُت"؟——

بہٕ چھُس گرگر ہستی اِنسان بہٕ کیا کرٕ لو۔ بیٚیہٕ تہٕ ییٚلہٕ بہٕ ژٕ ےٚ سوٚمب اوٚسس۔ تمہِ وقتہٕ زن اوٚس ئہ ڈِ وَ نے ئہ دَ دَ بہٕ۔ کور ہے آسہٕ بہٕ نظرہٕ گژھان۔ گژھہٕ ہن ہیٚے کنہِ کھاندرس پیٹھ۔ دوٚہس دوٚن دوٚہن ئُسی اُسی تہٕ کالنہِ ستیٚ لوکران۔ کھاندر گیوٚ ختم، سون لوٚ تہِ اوٚس ختم گژھان۔ سو گییہ یہ پالنس پٔنٕ گرٕ۔ اُسی آیہ یہ پالنس پٔنٕ گرٕ۔ نہ اوٚس تمہِ سون پھیران نہ اوٚس اَسی تسند پھیران۔ روزان اوٚس دوٚہس دوٚن دوٚہن وُشنیر ہیوٚہ۔ یاد ہیوٚہ۔ پتہٕ اوس سہٕ تہِ مشان۔ ازچھُ تمہِ حالہٕ گاشی گاش۔ ازچھُ وار تہٕ وِستار واریاہ۔ مگر فرصتھ گژھہِ آسنہٕ۔ ژٕ ےٚ چھے فرصتھ۔ ژٕ ےٚ چھوٚ ےٚ وقت گزُارُن۔ جان چانٹھ گذار۔ وُچھتہٕ بہٕ وَنے اکھ ترکیب۔ ژٕ کرُ از کہِ بیٹھے مہاراجس ستیٚ لو۔ اُمس دِ باس زِ ژٕ ےٚ چھو نے اُمی سند لو۔ یہٕ نیر دارِ کنہٕ ژٕ کرُ ژاس۔ یہ نیرِ آنگنس منز۔ ژٕ نیر ڈٕ بہٕ کنہِ۔ ژٕ وُچھکھ پانے اُمس ستیٚ لوکرنس منز کوتاہ مزٕ لگی۔ فکرِ تری نہٕ دوہہ کرمو کلہٕ اوتہٕ راتھ کر آیہٕ۔ بٔ کہٕ پیٚیی راتھ پیٹھ۔ دَیچھ گاشس گوژھوٚین تہٕ بہٕ وُچھہن مہاراجہٕ دُبارٕ۔"

میوٚن یہٕ تقریر بوزِتھ توگ نہٕ تھوندس تھوٚدے وو تھُن۔ مےٚ متعلق کیا آسہِ اُمی سوچمُت ئےٚ کو رنہٕ تمیک پرواے۔ مےٚ اُس یہِ نتیجہ کرُ مُتر زِ مہاراجس چھُ تان ضرورتھ تہٕ کیشو ناتھہِ لِس تھوندس ہیوٚہ تان بنہٕس نہٕ کنہٕ۔ اگر ہے صحی گوس اُمِس لو سنیوس۔ وَنہٕ مالہٕ موکلہٕ لوڈٕ جنجال تہٕ مہاراجس تہٕ نیر دِلک کیٚش۔ اَمہٕ پتہٕ میوٚل نہٕ مےٚ واریاہن دوہن تھوندس سٕنز کنھ کرنک موقعہ نظرِ گوم نہٕ۔ مگر بہٕ گوس مطمعین زِ سہٕ چھُ وُنہٕ گرِ ی حِصار گونہٕ واپس، تس چھے بوریت ختم گامٕژ۔ تمی چھُ مہاراجس ستیٚ لوکرُن ہیوٚ تمُت۔ مہاراجس تہٕ وُچھ مےٚ واریاہ تبدیٖلی آمٕژ۔ برونٹھ اُس سو یاتے تمیض تہٕ جمپر لاگان تہٕ کنہٕ کنہٕ وزِ ساڈی

کران، اُوتر پیٚیم نظر تَمہِ اوس نفیس ہِل باڑُم لوٚگمُت تہٕ واریاہس کالس اُمس ڈٕبہِ
ہُنٛز دَمدرِ ستۍ اِستادٕ آنگنہٕ کِنۍ شُرِ بن ہُنٛد کرکِٹ میچ وُچھان۔ مےٚ بہٕ ستۍ چھا
تس دلچسپی کَم گامٕژ، تمیٚک کانٛہہ اظہار تہٕ اوسُم نہٕ باسان۔ تتھےٚ کٔنۍ ڈٕبہِ دارِ
اَندرٕ کِنہٕ سِنگار کران۔ مَس پأران۔ تِتھےٚ کٔنۍ میون توجہ پالنس کُن پھرنہٕ خاطرٕ
بٕڈٕ بڈٕ ماجہِ آلَو دوان۔ کِنہٕ قسمٕچ کانٛہہ فرق اُمس نہٕ مےٚ باسان۔ مگر یِہ ستۍ
اوسُس سوچان زِ تھونٛد تہٕ چھُہ نہٕ موٚلوٚیِس کینٛہہ گومُت۔ اگر ہے سہ
موٚلوِس گومت آسہےٚ تمہِ آسہےٚ بِستر گونٛڈمُت تہٕ چھُٹی اَڈےٚ ژٕراوِتھ آسہِ ہے
ضرور سہ حِصار والپس گومُت۔ وۄنہِ اُمسی تھونٛدس چھُٹی ہنٛدۍ اَٹھ دوہ باقٕی؛
ییٚلہِ بہٕ شامَس دفترٕ پیٚتھہِ گرٕ آس۔ مےٚ دِژ کوچہ گلہ پیٚٹھے۔ مہاراجہ لِنس مکانس
کُن نظر۔ اَتہِ وُچھُم سارِ ہےٚ ڈٕبہِ اوس اکِہ انٛدٕ پیٚٹھہٕ بیٚنِس انٛدس تام
پٕرانِہِن کینٛژَن ژادرن ہنٛدٕ پردٕ ژٕراونہٕ آمت۔ مےٚ لَج لور زِ نٛڈ ہش۔ دل گوم
ستھ ستھ گز تھود وُٹھِتھ۔ یہ کیا وجہ گژھہِ آسُن؟۔ یہِ کِنژھ تبدیلی؟ مہاراجس
ما چھےٚ ماج ناراض گامٕژ، تس ما چھُہ تھونٛدس پیٚٹھ شک گومُت؟ کیاہ تام
دلیل چھےٚ! ا—— گٔڑس منٛز لوکٕڑنہٕ بدل کھوٚتس بہٕ سیٚدِ سیوٚد یہِ
کأنی پیٚٹھ تہٕ لوٚبہٕ ٹِسالےٚ گوس چوکہ دمدرِ پیٚٹھ کھڑا۔ مےٚ پرٛژھ زنانہِ کوٚڈینک
سوال یوٚ ہے —— "یہ کیا چھُہ از لوٚوِ ہےٚ را آچھا۔ وۄنہ مالہِ چھہِ دارِ بر ترٛوپرِتھ
نِتھاوی متی۔ ڈٕب چھِہن پرد دستۍ بند گامٕژ"؟

"توٚ بہٕ چھُس نہٕ خبر" زنانہِ وۄنُم ادٕ مذاقس منٛز تیٚتھہِ کٔنۍ زن تہٕ مےٚ
اوٚس کانٛہہ اُتر کوٚرمُت۔

"نہ چأنی دِژِ ہےٚ مےٚ چھےٚ نہٕ خبرٕ ہے، دلیل کیا گیہ"۔ مےٚ اوٚسکتھ
کران پانس باسان زِ چھےٚ زلو کلےٚ منٛز ہش۔ زنانہِ کرٕ میٚ أنی گبراہٹ موصوس

تہٕ وۄننہٕم ــــ "وَنہٕ مالِہ گوٚنڈ مہاراجس کیشونا تھس ستیٚ" !!

"تہٕ تھوٚنڈ"؟ ژۄل بُڈِ نیر تھہ.

"تس چھُہ حِصار والپن گرٛتھٕن" !!



تاج بیگم رینزو

# بوٗنۍ صوبہ دارٕی



ہیٚے، نہ نہ ۔ لۄرنہ، لۄرنہ ۔ کٔریٹہٕ لۄٹ ہیتھ چھم آمُت ۔ کٔریٹہٕ لۄٹ ۔
بوبن ژھٕنُن کرٕمُس کٔنٔے گھرٕ نگ ۔ گھرٕ کٕر باٹھ کھو لوکر ژرٕے آلبن ۔ ہیتھ پاٹھ
سیٚمنہ ہندہ گرٕ یرٕہٕ نہٕ شال آلبن اٚژن ۔ سارۍ ولیس پاٹے ۔ مالہ دید
ژایہ غسل خانس منز سوٗلی تن ہیوٚت دانس اوگُن دیٚن ۔ عمن ہیٚر شیٖشن تٔرٕھ دیٖنہٕ ۔
صابرن لوٗڈ لۄبس چلمہٕ تیوٚنگل ۔ لۄبہ تہٕ گیہ پانہٕ تیوٚنگل ہش ۔ کنہٕ پھیٖرہ دوٗز لیے لیس ۔
لۄبہ لٕس خاص لوکرس کرٕمٔش برونٹھ کنہ اوٚس کوٚہ نام لفز کلہٕ لوٗبن کُن ترآونھ ۔

"ہانہ حض، یہ چھ بکوٗر پنہٕ تٕے ۔ دوٗد میوٚ کلیوٚمُت آسہ نہٕ شیٖن رٔتن" ۔ کرٕمن
ووٚن دنٛد لوٗی لوٗی ۔

"اوبرٕ چوٗر چھےٚ، برٕ چوٗر ۔ یمن گرن واتن چھکھ آسان، تمن چھہ واتان ۔
أسہ چھہ از آمُت واجہ سان اتھ پٹھ نخاونہٕ ژھٕنٛس یہ کٹہٕ لۄٹ نہٕ برکڈ تھ ۔ آمُت
چھےٚ بھڑ لاگنہٕ ۔" لوٗبن گلہ لۄو کھوٗف انتھ خاص اکہٕ اندازہٕ ۔

"ہا وولہ حض، یہ ہے موٗج گیہ ۔ أسی ہے خاک پأے أمی سندی گیہ" ۔ أمی
شخصن ووٚن دنٛد لوٗی لوٗی ۔

"موج کمی ووٚن، نانی شوٗبی ۔ دوٗہ تھوٚد گرلیی ڈامب مہٕ لاگ یہ چھےٚ نا

آمُت سیٚودلوزنہٕ۔ لُیس گرٕ چھُے اتھٕ دِوان۔ گرلیسِ چھِہٕ درٛمٕژ شیطانس بٲزی۔ پَے گرٛلیسٕتِن نِش چھِس کُن رٹان۔" لُوبہٕ گیہِ یہ ونان ونان وارٕ سے نار ژونگ ہٕش۔

"وُوَلہ حضٕ مارکھ تے یختیار چھوٚسے۔ اُغس چھِ لوٚکرس پٮ۪ٹھ یختیارٕ

آسان۔"

"وُچھِو بک بک کیاہ چھِ کران۔ آمُت چھُے ازٕ زال وہراونہٕ۔ کرِ پٮ۪ٹھ لوٚت ہیٚتھ۔ ادِہنہٕ۔ وۄ تِہ تھوٚد نہٕ نیرہٕ نبٕر۔ دفع کرُن یہ کٔتھ لوٚت پٮ۪تِہ۔ ونِنے چھِسے نیر۔"

لُوبہٕ ہیٚژن تھوٚد تھوٚد وۄتھنِ۔ تام اُزٕ صابرن جبرٕ برونٹھ کُن چلمہِ دِتِنس پھوک، گھٹس کٔرنس تھپ تہٕ وٚننس۔

"تراوِ حضٕ، لُوبہٕ صابٔ۔ تِمِ چھکھ کھالان پانس شاستی۔ وُچھکمس گرٛلیسِ اَرِہ چاگِ سُندِس پٮ۪ٹھ۔ پانے ونان اٚسکھ گرٛلیسِ چھِیہ شیطانس بٲزی درٛمٕژ۔ تلہ حضٕ چھِ نموک۔ لُم حضٕ۔ لُم حضٕ۔"

لُوبہٕ صابٔ تِمِس گیہِ مٲفی۔ ازٕ تراوٕ لُیِن میانہٕ ذمہٕ دٲرِی پٮ۪ٹھ۔ کٔرِ مَن وُولنس اسان اسان۔

"ہیا ماکر بک بک۔ نوٚہی کھٲری وِکھ نا کم گرٛلیسِ یکھ نکھس!"
چھِنِہٕ ہوٚٹ ژوٚٹم۔ اگر یہٕ رٹُس۔ وۄ تِہ تھوٚد دفع کرُن مٮ۪نِہ برونٹھ کُنہٕ۔ "لُوبن ہیوٚتھ نار چھکِن۔ نار۔"

حسبنا اللہ، حسبنا اللہ۔!! اگر لُیس چھُ کمہِ تام زنانٕ لونہٕ لوٚتہ پران۔ کٔرِ مَن ژٕہنِ گرلیستس اَتھس تھپ، زن پٕچ بایہِ شراکہ تلہ ژوٚوُ تہٕ پٕچ ذبح خانہٕ پکہٕ لوٚو۔ نیرکُن واتھ وُنہٕ لِنس کٔرِ مَن سِرہٕ سان۔

آہنو گٔے کیاہ گوٚ ڈٕہ۔ اکھ آکھ شٮ۪یہ ریٚتہ، بیٚیہ نہٕ کُنہٕ کوٚکر ٹھوٚل، بٲقرخانہٕ

صرف آہم لوٚبہ صٲبنہٕ کتھِ کرنیٚہ پوٚت ہیتھ ۔ وونہٕ ذا ے کتھ اوٚنتھن، کرِتھِم اَنٛس ستی۔ مٹھِس پانٛژھہ داہ ترٛکھ اَن ستی ۔ ادہ سآو وتھ دوٚنی نیر ووہ ذِکینس"۔

لوبہ صاب اُس لشیر صٲبنی بیگم صاب ۔ لشیر صاب قومک زیٛٹھ بنووُمت۔ قومہ کِہ اوٚت نہ بلکہ حکومتک تہ زیٛٹھ ۔ مگر حاکم اعلا ہس پیٚتہٕ ۔ علم افسر تہٕ وغارٕہ اُسی لشیر صٲبس نمان صبحٕ ے لشیر صٲبنہٕ ڈیڈہ تل افسر لکھ تہ وغارٕہ وغارٕہ کٔتہٕ اچھو لشیر صٲبنس عالی شان مکانس کنٛ وچھان ۔ لیس لشیر صٲبن ملاقات دزووٕ سہٕ گیو وتسندی کنٛز خوش قسمت ۔ لیس نہ دژون، سہٕ دژا لوو گرلیہ سندِس کرنیٚہ پوٚنٛہ سندی پاٹھو لچہ پچہم کران کران ۔ لشیر صٲبس نش واتن اوس تیمتے سنٛح، ہیٚتھ سرفس، گنٛس، کلمارن تہٕ شہمارن ہندِس بادشاہس ہوٚٹ رٹن سنٛح آسہِ ۔ البتہ اکھ ذٔری یہ اوس منوٚرذٕرتس لنش واتنس ۔ سو گیہ لوٚبہ صاب ۔ صرف لوبہ صاب ـــــــ چھلتھ تہٕ چھوکتھ لوبہ صاب ـــــــ لوبہ صٲبس نش واتہ لنس تہٕ آسی وسالتھ دِر ـــــ تِم گیہ موٚمہ، کرٕم، مال دید نتہ دلی ۔ سارو ے کھوتہ زیادہ اوٚس کرٕ ہمن چالان ۔ کرٕم صٲبن چلان ۔ خوش لوٚٹھ کرٕ من چلان ۔ لوٚبہ صٲبنس ٹاٹھس نوکرہٕ سند چلان ۔ لس لوبہ صٲبنہ دربارہ گیوو عرضی دستخط تہ واژوٚو پانے الان لشیر صٲبنس

دربارس منٛز ۔

کریم ۔ عبدل کریم ـــــــ لوٚبن کرٕم ییٚمہِ دوٚہہٕ خوش آسہ ہے ۔ تمہ دوٚہہٕ اُسی لوٚبہ صاب ہنٛز عدالتھ جاوان ۔ از صبحٕ ے کیاہ اُس لوبہ صٲبن عدالتھ لاج منٛز ۔ سبحان ڈارس اُس زنانہٕ ژھنٛز ۔ تمہِ اوٚس لٔس تنسیخ نِکاحُک دعوی کورمُت ۔ تہٕ عدالتہٕ منٛزہ زلوٗنمُت ۔ تسنٛد خاوند سبحان ڈار اوٚس شورابہ چاوان ۔ نکھیہٕ دوان ۔ زانگندان بدکار کران تہٕ پرٛتھ دوہہ زنانہِ چوٚب دوان ۔ سیمہِ کنٛز تنگ ییٚتھ تسنٛزِ زنانہِ عدالتس منٛز مقدمہ کرتھ ہائے کورٹس تام مقدمہ اوٚس زلوٗنمت تہٕ سبحان ڈارس

نش خلاصی لَبِتھ۔ مگر از اوس لوبہ صٲبن ننِنٕ عدالت لاگِتھ۔ کورٹ فیس اوس
کرُمن کٹھ ژٕ کوکر تریہ ٹھوُلہ ہٹ تہٕ لقد روپیہ ژٕہ ہتھ سبحان ڈارس نش
وصول کرِ متۍ۔ لوبن اسی اوٕے دوٕ لوٕے دٕرِ نادِتھ اَنمتۍ۔ پانہ اَس
گاڈ ٹیکس ستۍ تہٕ دوٕ لوٕے دٕرِ بروُنہہ کنہ کلہ نومراو تھ ہیتھ۔

لوٕبہ اَس شوٗرے مژِ۔

"ہے کیاہ گوم۔ ہے کیاہ گوم۔ مال ذاتھ تہٕ گیہ کتھاہ۔ بدماشی
تہٕ چھیے لوزمٕ ہے۔ مگر یہ بلائے ہٕ۔ کیاہ زنانہ چھاہ الِنس مقدمہ تہِ کران۔ عدالت
وانِن پھیران تہٕ موکہ جار ژھانڈان۔ توباہ، توباہ دراصل چھکھ ژٕ ٹُھم۔ داہ لمبرٕ
بدماشی چھکھ بیتھِ تلِہ باسان۔" لوبہ صٲب اَس لیکہ تہٕ فحش دٕژ دٕنی ٹھوُد ٹھوُد
گرٕھان وتھِتھ۔

یہ زنانہ اَس ژالہٕ ژالہٕ اوٗش ترادان۔ جہنمک نار گرٕھ ژھینہٕ۔ لوٗژہ لوٗنچہٕ ستۍ
اَس اوٗش ووٕ تھران ووٕ تھران گموہرنہٕ چشمو لوبہ صٲب نِن سرُخ نار تہٕ راٹھ دار
چشمن کُن نظر ترٲوِتھ زن تہٕ گنہِ وچھان تہٕ تھرہ تھرہ اَژِتھ ونان۔
آہن حضٕ مےٚ چھا رٕ کیہنہ۔ دہن وٕرین ژوٗل میٚے۔ شرم کرُم۔ دہان
اَسس کانہہ گوژھم نہٕ لوزُن۔ ژورہٕ اُدس کران شوراب اوٗس چوان۔ رزہٕ
گنڈ کرتھ اوسم تھاوان، چوٗب دوان فاقے تہٕ فقرٕ ے اَسس روزان۔ ووٕنۍ کیاہ
کرہا ادٕہ۔۔۔؟

میانۍ گرٕھ بدماشی کرنۍ۔۔۔ ادہ گرٕھ ہیوٚی توٕہی خوش"۔۔۔؟

"ہیُے ژھوٕ پہ کرِ بدماشی۔ شرم چھے نا ے لوان سر دکران نیبرٕ نیبرٕ
خبر کیاہ۔ زنانہ کیاہ چھہ مین مالِن ستۍ نہ چھے خبر شرع تہٕ نہ اسلام"۔

آہن حضٕ اسلام چھہ ونان زنانہ زٕٹ تہٕ میٚیٹ دِنۍ۔۔۔ اسلام چھا ونان

زنانہ گرٛہٕ آسن فاقے تہٕ فقرٕے، کٔھٹس اندر گاوزن بند؟ آخر مرد سِ تیلہِ سٲری سپٕی گرٛہ زنانہٕ گیہ تِسنٛد فرض چُھنا تس ایڈمیٹ تہٕ تالی زٹ دِنی"؟

لوبہ صاب ووٚشلے یہ اُمہ جوابہ سیتی۔

بیٚیہ حض چھےٚ بیاکھ کتھ لوبہ صاب۔ یتھ ملس منٛز چھہ تمام عدالتو تہٕ ہائی کورٹن تہٕ فٲصلہ دلیٚو تمت۔ میانٛز کوٗرٕ نہ چھےٚ امی سنٛز زنانہٕ تہٕ نہ چھُہ ووٚنی یہ اُمی سنٛد خاوند۔ یہ کتھ چھہ ووٚنی موکلیمٕژ۔ اَلس دلیٚوان دنہٕ سیتی کیاہ نیرہ"

سجانی ہیٚہرن ووٚن یہ سوٗرٕے عدالتکہِ فیصلک حوالہٕ دوان دوان۔

"ژھوپہ کرٕو، ہیٚو گانہ دلاہ۔ کوٗر چھیا کماونٲونی۔ توٗہی ہیٚو شیخہ روٚ یہ شیطانو کوٗر دِبناہ نیاہ۔ نلا گرٕمہ وچھان کیاہ چھکھ، سمس بڈہٕ دلس کوہٕ چھکھ عقل انان"!

کرٕیمنہٕ دُدَرہ تھاپرہ سیتی آو ولی ہوٗر لاینہٕ۔ ہیٚچھ لتہ تہٕ کھالہٕ لتہٕ کنہ اوٚس وٕلیکس زن تہٕ کٹس شوٗنٛخ رتھ لیکان۔ ہیٚاری اُسی لوبہ صاب کرنکہ دوان۔ والِس، ہیٚہرس بیاکھ۔ خر دلس، گالس، کنجرس دِس بیاکھ تیتھ فکرہٕ ترٕیس بک بک کرٕن کیاہ گوو۔

سجان تہٕ زنانہ دٕتی بتھ بتھ۔ ہاخو دالو! اکہٕ کاہنٕہ چھوہ نا — ہتہ لوبہ صاب بلایہ لگے۔ میہ ترا اوٚن حض موٗل۔ غوٚلام حض چھےٚ —

بب اوٚس ہوٗرکن موٗرہ ہیٚو پیوٚمت۔ اڈہ موٗر جانہٕ ورٕ پاژہ سندِس پنجرس منٛز۔

ہیٚو ووٚ تھوٚ تھوٚ ڈانب ملاگ۔ کرٕیمن تہٕ بیٚیہ خوجہ موہنیو نیوٚو بڈہ کھکھرہٕ نبر نلکس تل۔

ہناہ گٔژھتھ آو بڈہٕ خوٚنہٕ بتھ چھلتھ بیٚیہ والِس۔ لوبہ صاب آس

چِلہٕ مژہ وانگنکہٕ پأٹھۍ ٹھپر ٹراوان ۔ دپہِ لیکھ آسی جیبہٕ کڈان ۔ بڈس کُن نظر کران کرأنی ہیوٚت لوبہ صأبن ونُن ۔

"اُویا ہوش کنجراہ ۔ گاناہ سوزہ ہنا کوٚر ووٚنی وارلو ـــــ کنہ پٕہ"

"آہن حض کوٚن وارلو ـــــ یتہِ چھنا قانون تہٕ عدالتھ کینہہ ـــــ"

ہیوٚ ووتکھا بیٚیہ توٚتے ـــــ ہاے کورٹ چھا لوبہ صأبنہِ کھوتہ ـــــ نرو چھے ناشے لکار ـــــ کرو ژھو پہٕ ـــــ یہ زیٹھ دینہ تہِ گژھہ کرن" ـــــ

کرٕہمن ووٚن بڈس کُن ۔

ہیوٚ سمجانا ۔ ووٚتھو تھوٚد ۔ لانژھ بچا ۔ وونھو کرومس مال ذاتہِ اتھس تھپ ۔ نِوٚ ژوٚ پینڈل کرتھ گرہ ۔ ہاے کورٹ، وۓ کورٹ ہا تارہٕ ہس میانہ حکمہٕ تیٚژ فکرہ" ـــــ

سمجان ووٚتھ دلوٚ ہیوٚ تھوٚد ۔ شکلہِ تلے اوس سہ داہ نمبر بدماش لوزِنہٕ لوان ۔ گو وتہٕ یا شاہ کرتھ کرن زنانہ کوٚم ـــــ

بڈن ژھنی تس جیبہٕ مگر سہ ہیوٚ دوٚہ لوِتہ ترلولتو ـــــ نیٚبرہ کنہ اوس ٹانگہ تیار ـــ زن کانٹہِ کو کرلوٚت نیوٚو ۔ بڈہٕ زن موٚردہ تلکھ ۔ سہ اوس صرف اڈہٕ کیچہ زبأنی ونان ۔

"نوٚری ـــــ ہتے نوٚری، کوتے گیکھ"۔

لوبہ صأب اُس از سُلہ صُبحس لشیر صأبس لش کنڈٕ کأری سماوارس کیٚنتھ قہوہ ہیٚنتھ کھٔژ مژٕ ۔ لشیر صأب اوس پشمینک پھرہ ناوٕ ژھنتھ کلس کینہ ٹوپاہ دتھ ۔ گاوتکیس پیٹھ ڈوٚکھ دِتھ ـــ لوبہ آسی قہوہ توٚلاہ توٚلاہ پھران تہٕ ونان ـــــ

"وچھتہ اَمس صأبر بٹس ماگوٚو حیایہ چشم زِہتا اَمی زٕٹھی ہئے بنو گیٹ سپرین ہندٕ تہ بہِ کیتھا پأٹھی بناوہِ دِوٚری کینہٕ ہند ۔ دراصل چھس نامِہ ژورہِ کِنہ ۔

یمے چھس وۄنی نیران ۔ اچھن منز رُدٕے نہٕ اُمیس ۔ تۄ پتہٕ وُاتھ سے نہٕ ژیٹیے کُن بالا

"آں" ـــــ زن تہٕ بشیر صاٗبن دوٗپنس، اوہ بوزان چھُس ۔

"آن" ـــــ "کرن کیاہ گوو ۔ دۄ یمے یمین کرِ پکھہٕ ۔ یم کھسنے نتہ نکھن ۔

ہُہ گوٚیے بیا کھر رحمان کانٹر ۔ ییٚس پوٚش اَسہ وُچھہ ییتہ دوان ییٚے چھہ پانہٕ تہٕ اتہٕ دوان ۔ ڈزمن وۄنۍ واسہٕ، اُمی تہٕ وُوو ۔ رنگس لاجہِ اُسہ کام ۔ اُمی تہ کرٕ دۄ یمہ دوہہ شوٗروٗ ۔ کانہہ تنبر نہٕ چھکہ نہٕ ییوان ۔ مان مان چھہِ کران"۔

"آں" بشیر صاٗبن کوٚر آیی تتھ پاٹھی، زن سوٚرُے فکرہ توٚرس ۔ "دۄ یمے فکری چھےٚ نہٕ تران زمانہٕ کوٗت ووٗت ۔ اَمس گوٚر نام داسس داجے ساٗنی بٹن کٔلس زٕ ٹنگ ۔ اَدہ گوٚو ژھوچھن، خرٕ دلہٕ سندی کیاہ کوٚرُن"۔

"اِیں" ـــــ توٗرم فکرہ ـــــ بوزان چھُس" ـــــ

"یہ لوٚکٕ تھ شرماسٕندِس زمینس پیٹھ اَسس یمو سانیو موہنو لوٚنالہِ رٕژہ کھنڈ ٹرٲومٕژ ۔ اَدہ شیٖچھ اٗسن سوزمژٕ، میون زمین چھا لرُ وُدے ناٗلی چھوہ اَتھ پیٹھ نہٕ ترٲومٕژ ۔ ناٗلی گژھہ سرکاٗری زمینس پیٹھ ترٲونی ۔ کرس شرما صاٗب اَگوتاہ کمینہ چھہِ ۔ رنگہٕ رنگہٕ سبزی چھس اَتھ باغس اَکہ دوہہ سوزِ ہے ڈاٗلی"۔

"آں ـــــ میٹھرہ دمکھ لوٗن" ـــــ

ونہٕ کھیے لوٗت تہٕ کر یکھہ نہٕ کینہہ ـــــ یہ چھےٚ نہٕ تران فکرہ کتھی ہمسایہ چھہ ۔ یم چھا تتھی ہمسایہ ۔ یہن کاٗم کُھٹہ کرہٕ ہن پتہٕ ـــــ توٚلہ کھار کھنڈ دِہن ژھٹتھ ۔ کتجاپرانہِ زمانکی ہمسایہ ـــــ ہمسایہ سنزِ گاوِ اَسی گوہ نام کڈان" ـــــ

"آں"

"آن ـــــ یہ کیتھ سنالوٚہے منحوٗس کیاہ تام ۔ ووٚتھ تھوٚد ییتھ باغس دِہ نظر" ـــــ

"اَن — گرٛدھ ژٕہے دِلس۔

باغس منٛز اٗسی محکمہ زراعتکی ساری لوکٹی بڑی افسر پیٚہ ڈزن کران۔ اڈٕی اٗسی لوپشہِ زاژن ہنٛد فہرس تیار کران۔ اٗڈی اٗسی قسمہ قسمچہ دواہ زاژ ہیتھ پھیران۔

"ہیٚئے تو ہر تہٕ گیوٗ افسر، یمین نہ لٹاطہ کھو نہ یہ باغ تگہ بناونٕ"۔

"نہ جناب! لوبہ صاب تو ہر وٕچھیو، یہٕ نیوٗ چشمن ہنٛدِ رتہٕ سگہ وٕون یہ باغ"۔ اکھ افسر وٕدتھ لوبہ صابس کُن کھوٗژی کھوٗژی۔

بہہان چھہٕم نہٕ کینٛہہ — یہ باغ کیاہ چیلہِ لٹ ٹلکی پاٹھی"۔ لوبن دٕون۔

"نہ جناب! توہر وٕچھیو — اسہِ اتھ کیاہ ییٚہ"— بیہ افسرن وٕون پمپہ لاگان لاگان۔

"اوہ ترٛہنٛزہ ٹوجہ — میوہ کلین آیہٕ نہ انز نام انجکشن کرنہٕ"۔

"ہتہ حض دواہکی انجکشن کمی وٕون، اٗسی کرٕ ونہٕ رتکی"——

"کینٛہہ تہٕ چھہٕم نہٕ بہہان — توہر افسر چھوہ طوطہ چشم آسان"۔

اٗسہٕ وٕنہ ہونجہ وٕون لوبہ صابن۔ ساری افسر لگی اکھ اکھ سنرن چشمن کُن وٕچھتھ دیوہٕ طوطہ چشمہ ژھارنہٕ۔

"ادسنری باغ گرٛدھ سہ بنہٕ، ییٚتھ نہ ییٚتہ جورہٕ آسہ"۔

"ہتھر حض"!

"دنیوٗم صرف ہتھر حض"۔ افسری گیہ سوٚمے دہن دوہن منٛز گرٛدھ سنری کھسنی"——

"ہتہ حض۔ اہی حض وٕوہ ناؤ واتھ سہ بیوٚل، لِیُس کالہ لگاہ کھسہ"——۔

لوبہ صابنس باغس ادس وہٕنی نارہ بم سیتی آب چھکنہ لوان۔ بم ادس لوبہ لس، ذرمنس آب چھکان تہٕ رحیم صاب چھہ پنہٕ لس آنگنس منٛز میٚہمانن سیتی چاےٴ

چوان زہ یکدم کوٗرِم واُلۍ یمس رحیم صابنہ دوٚسہ کنؠ گول ۔ یہ توٚرِنہ فکرہ زہ بوبہٕ لس وننہٕ لس پیٚٹھ کینہٕ پانے اُمس وۅنٕہ نٕژُن ۔ دوٚسہ کیمہٕ ربہ چھکہٕ وژھتم آیہ رحیم صابس تہٕ امی سنٕدس یٔرِ ھس ۔ گُرِ دنی ہیچ ربہ زن آیہ رحیم صابس لاینہٕ کرہ ہے کیاہ! مظلوم ہمسایہ گو و مظلوم ہمسایے ۔ !

رحیم صابن دژ لوٚبن کنؠ نظر ۔ لوٚبن تہٕ کرُس دٔریتھ نظراہ ییہے خوشی ہش گیہ یہ وچھتھ تہٕ ایکٹنگ کران کران ہش دٔژھم والس کنؠ ۔

"کرٕ پابند یم ۔ ییٚتہٕ چھا یمن ہمساین ساٚنین خاجہ صابن خوش لوان یمن سارِنے ہندی کنہٕ گژھی نہ اُمس آسنہٕ خبر کوٗہ دٔروت چھ اسہٕ دنی یہس دلوٗتمت"!



ڈاکٹر شنکر رینہ

# ووٚنۍ گٔنٛزٕ پچھے وآری



( تِمن سارنٕے بیمارن ہندِ ناوٕ یمِن سیتۍ
یہٕ راتس دۄہس آسان چھُس )۔

وارڈ اوس ملگزارٕ ہیوٚہ باسان۔
سٲرۍ سے اوس موٗتن ہیوٚ پھیوٚر مُت۔ صرف اُمِس اُنٛزی ہُنٛزی ہُند امنہِ
لوٗنگہٕ رارے خاموٗشی پھُٹہٕ راوان۔ زَن دۄرِ راتہٕ موٗغل ونگان اُسی۔
نبہٕ چاچہ آدٕ دوان دوان تہٕ پکِ دڑٕ دپھ کرِتھ بیڈس پیٹھ۔ اَپارِ واڈس
منز اُس تس کوٗرٕ ڈُنی موٗ مٕژ۔ نبہٕ چاچہ اوس تمِس لارِتھ ہیوٚ۔ تس زن اوٗس
تمۍ سے منز زوٗ۔ دٔدرٕ وٗدی آسہٕ اُچھ رتہٕ ژانٛگی ہشہِ گامٕژ۔ سارنٕے گوَ
تمۍ سند ذرٕ ذرٕ۔ تہٕ سوٗرے وارڈ لوٗگ وَدنہِ ہیوٚ گلہٕ کھوژتہٕ سہ لارِیوو
بسترس۔ سسٹر رضا تہِ گیہ کرِ ژھد تانۍ ہشِ۔ سوٗ گیہ نبہ چاچس لِشہِ تہٕ شانس پیٹھ
اَتھ تھاوِتھ پرٕژھنس۔

" لسہ تہٕ وَدنہِ منز کیاہ نیر ووٚنۍ۔ بٹہِ ہنٛد کیاہ سوچہٕ؟ "

" نبہ چاچس لگی وارے ہکہٕ۔ کوٗرہی ٹیلہِ نہٕ سوٗ زنہٕ خومیاوٚنۍ بنے یہ۔ میٚژ
کیاہ چھُم کرُن۔

سلامن دِژ بڈہٕ ہٹہٕ ٹنگاہ۔ " نتہٕ کیاہ اُدٕ سے ژٕبے۔ میٚے زانیو تیٚلی

ییٚلہٕ ژےٚ سو کوٗر بناوِتھن۔ ژٕ تراوہن نہٕ یہ زِنٛدٕ پھٔشِش کٔرِتھ۔!"

سلامنہٕ کیتھ ہیوٚ نبہٕ چاچس اَنٛدری زِیتہٕ ہیوٚ سٕہ لۄگ وارے لبلِچ کرنہٕ۔

گٔلس لۄگ سلامُن سٕنٛز زاُمس کیتھ پٲٹھۍ آو۔ وۄنہٕ ہتھس مُری دِیادِمس ستی

یٔژ کیتھ کرلس۔ مگر سسٹر رضایہ گو سلامس کُن وُچھتھ ذٕرٕ ذٕرٕ۔ سُہ اوس

دٲدی ازوارے لۄوِمت۔ سو گیہ تس لِشہ تہٕ ڈٕہکس پیٹھ اتھہٕ تھٲوِتھ وۄنہٕ لس

لوٗتہٕ لوٗتہٕ۔ سلاماہ ژٕہ کیاز ژھکھ پٔژر کیتھ کران۔ اَمِہ ستی لگی وارٕ مَزٕ تھہ۔

تلہٕ سہ کر وۄنی نِنٛدرِ کُن۔"

سلامن وۄن لس نہٕ کینہہ۔۔۔۔۔ سُہ زَن گو بۄنہٕ کیتھ پٔتھ پشیمان ہیوٚہ تہٕ۔

تمی پھیرِ کلہٕ تہٕ لۄگ دگہٕ ستی۔" وارے وارٕ گرنہٕ۔

وارڈس منٛز اَسی ساریے مریضن ہتھس مُرژھاہش پھیر تہٕ نبہٕ چاچن

سسٹر رضایہ سۄنٛچ اَنٛدری

وُدُن اوس ساریے وارٕ ولبراوان۔۔۔۔۔۔

زِووِنی گوٗژھُس نہٕ بیہ کینہہ وَنُن نبہٕ چاچس تہٕ تمِہ نِیوٚ سُہ رٕسہٕ رٕسہٕ تہٕ تھوٗوُن

سایڈ روٗمس منٛز۔ وارڈس گیہ بیہ ژھوٚپہٕ تہٕ مریضو ترٛووو وۄش ہیوٚہ۔"

انجکشن دِلہٕ ناداں کرے یہ سسٹر رضایہ نبہٕ چاچہٕ مُشریٚخ کوشش۔ مگر

خیال ڈٕلُس نہٕ کُنہٕ وَتہٕ تہٕ۔ نبہٕ چاچہٕ اوس تس پھیرِ پھیرِ یاد پیوان۔ کاژاہ

لے اَس اَمِس بٔنہٕ ہنٛز۔ پان اوس ماران اُمی پتھ۔ سو سفید دآر گٔرِتھ باسیوو

سُہ لس کرِسمس کارڈک بڈ ہیوٚ۔ مو جبتک لو چھ۔!

سلامُن آو تس سٕنٛز غار۔ لس اوس دگہٕ ستی زوژلان ہیرِتھ۔ مژٕ جوانی

منٛز اوس لس کوٗرمُت کینسَر (CANCER) تہٕ وۄنی اوس لس کرہٕ ہنٛجل گومُت۔

سُہ اوس دوہہ پتہٕ دوہہ اُدری اُدری گژھان۔ لۄٹ لۄٹ لس دُوداوس

زیٹھان تیوٗت اوس سُہ زیادے وولان۔ سُہ اوس ساریے ستی

ژُوان تہٕ تیٚیہٕ میٚنان ۔ تہٕ سارِنٕے اُس تمہٕ سٕنٛز کھٕرٕ گامژ ۔ مگر سسٹر رضایہ اُس
پتاہ زِ تَس چھُنہٕ یہ پالنس تانی ...... سہٕ اوس سوٚ و یکھٕنژ دگ للہٕ وان لپسٕر آمِٕت
...... سو اُس نہٕ تس دِوان باسنٕے پننہٕ کنہٕ زِ سہٕ چھُہ تیوت بیمار ، مگر ٹیلہ تمس
پننہٕ ہنٕ یی ہے ۔ سہٕ اوس نہٕ تس تہٕ کینٛہہٕ وُچھان ۔ وُڈ کس تہٕ اُوس سہٕ دگہٕ ستیٚ
ڈُلہٕ گنڈٕ دوان ۔ سسٹر رضایہ آوٕ نہٕ تاب تہٕ تمہٕ دِتُس مارفین تہٕ پادٕ لنس نیندٕر ۔
ینہٕ نبہٕ چاچن بٹھِ موہ یہ گُل اوس نہٕ جیسے آمُت ۔ سہٕ اوس سنہٕ ترٕ ہیر لوٚوُمُت ۔
سہٕ اوُس اُرکٕ تھہ بسترس شروٕ ہمت تہٕ سسٹر اُس نہٕ تس کُن وُچھتھ تہٕ ہیکان ۔
اکھ اڈٕ ژوٚٹ لوشِ لیُس واون لنہٕ پیٹھہٕ اوس زٕٹھتھ تردومُت ۔ تُس کالج ـــــ
کھسہٕ وُولو نے اوس تس یہ دود گومُت ناکی تہٕ تس اُوس کالج ییومُت
تراوُن ۔ شرکوتاہ اُوس تس بیہِ کالج کھسنکُ سہٕ اوس گرِ گرِ سسٹر رضایہ
عارکتہٕ ہتھہٕ پرژھان زِ سہٕ کرِ گژھہِ بیہِ ٹھیکھ ، کالج گژھنٕ لایق ۔ سسٹر رضایہ
اُس تس گانگلہِ کران تہٕ پتہٕ اُس سو موصوم ہتھہٕ کن لگان وُچھنہٕ ۔ ترونٛزٕ ہیو
اُلیستھ تہٕ کوتاہ خوش شکل اُوس سہٕ ۔ کھوسہٕ ہتھسِ پیٹھہٕ اُس کُنہٕ کِنہٕ جایہ
ریشم جیتھہ ۔ گگر بچہِ تس اوس نہٕ وُنہٕ تہٕ باسان زِ تس کُس ولٕہ دود چھُہ ۔ مگر
سسٹر رضایہ اُس پتاہ زِ یہ خوٚنکُ سرطان ( LEUKEMIEA ) پادِ تَس
کنہٕ دِ نہٕ تہٕ ژھس منٛز ۔

سارِنٕے مریضن اُس وارڈس منٛز غمہٕ ستھ ہش ۔ تمہٕ سٕنٛز اکھ کتھ اُس
کران تمن تہٕ بیٚنہٕ ہتھ دواہ کرٕ ہن ۔ تمہٕ لوٚت اوس پنن دود آندری ہیوٚتمُت ۔
ہتھہٕ اوس سہٕ اوٚر دوٚر باسان ۔ مگر لو کچارٕ ہے اوس تس لوگمُت دلِس آمہٕ تاو
تہٕ تنہٕ پیٹھہٕ اوس سہٕ کالہٕ کاجہٕ ہسپتالہٕ ہے منٛز آسان ۔ دٕ آدی اوس تس کھتھ
لوچھہ دیتمُت تہٕ دلِس لوکہٕ منٛز دگ پرزناونکُ اکھ احساس ۔ سسٹر رضایہ

اوس تمیٚ شُند گوڈٕ پیٹھے سنٛخ، سو زانہٕ ہے تس برٛونٛہہ ہے۔ تیٚلہ ٲس سو گٲسر اَتھہٕ پلو
سوٚنٛہہ نادان بنمِس۔ اوس پتہٕ ننیو مٔت زٕ بیمار پینہٕ وِزِ اوس عمس عزیزستی نیتھرٕ نیار
نہٕ ییتھے تس دود اوس ننیو مٔت کنہ ٲس ژھینٛمژ۔ دِلکٕ دود گیو واسی تھے،
عزٕ ہندی دُرِ رن اوس تَس دل دارے پھٹرٕ ودمٔت۔ عمنی عزٕ ٲس
سسٹر رضایہ تہٕ وچھمژٕ، ینٛن گرٕ لیساد تھونہٕ ٲس سو آمژ عمس خبرِ۔ کٲژاہ تشکیل
ٲس سو بنگر۔ تمۍ سنٛزن اُچھن منز تہٕ اوس عمہٕ نے ہیوٚہ سوٚن دود۔
کُس چھُنہٕ بیتہٕ دود، پر ییتھہ کالسہٕ کنہٕ نتہٕ کنہٕ رٔنگ۔ سسٹر رضا تہٕ کو سہٕ اڈور
ٲس پانہٕ۔ تمِس اوس پنٛن پان لوٚنہٕ دوٚہ ڈرہیو باسان۔ ییتھ نیرٕ ینجر تہٕ ٲندرٕ سوٚمبر
اوس لوگمٔت۔ نبہٕ چاچہ اڈس ییتھے پاکٹی لبلہٕ کران تہٕ سسٹر رضایہ ڈیجہ
اَناسرٕ ے۔ تس ولسر ہیہ اَتھہ نہٕ سرِنج پیو ییتھر سمبٹس ییٹھ گئیس ہارٕ ٹلی۔

چھن چھن چھن چھن —

سارہی سے داڑس زَن آیہ بنٛکِ میٹھاہ۔

گگہٕ گو اڈٕ ہنٛدرِ تہٕ اُچھہ موران وٚدتھہ تہٕ ہیوٚکُھ عمس لِشہ ٹوٚلس پیٹھ۔

"کھوزہٕ؟"

گگس تَج نہٕ کنٛھی کرٕ نٕ۔

یہ ہوٚچھ ترٕ ہا چھے ہیوٚے ژوٚپ ہنٛوہ ہیوان!"

عمن ڈوٚلُس نہٕ کہنٕ۔

"نبہٕ چاچنی لوٚٹنہٕ تہٕ ہامہ کلے یہ۔"

"کرَ؟"

"ڈنٕ"

عمن ویٚت لرِپھرن زَن نہٕ کہنٕ بڈٕ کتھہ آس۔

ہُتِمن دوہن آسی کاتیاہ مۆدی متیٖ۔ زٕن کالنہٕ لرٛہ سیتیٖ آسی ڈۄکھ نیمتیٖ۔ گلہٕ آو۔ بیہ ہڑس پیٹھ، تہٕ ہیٚرن کلہٕ نلہٕ ژادر۔ تس اُس از بیٚیہِ وأنج ژلان ییری ییری۔ سہ اوس سخ ترہر لۄوِ ہُنت ہیو۔ زن تمس جۆلی مژر بتھ کھو کھہٕ مۆت اوس خٲلی آمت۔ سہ گو بیٚیہ عمس نشِ تہٕ بیُٹھ لۄٹس بیٹھ۔

"بِنِدرِ چھے نالوان پالنس"۔ عمن پرٛژھس۔

راتہٕ ہیٹھہ ہا چھے مےٚ بیٚیہ أندرِ کیا ہتام ہیو گرٛھان۔ شاہ تہٕ چھم أندرِی ارادان۔

"مےٚ چھُہ باسان زِ بہ ما پیمہٕ بیٚیہ بیمار"۔

عمن وونس نہٕ کینہہ۔ تمۍ دیٚت بیا کھۄڈلہٕ گن!

"یتھ ہڑس ہیٹھ ناگرٛھ نہ بہ زِ ینہے ٹھیکھ۔ بہ ہا بدلاو ہڑ"۔

"اتھ کیاہ چھُہ! اِژ چھکھ زیادے وسوآسی"۔ عمن پھرٛس ہتھ۔

بہ ہیکہٕ نہٕ یتہٕ دٲرتھ ووِنی۔ یمہٕ دارِکنہٕ چھے مےٚ سیٚود باغس کُن نظر...

"دچھان چھکھ نالو نہ کس چار آومین یہ لو نہٕ پن زالنس۔ دہہ لمبکھ وٕکھی تہٕ دژمنس لۄگ آمہٕ تاو۔ بہ ژھوٹ تہٕ سۄر وچھنہ تہٕ چھُہ مےٚ ہتھ ہیو لوان"۔

عمن نہٕ دژ نظر۔ لۄ نہٕ اوس سارِ ہی زِ نہٕ تہٕ سۄر وٕہر آوتھ نہٕ، سےٚ منزس اوس شاہ تلہٕ کُل لوہے ودان ہیو۔ تتھ اوس پن چھنیو مُت۔ تہٕ ٹھۄنٹھر آسِس ننی دژرامتیٖ، تہٕ اوس لوہے زنڈ ہیو باسان۔ عمس باسیو سہ لوہے أڈجہ کھنگر ہیوہ زن یہ اوس سلامہٕ نتھ لونے تیرِ ہوت وودنی۔ تمۍ دژ یک دم سلامس کُن نظر۔ سہ اوس لسترس ہیٹھ کھر ہیو پیومُت، تہٕ تس آسی وچھِ کانی ننی دژرامتیٖ۔

یتھے سہ آمت اوس شاہ تلہٕ کُل اوس نیلہٕ پنہٕ لۄ رُت۔ یتہٕ وتہٕ آسی تتھ تل کینہٕ دۄر ہوی اوییزان۔ شاہ تل یکہٕ مۆدری ووہ لی ماژ بتھ، یمن

اوس رس پشیمان۔ عزٕ ہندی ڈُکھ ہیوٚ کرتہٕ تمۍ ژھوٚٹ ژٕلوٚٹھ وۄشُس۔

"ئیتۍ مین کیتھن پھیرِ دنہٕ ستۍ کیاہ نیرِ وۄنۍ"

گلہٕ وُڈتھُس خابن منزٕ آو تتھ ہیوٚہ۔

"اتھ لوبہٕ نیس منزٕ پکنس اوس کُس مزٕ لوان۔ کٕرا اچھ کٕرا اچھ، وُچھ وُچھ بہ کوتاہ سوٚرتہٕ لرٛزھ دہراو۔ دارِ کنہِ وُچھنس ناچُھنہٕ وۄنہٕ لوان۔ ئیتہِ نس ہاچھ ہیٚنہ کھوٚژن لوان۔ بہ گژھے ہیتھ کوٚلنس منز۔ سہٕ بڈٕ چھا خالی۔ گلس اوس ہتھس مُوٚنُن پھیوٚرمُت۔

"توت یمے نہٕ بہ اگر ژھ سُہ بڈٕ چھ پھیشل۔"

"تہٕ سلامن نہٕ وونس وُرنہِ تلے۔ گلاٹھیکھ ہا چھے دنان۔ کُس اکھاہ ووتھ امہِ پیٹھ اوٚر تہٕ دوٚر۔ اَمی کھیٚہ سارۍ۔"

سلامس بیرٕ اُسی نہٕ گلہٕ تہٕ سُلہٕ ورتاوان۔ مگر یُر ہوکھتھو وِزٕ کنۍ ترٛشیو اُسی موتَس کھوژان۔

تہرِ دکاہ آو بیٚیہِ تہٕ سلامن ہیوٚت کلہٕ نلہٕ وُرُن۔ گلہٕ گو کیتھ تانی ہیوٚہ۔ سہٕ ووتھ تہٕ بیوٚکھ بیٚیہِ عمس لشِ ٹولس پیٹھ۔ "وَنے ہے ژہ اکھ مگر مے چھ لوٚرِ بہتھ لوٚتانی نہٕ شین پییہِ بہ ناگژھ زٕہنی ٹھپکھ۔ شین پیٚیہِ تہٕ بہ سوٚرتہٕ گژھ تل۔ پتہٕ وُچھکھ ژٕ پانے بہ کیٚنہ گژھہ۔"

"ژٕ چھکھ زیادے وسواسی........ وولہٕ ژٕ تیلہِ میانس بڈس پیٹھ۔"

تموٚ بدلاوی بڈ، مگر گلہٕ لنس بڈس پیٹھ بہتھ تہٕ اوس عمس لوٚہ ہے ہا بہتھ ہیوٚ۔ سہٕ ووتھ تھوٚدتہٕ کوڈن سور بے پان نبر تہٕ۔ زٕن وُوٚن پانس ستۍ۔

"کوہ ہاچھہ وُلتھ - وۄنی نالگہٕ شین پینس تار۔ شین ہاچھہ لیکان اُسی گژھو
ساری ٹھیکھ۔"

شین ہاگو وژھ پیوٚ نے ۔ بہٕ گژھ تمہِ دوہہٕ کالج ۔ گٔس گیہٕ بیٚیہ ستھ ہش
تہٕ سہ لوٚگ تمِس ستۍ بیٚیہ کتھ کرنہٕ ۔ عمہ رۆد مائے لاگتھ لوزان ۔ کتھ کاژاہ
موٚدرِ آسہٕ تس ۔ زٔن بُلبُل پیچان اوس ۔ گٔلہٕ اوس نہٕ تھکان تہٕ تمہٕ کتھ کران ۔
کالج دوہن ہنزِ کتھ ......... شہری لاژہ ہنزٕ کتھ ۔ اَنہٕ ہرٔن خابن ہنزٕ کتھ ۔
چکہٕ چاو ۔ اَسُن تہٕ گِندُن ۔ عمہٕ اوُس تمہِ کتھ لوزتھ خابن منز ہیو راوان ۔ مگر
سلامہٕ زَن اوس کنن تھوٚپ دِوان ۔ زَن تمِس اززوُن اوس ۔

سلامہٕ کوتاہ اوس نتہٕ بدلیوُمت ۔ عمہٕ تہٕ سلامہٕ اُسی یکوٹہ آمتۍ ہسپتال
تہٕ تمِہ ساتہٕ اُسی دوٚ لوٚے سٔنج بیمار ۔ تمہٕ ساتہٕ اُسی تم اَکھ اَکِس ستھ ، پتے گوٚو
تمِن دوٗرٕ ہر ......... دلیل گیہٕ یہ زِ کنٹرٕ کالہٕ پتہٕ ہیوٚتُن عمہ پھیرن تمِس آو
شاہ والپس تہٕ سہ ذرا وُمنزٕ ہٕ منزٕ ی وان تانی تہٕ کام کرنہٕ ۔ مگر سلامہٕ گوٚ دوہہٕ پتہٕ
دوہہٕ پتھ ہتھے ۔ تمِس نج نہٕ دگِہ تھپے تہٕ سہ رود کرایہ منز گرنہٕ پنڈ ی پاٹھی چھوپہٕ
چھوپ کران ۔ پنُن پنُن نصیبہٕ ۔

"مگر سلامس آو عمن سٔنج اززوُن زن ۔ سہ عمن زانتھ مانتھ اوس بیمار
پیوٗمت ۔ اُمس آسہٕ رائے دوٚہے روزِ اوٚر دوٚر ۔ خندکیاہ چھِ کران
سسٹر رضایہ سیتۍ ۔"

سلامہٕ اوس تمین ہاوِتھ دوان ۔ مگر سسٹر رضایہ اوُسن .........

......... نہٕ زِ ہیپھے روبہ اوٚنمُت ۔ سو اُس دوٚ لوٚنی کرِ ہشی ۔ مگر عمہٕ اوس
سسٹر رضایہ سٔنج شروٚ پتھ کیاہ اُسن تن بیمار پیتھ تہٕ اوس وُنہ عمہِ تیتھے
شکلِہ یوسف ہیوٚ ۔ کوتاہ اَسہ وُن خوش لوٗن اوس سہ تیلہٕ ۔ تیلہ کیاہ راتھ ۔ کالہٕ کاجہ

کٲنیاہ دوٗہ گیٖیہ تِتھٕ ۔ تیٖلہٕ اوٚس عمہٕ دوٚستہٕ لوٗرس سٟتی کٲم کران ۔ لوٗرس اوس
امراکدٕلہٕ بینہٕ پینٛٹھہٕ گوٗس پیٹھ وان ۔ زنانہٕ پلوٚ کِٹنس مٕنٛز اوس سہٕ مشہوٗر ۔ عمس
اوٚس اَمی سٟندِ خوٗتہٕ تہٕ اَتھہٕ صاف ۔ لوٗرٕنِس شوٗی متِس پلوٚس ہے کیٛنٛہہ نیر ہے
تہٕ عمہٕ لِنس شوٗی متِس پلوٚس اُس نہٕ ٹیب تہٕ ہیٚج اسان ۔ صبحہٕ پیٹھ شام تام اوس
سہٕ کوٗٹھہٕ تہٕ کارٕ ملوٗتھ پلوٚسوٗآن ۔ کالج کورٕن ہندی تہٕ لوٚین لوٗشین ہندی پلوٚ
ہیٚچھے وردن مشینہٕ پیٹھ کھارٕتھ نالس تلہٕ اوس چھاوان ۔ تمِس اُس عزٕت تہٕ
گردن یاد ہیوان تہٕ رنگ بٕرنٛگی چھٹن پیٹھ لوٗش وٕچھِتھ اُس تس عزٕ بٟیہ دابہ
یاد ہیوان تہٕ ژوٗ پارٕ اُسس لوان مشکہٕ اَدٕ فروہراونہٕ ۔

شٟیہ وٕہری ہیٚچھے تَمی عزٕ درگاہہٕ وٕچھہ ۔ تمِس آیہ اَچھن ٹکرٕ ۔ عزِ اوٚس
قارکوٗ ڈمت ۔ گاہ اُسی تراوان ۔ تس ہیٚچھ درسے یہ نہٕ تس نظرٕ ے ۔ لوٗرن اوٚسُس
وٕڈمت کرٕ باوٕ دوٗ نی نیبارٕی ۔ مگر عمہٕ اوس ناتیار ۔ عمس اُس ہیٚتھ پاٹھی کانی کمٲے ۔
مگر خاندر چھا دجہ دارِ پاٹھہٕ ۔

سہٕ کرِ خاندر تہٕ اَنہٕ عزِ کمہٕ چھپہٕ خمہٕ ۔ یُتھ سٟتی ہیٚلن برہمن ارمانن ہٕچھ ٹٕنیر
تہٕ لوکھ سٕھاون دندن تل اوٚنٛگج ۔

کٲم بنہٕ تس ۔ اَتھس مٕنٛز اوس تس کسب ۔ تس اُسی سونہٕ گلی شاہمی گوٗو
سہٕ دوٗستس نِش ۔

خاندرن ہنٛزٕ چھے گرٛکھ تہٕ خاندر کامہٕ چھکھ سنگ چارٕ ۔ چھنا صلاح بہٕ کرٕ
روٗ تلہٕ کٲم ۔

دوٗستس نوٗر سوٗرٕ ے فکرٕ زٕ چارکنہٕ چھُ نہٕ وُنتھس اسان اسان ۔

" تہٕ ہا چھُ لوٗز ۔ مگر زوٗنہٕ ماچھِ مارٕن ۔ در کھاہ روٗت وٕنندرِس ۔"
" عمن ہاو عبوان جاہلی ۔ نہ حضٕ ہیٚٹے چھا دوٗ ہے کرٕن یم دوٗہہ چھِ آمتی ۔"

پتہٕ آو نہٕ عمس لوز نٕے زِ دوہ کپٲری ڈوٗل تہٕ راتھ کپٲری گیہٕ۔

پھالو دِتھ اوس سُہ کاش پھولنس تام پَلوسوان تہٕ زامُت طلہِ چھاڈان۔ سیکھ لوٗزناوان۔ شوقس منز ژلوٗنے تہٕ تٔمی زِتمٕس ما چھے نہٕ قدم پکنٕچ پھٕمی شالش کھسان۔ تٔمی کورنہٕ اوٚز کُنہِ ظلو نے، سُہ اوس غرضس آمُت لاینہٕ۔ لیٚو تام تہٕ تٔمی مِشین، ہیچ چلاوِتھ، لوٗرن نیو سُہ ڈاکٹرس سہ ہیوٚ آسمانہٕ۔ سُہ اوس لوکچار پانہٕ پھٹےٚ دلکٕ دود للہٕ وان تہٕ وونی اوس تَنیومُت۔ ہپتالہٕ نیرتھ باسیوٚ تس سوٗرُسے دٔدونہٕ ہیوٚ۔ عزِ اُوسکھ خاندر کوٚرمُت۔ سوٚ ے تٔمی ہیمی سنٛدی خاب تٔمی وُچھس سیٹھہِ نالہِ متہٕ ژٕٹتھ اُسی تھٲوی متہِ۔ تمہِ پتہٕ وو تلیو نہٕ سُہ تیس اوس سُہ بے تھَرک اسُن مشتھِ گومُت۔ کٲم کران زَن آسی لتَس مارنہٕ لوِان۔ مگر زندٕ روزنہٕ خاطرٕ اُس کٲم ضروری تہٕ سُہ اوس زندٕ روٗزِتھ۔ لوٗز بہٕ اُوسہٕ ہے عمہِ؟!

صُبحہ پیٹھ شام تام اوس سُہ کوٹھ نہٕ کٲر ملِوتھ لوٚکہٕ ہُنزن لوٗشین تہٕ کورین پَلوسوان۔ وَردَن لیُس سُہ اکِہ وِزِ عزِ سوٗ ہے اَتم طلہٕ نال کرِتھ پھیرن شیٹھے سُہ مشینہٕ اوس کھاران، تس اُس مشینہٕ منز سٹرَن ہتہِ ہتہ پھیرِ سینہٕ ژوٚمبان تہٕ زٔدی بٔرِنی کران۔

کٲم کرنس اوس نہٕ تس وُنہِ تہِ جورٕ۔ پلون اوس سُہ موکھ کھٹان۔ سلٲے اُس تس دوہہٕ خوٗن تہٕ دوہہ لوٚختہ نیران۔ لوٗرٕ اوس نہٕ کٲم رٹنس لوٚپشان۔ فارم کڈٕنس کُس واتہٕ ہے تس۔ جسمک اکھ اکھ (CURVE) اوس ژٕٹتھ کڈان۔

تمہ دوہہ جمیلس میٹر ہیوان گو تس لوٚ ہے کیتہٕ کیتہٕ ہیو۔ اُمی سٕی جمیلس ادس تٔمی اندٕ ہتہِ پھیرِ میٹر ہیوٚ تمُت۔ مگر تٔمی اوس نہٕ زانہہ اُچھہ تلِتھ

ستہِ وُچھمُت ۔ لۄزار کٲژاہ خوبصوُرتھ باسیے یہ سوتس ۔ برابر تمی سٕنہٕ عُزہِش ۔

جمیلن وۄنُس یتھٕ دیتھ ۔ "أتھی ہتہ اتھ گرٛدھی نہٕ اکھ ڈُوکھ تہ روزُن ۔ عمَن چور رفیتہِ نہٕ تمِس ژایہ اتھن تھرتھر ۔ پھیکین میژ ہیوان یتھےٚ تُس پھیکین اَتھہٕ لوٗگ عمس لۄگ تۄت ہیُو، جمیلنہٕ سو أنز نہٕ گردن زن کٲلِنہ طباشیر گرِ یتھ آس بناوِمٕژ ۔

جمیلن وۄنُس یتھ پھریتھ ۔ "یتھٕ گرٛدھی کافی (TIGHT) آسُن ۔" ۔ تمِس أسہ گنٛڈ دِل ہِش ساڑی کلہٕ بیھٕ ڈجتمرٕ تہ مٕڈرِف مٕڈرف اوس تمی پأٹھی لِوان لوزنہٕ ۔

کٲژاہ خوبصوُرتھ آس سوہ !

عمس آو وُرتاو ہیُو ۔ تُس باسیو خون گرکہِ دِوان تہ وُنیِن تُس نارٕ پھٹِتھ ۔ تمہِ دوہہ آیہِ نہٕ تَس زیرِتام نِندر ۔ یتھےٚ تمی جمیلُن سوٗٹ مشینہِ پیٹھ کھورِ تمِس گیٖہ بدلے حالتھ ۔ پھیری پھیری آیہ تَس جمیلنہِ أچھ بروٛنہہ کُن ۔ طباشیر ہِش ہمری گردن نہٕ دزوٕنی پھیکی تہ مڈرف تہ سہ رُود مشین چلاوان مٕڈرف مٕڈرف کھرٕ کھرٕ کھر ۔

موٗ مایہ کِہو گوٚ سے ژرٚسے ۔

مٕڈرف ، مٕڈرف ۔

سہ لوٗگ زورٕ زورٕ مشین چلاونہٕ ۔ کھرٕ کھرٕ کھر ۔

یہ کِہو خرافات چھُکھ سوٗنچان ۔

مٕڈرف ، مٕڈرف کٲژاہ شکیل چھےٚ جمیلہٕ

یتھےٚ سوٗان تس سوٗلس اَتھہٕ اوس لگان ، تمِس اوس سہ لۄت ہیُو باسان ۔

زَن تَس جمپلنہٕ پانٛگ وُشنیر اوس توٚر مُت۔ توبہٕ کرٕتھ تہٕ اوس سُہ یِمے کتھہٕ سوٗنچان۔

پھِمبہٕ تاسَس اُمس ہِندٕرِ ہِیُمٕژ تہٕ أندری اوس الاوٕ تہٕ جلاو وُہان تہٕ سُہ رُود تھِتھَے پاٹھٕ سوٗٹ شوان، پرٛینٛز، کارٕژی، ٹیچہ ہاری، انگوٗری، رامہٕ رامہٕ بدٕرنی دوٚنہٕ ہِنٛدی رنگ تہٕ رنگن ہنٛد زوٗل۔ تیتی (TIGHT) ایٚس تہٕ چمٹو سیتی ووٚنھِ، حسین بڑٕ ین ہِندِ سوٗٹ، انہٕری شن تہٕ مانٛزِ مہرٕ ہنٛد ہِندی سوٗٹ، یِمن انٛتھ لاگنہٕ تس أندرٕ سہ سرہش اُس لگان۔

کھرٕ کھرٕ کھرٕ تہٕ مشینہٕ ہنٛز گنٛگرائے اُس تیزان۔ زن تس نہٕ ژمہِ کانٛہہ پھٹھرٕ واوُس پھرٕ نادان۔

تہٕ تس لوٗگ نہٕ پتہٕ ہے زِ سُہ کر ووت بٔنیہ ہسپتال۔ ہسپتال وأتِتھ آسی تس زِنٛدٕ روزنکِ تسلاہ گامٕژ...... تس اُس خاین سیتی کھرٕ ہش گامٕژ......
ئیلہِ نہٕ غٔری اُس زنٛدٕ روزُنس کیاہ صِفتھ۔ یہ دلکُ دود للہٕ واعمٕر؟ ہسپتالچہٕ لَبہٕ آسہٕ تس کھینہِ لیوان۔ سسٹر رضائی لیوت اوس تمٕ سنٛد دود ژیونمُت۔
تمہِ زن اوس تمٕ سنٛد دود وانٛجہ سیتی لوگمُت۔ سو اُس تس وِزِ وِزِ تسلاہ دوان۔ یہ زِ ہیٹھ تہٕ وَیہ وِژِ بیمأرٕ اُس نہٕ تمٕ ژہنٛز مٕژرے۔ یِمٕس اُس تنہٕ منٛز بٔنیہ زنٛدٕ روزنٕچ زِتِن ہیمٕژ۔ زنٛدٕ زوٕ سی چھہٕ سوٗرٕ ے سہ اوس گیہٕ پچھمو لگان سسٹر رضایہ وُچھنہٕ۔ ساری وارٕ چ موج، عمہٕ اوس تسَ شری سنٛدی پاٹھٕ مٕژر کران۔ لوٗنٛ اوُس عمس بنٛد۔ مگر ئیلہِ سہ مچلہٕ لاگہِ ہس۔ سو اُس تس ژوٗرِ ژھیپہٕ لوٗنہٕ ٹھک تہٕ دِوان۔ منٛزی منٛزی اُس سسٹر رضا کامِہ لٔسہِ موکلِتھ تمِس سیتی گانٛٹن کتھہٕ کران۔ تہٕ تمِس اوس مٕشتھ گژھان زِ سُہ چھہٕ بیمار۔ کوتاہ پانہٕ نیار اوس تمِ سنٛزن کتھن منٛز۔ عمس اوس ننیو مُت زِ سو تہٕ

اُس مَنہٕ منٛز، خبر کہنۍ دٲدی للہٕ وان تہٕ سو اُس تَس پننہٕ خوتہٕ زیادٕہ بیمار باسان۔

تِمِس اوس یاد نہٕ کَے حال رود مُت تہٕ راتس دوہس لَبہٕ نیا مَتِن تہٕ وۄلیمتِن

بیمارن سیتۍ دِل دِتھ اوٚس تس تہٕ لَبہٕ ہیوٚ لوٚگمُت سفید پلوٚن گرایہ دِوان تِھچے

سو لیکان اُس۔ عمس اوٚس باسان اتھ سفید کفنس تَل چھہٕ سِسٹر نٔہنز لاش۔

ہُرنی تَل کُتر ہِش۔ مگر زندے زندٕ لاش۔ تہٕ اکہٕ دوہہ پیٚتھے عمہ ڈرٲو وان

شامس اوس نٔم سِسٹر رضایہ ہندِ خاطرٕ سۄ ٹھ اوٚنمت تسۄ تھ۔ شوخ عنابی

رنگس پیٹھ۔ سو کٔٹج رضایہ دِوان وُچھ سلامن تہٕ۔ تتھ اُس لونہٕ ٹھ نِنی

تہٕ سلامن آسہٕ اچھ کٔھٹتھ دراٰمژ۔ سلامن اُس سارنۍ نِش پارے دِژمژ۔

تہٕ عمہ اوس نہٕ کانسہِ نِشہٕ اچھ دِہن لایق تہٕ رَوٚد مُت۔ مگر وُنیتھ اوٚس نہٕ

کینہہ ہیوٚ کمُت۔ مومتِس کیاہ نارِی زِ!۔

وۄڈۍ اوس نہٕ تس گنیک تہٕ۔ وۄنن نہٕ وُنی تن۔ تس کُس رٹہٕ جاگیر۔

مگر سلامن اوس یہ زہر گلس تہٕ لوٚدمُت۔ گٔن اوس اکہٕ پھیر پراژ وُنٛزی اُمس

پُرژھمُت تہٕ۔ وۄڈۍ کر ساچھ خاندر........ رضایہ سیتۍ؟"

تہٕ عمہ اوس کوٚل گومُت نہٕ پتہٕ دِوُن لوتہٕ لوتہٕ۔ کھور ہس بچارِ تو تمہٕ،

تِمِس رود نا بیٚہ کہنۍ مشے روٚس۔

نہٕ سلامہٕ وُنھس خشمہٕ سان۔ سو تہٕ گو ڈِ تارِ گامژ تہٕ ژٕ کتھ چھکھ ژوٚرِ

تھوان اَسہِ نِش۔ اُسی کیاہ دُشمن چھیہِ۔ تہٕ کرِ تھ آسہِ چھا کانٛہہ تیمبرٕ نہٕ وانہٕ ہے

اَسی تھی سوٚ ٹھ دیتھس۔

تِمِس گیہ گلہِ زلوٚ۔ ساری گیہ کیتھ تانی ہیوی۔ سلامہٕ لوٚگ بیہ ڈگہِ سیتۍ

ہونہِ ہٕنز ہِش چیٚنوٕ رازے کرنہِ۔ گلہٕ آو تہٕ ہیوٚ ٹھ عمس نِش نہٕ عارٕ کتہٕ تھ

پرژھنس۔

"سلامس ہا چھُ سخ دود۔ یہ دگ چھنہٕ اُمس تھپھے تلان۔ دوہ نی گیوٗس پنُن پان اَسی تھے۔ یہ چھُ بنین تہِ دلسہ رادان۔"

عمہ اوُس پانہٕ تہِ دلسہ لویمت، تمِس تیٚج نہٕ کینْہہ کرٕنی۔ تمۍ زدن سلامہٕ تہِ چھُ دوہ نی آیرٕے۔ وارڈس منز کاتیاہ اَسی موٗدۍ متۍ۔ وارڈس منز ہے اکھ ترِ مرہے۔ تہٕ وارڈس چھُ اہر ہیوٗ بہان تہٕ ساری مریض چھِ اکھ اَکس لگان وُچھنہٕ زِمیہ کیٚتہٕ کھیٚلہِ منزکس چھُ دوہ نی کاژِتل لگنُ۔ عمہ کھوٗژ ہیوٗہ تمِس گٔیے بر زندہ روزنٕچ کل زیادَے تہٕ تمۍ دیٚت پانٕی پانس تسلاہ۔ یٔلہٕ تمۍ سِنٕد خوٗتہٕ علیل بیمار تہِ اَسی اَرۍ اَرۍ ودتھان۔ توٕ حاَلے سپہٕ وارِ کارٕ اوس۔ مگر سلامس کُنْ وچھتھِ لیٚج تس تالوس اُچھٕ، سہ لوٚگ ژوٚرِ نظرو سارِ نٕے بیمارن اَنکہٕ وِنہٕ۔ زِ اما دوہ نی کہٕنز واری چھےٚ۔

"یھِتھے سہ پانس ہیٚچھ نظراوس کران۔ تَس اوس ہیوٗ کھان ہیٚر گٔلن ڈِژس زیرٕ، عمہ صاب کیاہ سہ چھکھ سوچان؟"

عمن وٚولُس نہٕ کہنِہ۔ نہ گُل گوشوٚ ز دہیوٗ۔

اَرڈٔلی کرٕ بجلی ژھینٕہ تہٕ سارسے پھیوٚر موتن ہیٚو۔

نیٚبری کینِہ اوس اَنہِ گٹہِ ہندُ سودرہیٚو۔ وارڈ اوس دٕہی داٗوی ہیوٗ باسان۔ اَنہِ گٹہٕ اَسی تیز گنٕی زِ اَتھٕ ستۍ ہیکہٕ ہوٗکن سارتھ۔ عمس باسیوٗ گٔلہٕ اوس بیٚیہٕ ہیٚتھ پٕھی گرٕھان۔ تمِس پھیوٚر سخ۔ اَنہِ گٹس منز نہِ ایہ عمس گٔلنٕہ شکل یہِ ہے لوسہٕ کَنْہہ ہش لبنہٕ۔ لیُس رژِ ہیٚتھ رَژِ اوس لرِ کھرٕنی دِوان۔

"گٔلہٕ صاَبا کہو ننِدرٕ چھےٚ نالوان۔"

"ژےٚ ہا چھےٚ زیادے وہمہٕ۔" عمہ وٚوتھ تھوٚد تہٕ ترٛاوُن بجلی۔ تتھ اَنٕدکۍ اَنٕدی آسہٕ زلرِ زاج۔ گٔلہٕ اوس ترہر لویمت۔ کھوٗژمت۔ کیٚتہٕ مونگرٕ ہیوٚ۔ لیُس

کاژٕرِ تل آسہٕ لوٗکمُت۔

"مےٚ ہا چھُ باسان بہٕ گژھہ بێیہ بیمار۔ کاژاہ اَنہٕ گٔژھ چھے نیٚبرٕ کنہٕ۔ تہٕ یہ ہوٗچھہ ژھٔٹھ۔ شینہٕ ہناہ گژھہ پٔنہٕ۔ سہ زَن اوس ننددرِ منٛزٕ رے دوران۔ عمہٕ صابا بہٕ چھُس دپان کرنژاوِ مےٚ یہ بیمٲرٕ۔ کُس دوہ آسہٕ بیلہٕ واتہٕ کالج تہٕ وُچھن جمیلہٕ" گلہٕ رُٹ دِ خابَن منٛز۔

"کوسا جمیلہ؟"

سو چھے مےٚ سیتیٚ کالجہٕ پران۔ یا تہٕ وُچھہ ہن گاش ییہِ" تُسندِ سوٗرے اہٕار پرٕ ژٕھتھ وولُس عمن۔ "آ، بہٕ زانہٕ سو چھے میٲنٕ گراکہٕ باٗے، تہٕ تمس پھیوٗر اندرِ دُشنیر ہیوٗ۔

"کرِ ھ چھے!"

"طبا شیر ہش گرِتھ تہٕ ژٕرتھ۔ سٕنز کیسر ہا سٕنزٕ کیسر"۔

راتھے وُچھم والنس پیٹھ۔

"کوتاہ پھیوٗر لُس میانہٕ دادِ یک" گُلہٕ زَن روو بێیہ خابن منٛز۔ سلامن گیٛنڈ تس یہٕ کیاہ سا لوٗت آمی تہٕ سوہ ژٕ مےٚ خبرٕ؟"

گلس لوٗگ زلہٕ لوٗک، لوٗت لوٗت ییہٕ ہیم۔ تہٕ کرِتھ ژٕ مےٚ کیاہ چٔنٹ چھیہ:

"اَکھتے پرٕ ژٕھ تہٕ تمہٕ دوہ تریٚہ پھرِ مےٚ چھون والنس پیٹھ"؟ عمن رٔٹ کتھ تہٕ سلامن ژٕھن ٹھاہ ٹھاہ کرِتھ اسُن۔

"پرٕ ژٕھمُت آسہٕ نے"؛

"اگر ہا لگہ وہ ییہِ لوٗت ہا دِ چھُس یِن"۔

سلامس آو نہٕ بێیہ تاب۔

"اَمہٕ دوٗن تس تہٕ آیہٕ سو وُچھہ کیاہ چھکھ الاندن تھپہٕ دوان"۔

گلُس شِھٹیو وِدِل سلامہٕ نو کِتھو ستہِ ، تمِن منز زَن اوس زہر۔

عمہ وۆتھ تہٕ کرٕن بجلی ژھیتہٕ۔ سارٕنے گیہٕ بیٚیہٕ ژھو پیٚہٕ۔

دۆر آسہِ کتہِ تام ہۆنی ونگان ۔

عمہ رۆد ژیر تام لرٕ پھیرنی دِوان ۔ تہٕ تَس باسیوو گلُس آسہِ ہَکی لگی متہِ ۔

پگاہ ییٚتھے عمہ دانہٕ مِیٚچھ آو ۔ وارڈس منز اوس ہیٚے وۆتھُمت ۔ گلُس آسہٕ لارنہٕ

گژھان تہٕ سُہ اوس ژارِسہ ستہِ کھارٕ شِنزِ دمنہٕ ہندِ یا کٹھی کھمان ۔ سسٹر رضا یہ

وۆن عمس زِ گلُس چھُ پرٕون دود بیٚیہٕ وِ تلنہِ آمُت ۔ اُمس چھُ ( CRIS S )

خونہٕ رۆس بچہٕ نہٕ کیہنہ ۔

سُہ کتہِ بَنِس خۆن ؟۔

سسٹر رضاتہِ اُمس بانبر کیٚزٕ ہِش تہٕ عمن تراو گلِنہٕ کتھاہ تہٕ سُہ بیٚوٚٹھ تَس

شاندس پیٚٹھ تہٕ تمِس باسیوو زِ سُتہٕ پٹھہ بیٚیہِ بمار ۔

سسٹر رضا یہ اۆن لوشہِ گۆنداہ تہٕ تھوُمن دواہ لوتلہ منز گلُس شاندس

پیٚٹھ ۔ گلُن منز اُچھ تہٕ لۆگ لوشن کُن وُچھنہٕ ۔ تمِس اسہٕ اُچھ تار کھ ہشہ زِوتان۔

گلُن پھیور سارٕنے ۔ سارسی وارڈس ننیٚن موتنہِ ژھنڈ گُڈِنہٕ ۔ سلامہٕ

تہٕ آو پننہِ دگ للہٕ وان تہٕ لَس تہِ آو اوش "یہ بچور ہا گۆژھ بچہٕ نہٕ نیے"

یِتہِ کینہٕ گو لیہ ہیٚے نبہٕ چاچہٕ یادہِ ہیو ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ تمِ دُزِ خۆنچ لوتل تہٕ بیٚوٚٹھ

گلُس نِش تہٕ لۆگ اتھہٕ تُلتھ دُعائے خَیر مَنگنہِ ـــــ "وۆنہٕ مہ یہ رتھ"۔

تس آو اوش ۔

نبہٕ چاچہِ محبتک ـــــ لۆ چھُ !

خُشت ڈرا بَر اوس اُلگتھ نہٕ خون اوس پھیرِ پھیرہٕ پیوان ۔ ٹپ ٹپ ٹپ

شام تام اوسن گلہٕ ہیوٚ نمت پھیرُن ۔ تہٕ ییٚتھے تمی اُچھ منزٕ نبہٕ چاچہٕ آس النہٕ تہٕ ولنہٕ۔

"پننہٕ گوٚبراژ ہاگژھک ٹھیکھ"۔

ساریٚ نے مریضن گیہٕ وارٕڈس منٛز ستھ ہش تہٕ تمِ سمے یہ گٔیس نش سلامس تہٕ آو شوق تہٕ پرُژھن گٔیس۔ "کہو چھے خبر"؟ مگر گٔلن پھِرکار تہٕ ژھنس نہٕ سکھ تہٕ۔ سلامس لوٚگ کیُن ہیوٚہ۔ سُہ لوٚگ اندٕری وُٹھن منٛز دورِ نہٕ۔ ٹیلہٕ نہٕ گاُلنسی پوٗش۔ سُہ لوگ عمس کنُ وَنٕنہٕ۔

"نبہٕ چاچس آیہ نہٕ ؤنہٕ ٹیڈ۔ سو گُل رخ ٹٕری بٔتی کھیتھ تہٕ، دوٚ نی لوٚگ گٔیس پنٕنہٕ۔ یہ ژھٕٹراپھیشل کھٹھ۔

نبہٕ چاچس بپُوز سہٕ ہیوٚہ، سُہ ؤنُھ تھوٚد، زَن تس پِچھ لُوس اُس لگٕمُت۔

"میانین اُچھن چھُہ زہر"۔ سُہ ڈراو ہکہٕ دوان دوران وارٕڑہ منٛز۔ خونہٕ ڈراپ اوس لپکان۔ ٹپ ٹپ ٹپ تہٕ شیشہٕ ژھٹہِ منٛز پینی اُس وَزان۔ پیپن۔ پی پن بدن۔

گٔلہٕ ؤنُھ ذافہٕ لدسندی یاُٹھ "عمہ صاٗبا لوٗہس کرِ پیپہٕ شٕپن۔

نہٕ عمن دِتِیس دِلاسہٕ۔ "اگر سو وان آیہ لگاہ، بہٕ انٕنےٛ پانس ستی۔ سلامس روٗد نہٕ بییہ پانس تام۔ "عما کتھ چھِہس ونان ہم شاُگی تارکھ۔ عمن زن لوٗزی نہٕ۔ تمٕ شور گٔیس وُڑن تہٕ ڈراو والس پیٚٹھ۔ تامس ییٚتھے سُہ پھیوٗر۔ ساریٚ سی اُس ژھوپہٕ خونہٕ لوتل اُس موکلیمژ۔ گٔلس اوس لبہٕ نیارکم گوٚمت۔ ساری مریض اُسی اکھ اکِس سٕتی کتھن ستی متے میٚتر۔ صرف اوس سلامہٕ دگہٕ سیتی چھوپہٕ چھوپر کران۔ عمن ؤون خوش خوش گٔیس۔ "چاُنی جمپلہ ہاسمکھے یم۔ سو آسی لپکان"۔ سلامس آو نہٕ بییہٕ تاب۔ ہتا وچھ کمی سِنٛزن کتھن گوکھ۔ یہ کری ژینتہٕ پیرونی ناو۔ متے چھہ ؤزٕ ؤزٕ گژھان اُمِس رضایہٕ ہند۔

گلُن زن بوٗزُ ے نہٕ تہٕ وۄتھ تٔمِس کُن۔ زن نہ تس بیوٗٹھے۔

"ـــ گوٗبہٕ جمیلہ بڑی۔ ژٕ نے ووتھقسہ ہیٚون۔

تہٕ عمن ڈٲج کتھ۔ از چھےٚ یتھ تیر زِرمی۔ بالن آسہٕ شین پیٚومُت۔ از

انِہس شین۔

گلُن ترٛوو ووش۔ خدائے بوزِن۔

سلامس ژٔج کتھ نیرتھ۔ یہس کتھ پیٚیہ شین۔ سارٕ ہی گژھہٕ سُشنیاہ

تہٕ دُدوٚنہٕ۔

سأری گیہ بیٚیہ ژھوپہٕ۔ نیبرِ کنہٕ اُس شاہ تلہٕ کلِس بیپھ کاوٹاوٹاو

کران تہٕ گلہٕ ترہرلوو ہیٚوو۔ اکھ موصوم دوہٕ دُشہرلیٚس کھوکہٕ مُتس کھوژمُت

آسہٕ۔ موٚرپ ژھاسے نہٕ چھےٚ یہسے کھوکہٕ موٚت ہش۔

ئتی کنی ژاونہٕ چاچہٕ کھوژان ہوٚنی ہتھ کرٕتھ تہٕ گوسیٚو ے

گلِس لشِ۔

"مول گوہٕ ووٗنی ٹھیکھ...... لگاہ رۄزی تیار۔ لگاہ چھُےٚ سسٹر رضا آ

ہندِ سال۔" پتہٕ ووٗنن تمِس کُن۔

"دُچھ دراہ نا سسٹر رضا تہٕ مُٔٹرٕ ے۔ خاندر تہٕ کوٗرن تسٕ ری لوٗدس ستی۔"

خوش خوش درِ عمن سلامس کُن نظر۔ سُہ اوس شو وزدہیوہ باسان۔ گلہٕ اوس

ٹھاران ہیٚوتمِس وچھان۔ عمس موٚٹھ آسُن۔ گلہٕ اوس نہٕ وٗنہٕ تہٕ پرانہٕ ہرکہٕ تلہٕ

ڈرامُت۔ نصف رأژن روو گلِس بیٚیہ شاہ۔ تہٕ سُہ گ شالتہٕ سٔتی دمنہٕ۔

سأری مریض گیہٕ ہوشیار۔ مگر ازتِل نہ سلامن پٔتٲئی پاٹھی وارٕ ٹھکوسیتی نکھن۔

تمی تہٕ آس ہیٚچھرِ دگ ژالنی۔ سُہ رۄد گلِس کُن وچھان۔ ہرٕ نرٕ پتہٕ ہرٕ نرٕ آس گلِس

حالتھ خراب گژھان۔ سلامس آو نہ قراری، سُہ گو تمِس لشِ تہٕ پرٕژھس کھوچھےٚ

ژُرےٚ باسان گُلا۔"

"گرٛدھ ہا پانٕے ٹھیکھ۔"

مگر سلامس ہیوٗ ٹھے نہٕ۔ تمۍ دِژ گُلس کُن نظر۔ سہ اوس شہہ خاطرٕ کھمان ہیوٚ۔

تہٕ تمۍ وۄن پانس سٟتیٖ "ینا گوٚژھ دنہٕ شُینک طمع ہیتھے گرٛھُن۔"

عمس تہٕ وۄژھ تھر کنِڈس تامتھ تیٖر تہٕ دوٚلوٚے لگ اکھ اکس کُن وُچھنہٕ۔ عمہ

تہٕ اوس نہٕ ازسہ عمہٕ۔

رانہٕ کرِ پل جوراژ ایہ تہٕ لگ سارےٚ وارڈس زن جٔت ہیوٚ کرنہٕ۔ گاش پھوٚلونے

ووٚنتھ عمہ تہٕ مژر آدِن داٚر تہٕ وۄنٕ خوش گُلس۔

لوٗز ہا خدایِن۔ شینہٕ بیٖنہٕ ہا چھ لگتھ۔ راتس چھ شینہٕ انہار سمیوٗمت۔ سوٗرےٚ سوٗر تہٕ لٔژھ ہا چھےٚ تُل گامژ۔ گُلن پھرنا وٕ آچھ زن کھارِن کھور نیٹھ بیٹھ

شاہ۔ "تُلا مےٚ تہٕ نتہٕ دارہ تُل"۔ گُلن کرےٚ یہ تھوٚد ووٚتھنچ کوشش تہٕ —— تس

آو وُتارٕ ہیوٚ۔

عمن سوو شہ بٔیہ۔ "ماکر ووٚنی ووٚنہٕ دوٚدھ۔ سنبال دم۔ پتہٕ چھےٚ دوٚہے

وُچھنے وُچھن۔"

ووٚنی ہا گرٛدھ بہٕ پانےٚ ٹھیکھ۔ ازیمہٕ بہ بٔیہ ہنیٚسی بڈس نیٚٹھ۔ یتھ بہٕ

وُچھہٕ شین ہیوان تھو سیو تھو سیو۔ از گرٛھ آسِنی جمیلہ یِتہ۔

گُلس اُس کنتھ کرنہٕ سٟتیٖ نہٕ ووٚنی ثانس کھان تہٕ اکھی منز پھیوٚرس

سوٗ سنبار۔ عمن دِژ دار کُنِ نظر تہٕ وۄتھس۔ "گُلا آیی ہا جمیلہ۔ نۄ پاٹیک سوٗٹھ

لاگِنتھ۔ وُچھ کتھ کُنہٕ چھےٚ رسہٕ رسہٕ لیکان۔"

"آہتو تُلا مےٚ نہٕ دارِ تُل" عمن دیُت گوٚش تہٕ روٗد دار کُنہٕ وُچھان۔

وُنہٕ ہا چھےٚ شُرےٚ۔ وُچھ کنتھ کُنہٕ چھےٚ شینس گنداں۔ ژٕ ہا چھکھ

نصیبہٕ ووٗل۔

گُلُن نچہِ یہ کأر تھوٚدُنس پیوٚو بیٚیہ دورٕ تہٕ آوٹاس کرٕنِتھ لاینہٕ۔

عمن لوگ تس انگہٕ گُل اوس شیہلیو مُت۔

سلامہٕ ووٚتھ ہکہ "گُلا"! تہٕ لوٚگ شرٕ سندی پأٹھۍ ودنہٕ۔ تہٕ سارنی بیمارن گودَم ہیوٚ۔ تہٕ تِم لگۍ اکھاکس کُن وُچھنہٕ۔ زن ژھانڈان آسی زِ ووہٕنۍ کینژ چھےٚ وأری"

تہٕ سلامہٕ اوس دارِ نبر وچھان۔ یتہِ دوٗرتانۍ سوٗرتہٕ لژھ آسہ وٕہرِتھ تہٕ منز باگ اوس شاہ تُلہِ کُلُ یوٚہے زنڈ ہیوٚہ باسان۔



رتن لال شانت

# ژرکونجل

○

سریندر ناتھ تہٕ رتنی ہنز ییہ کتھ ڈلونٔو سٹوری (LOVE STORY) کنہٕ نہٕ یہ فیصلہٕ کرُن چھُ مشکل۔ ییتھےٚ تم عدالتہٕ منٛز دٕراے تم اُسی دوٗشوے تو تے متی ہی۔

دیماغ اُسکھ تازٕہ ہی گامتی۔ تہ اکھ اکس نکھہ اُس تیتھے کنٛہ لیکان ژور نظر واکھ اکس کُن تیتھے کنٛہ وچھان ییتہٕ کنہ اکھ نٔو عاشق جوٗری مالنٛن ماجن راضی کرنس منٛز کامیاب گامژ آسہٕ تہٕ دپان آسہٕ گژ کہٕ حاطہٕ تہ لوکہٕ اُرساتہٕ منٛزٕ نبر نیرتھ لبہ ہیوٚہ کانٛہہ محلو کھو کوٚناہ تہٕ اتھ کامیابی ہنٛز خوشی منٛز نمہٕ ہو وتھہٕ سینہ نالہٕ موٚتاہ کرتھ۔ نتہٕ چھا طلاق نامس تصدیق سپدیتھ۔ ژٕ تمن ہندی باژ کونہٕ اُسی تن ییتھ کنہٕ لیکان اکی قدمہٕ اکی ونہٕ تہٕ اکی رایہ ترایہ ـــــ؟

عدالتہ کہ حاطہٕ منٛز دٕرایہ تہٕ سریندر ناتھ ٹھہرلو سگریٹ وآلس نِش نہ ہیٚژن سگریٹ ڈبی۔ رتنی رُوز لبہ کُن کھڑا۔ بٕ ژوٗل سگریٹ تہٕ پھیوٗر دچھن رتنی تہٕ پھیر توٗری کُن نہ چھپے لیکان۔ بازرک ساروی کھوتہٕ لوڈتہٕ ڈروگ ہوٹل آو تمن ٹھہریہ قدم۔ سریندرن کرٕ گوڈنچ کتھ۔ "میٚ چھُ چایہ کیک سنٛ طلب۔ ژٕ..... اگر..... تسند جملہٕ پوٗرٕ کرنہ بروٚنٹھے دٕرایہ رتنی بروٚنٹھ تہ کھژ ہوٹلہ کُن ہیرہ یادٕ بن۔ زن تہٕ سو تسند زیوہ یہ کتھ نیرنہٕ سہی

پرٲران آسی ۔ یہ چھِیے وُکھرہ کیتھہ زِ تس آس تیاہ سرندر چھُہ ہاوی نہٕ پرٲے اتھہٕ ٹلس گرٕھان تہٕ اکِہ دوہہ وینیوٚس تمہِ بہ تہٕ گرٕھہا اوتہٕ راینی پھرِ لوس ییتھہ "ژٕ کوٚت گرٕھکھ اُڈ ۔ اُڈ چھینہٕ شریف گرن ہنز زنانہ گرٕھان" ۔ کیتھِ لچے لوٗڈ زِ چھپرتہٕ دوہ درائے لوٗوامی بہانہ پٕندی ۔

یم ژٲیہ کینس ٹٕنر تہٕ پٕتھے آوہٕ ہر ۔ رتنی وُن سرندرس انہٕ گوٗ آڈر میون تہٕ تسند کینژھ وینہٕ برونٹھے ڈٕتین سیٹھاہ موکلین تہٕ اعلا کھینہٕ تہٕ چینہٕ چیزن ہند آڈر ۔ ہالہٕ منز آسہٕ کمہٕ تانی انگریزی باتہٕ چہ لاٗنہٕ بینڈ تہٕ گٹاہٕ چینن سو رلہرن پٕتھٕ مشکہٕ دارن ہندی پاٹھی مہندس کینس ٹٕنر اژان ۔

چاےٕ وُاٲژتہٕ دوٕ شوٗپہٕ بنٲو پانس پانس کٕژ پلنے ۔ سرندر چھُہ چایہ دام دام چیوان تہٕ رتنی ہندس بُتھس پٕتھٕ ووتل وفِی باد ہاوٕ ژٕ پرژان ۔ رتنی چھِے لولن گٕنے وچھان یاد چھُن کھوٚور یا کینہٕ نیریِ بکہٕ دِنہٕ کنہٕ ۔ خبر کٲتی وہری آسی ازیم یکجا چلے چینہٕ پٕتھٕ متی ......... بیتیس کالس ......... یکجا ـــــ

پتی مہِ رینہٕ آسی یم بتھی پھری ژٕ ل ہوٗنی ہی گامتی ۔ کیتھہِ کیتھہِ پٕتھٕ ملہٕ وان ـــــ اکھا کس شہن زٲگان ۔ رتنی آسی صُبحٲے سوٚکوٗل نیران تہٕ ڈُنی چندس تہٕ سرندر نہٕ خاطرہ کینژھ ہدایت دِتھہٕ تھوان ۔ سرندر کھیہ ہے تہٕ واہ نہٕ کھییہ ہے تہٕ واہ ۔ آسے لیس ہے تھپہ تھوسہٕ تس میندی زہٕ منیڈی اتھِ تہٕ کھیئے ین ۔ پتہٕ ادس ژٕ پری رات کینت والس پھیران تہٕ لاوٲرث لاش ہیوہ وتھرنِس پٕتھٕ پیوان ۔ رتنی آس کلہٕ نلہٕ لیف ہیتھہ بیٚس کوٗلس منز کھرد کھ ماران ۔ روزِ ہے تہٕ روزِ ہے رتنی آٹھن آٹھن دوہن مالنہٕ یا سرندر گذار ہے راتھ لنڈرن ہندی پاٹھی لنڈرن یارن ستہٕ ۔ کانہہ ادس نہٕ کانسہٕ پٕتھٕ ژھان یا کاران ۔ بچیہٕ ہنز رشتہٕ ادس ژھینن ہیو تمت ہفتہ وادن آسی نہٕ پتہٕ کیم سمکھاپنے تہٕ صرف ادس ڈُنی چند ہیند مشترکہٕ عنصر لیس

منزِ عادتَن اکس بییہ ستند پرژھان تہٕ اڈزا ڈینتھ پننہٕ بے وقوفی ہند خمیانہ ژلان۔

وِٹیر آو تہٕ رۄد وۄدنی بامطلب پاٹھین وُٹھن کھجار کران۔ رتنی تۄر نہٕ کینٛہہ فکرِ نہٕ وچھن سرندرس کُن۔ سرندرس اوس ژھوٹہِ بجر نیک چھچہ ہیوٚہ ڈیکس پیٚٹھ آمت۔ یِتھی لبن اوُسس ازجادے پہن وۄشلن ہیوٚہ تہٕ زیرِ وِنمبر شیوک ہلکہٕ سبز برپتو اوُسس بوٚن ہۄ نگنہ تانی پیوان سرندرن تہٕ وچھِہ رتنی کُن۔ سوٚ اُس ازآزادکِس لۄنٛتیرِ گراک کورہ شِ پھوٚہمٕژ تہٕ وۄلہ سے مُژ داٰن تھر۔ تس کُن وچھتھ کُس وَنہِ ہے نہٕ زِ سوٚ چھُیے عشقہٕ بازرچ لۄ سوداگارٕنی۔

وِٹیرن کرٕ اسنہ ہناہ تہٕ وُلنِس نانی کانہہ جواب نہ لبتھ تھوٚون اکھ کارڈ گوڈٕ سرندرس تہٕ پتہ رتنی بر دنھٕ کتہِ۔ تتھ اوُس لیکھتھ۔ تۄہی چھوٚہ کُنہِ خاص پاٹھِ تہٕ ٹیوٚنچ فرمائش کران۔ ؟ رتنی ہوٚ وکلہ سیتی نہ تہٕ وِٹیرن تل اَساں اَسان کارڈ والپس۔

یِتھی ہۄٹلس نیرہ کنہِ سپدے لوکھ تمہ دوٚہہ مُلاقاتھ۔ سہ تہِ اوہ کنٛہ زٕ رتنی اُمس پرنسپل سیتی تہٕ تمی لۄیُور رتنی ظوٚن زِ پرۄفیسر صاب چھُہ ہکیاہ کھڑا۔ ژٕ سے ما اوُسنھکھ نیپب دِتیمُت۔ پروگرام چھا ازشامکُنہ بجابہٕ؟ سرندرس تہِ پیوٚ اوتھہ ینٛ۔

تمی کوٚر پرنسپلہِ آداب تہٕ تمہِ کوٚرس خاطر پاٹھہ تہِ زبردس تہٕ پانہٕ نیا آرچ شکایت تہِ زوردار۔

یہ رتنی جی کیازہ چھوٚون یِتھٕ کمزور کرمژ؟ اَمس چھوٚنا کھین دوان؟ یہ چھُیے دوٚہہ کھوتہٕ دوٚہہ کمزور تہٕ سوٚکھیس گژھان۔ اَمِس کۄنہٕ چھوٚہ واتان۔؟ سرندرن وچھہ رتنی اُمس پٔژی کمزور گامُژ۔ مگر سہ تہٕ کُس صحت منداوس

پانٛژ۔ تسنٛز تہٕ کُس اُس فکر۔ پرنسپلن وُچھ دوٚشوٕے ژھوپہٕ کرتھ ہوٚر لوٚر وچھان تٕمہٕ دوٚپ تسنٛز غارخاہ نصیحژ ہیوٚت اثرہی کرُن۔

وچھوسا تُوہنز فیملی چھیے آیڈیل (IDEAL) اَسی چھہ سوٚکولس مَنٛز کتھہ پیٹھ تُہنٛزٕ مثال دِوان۔ لُوزتھ سارنٕے ساجی! لوٚتانی پلیوتوٚتا نی گرٕژھٕ ژھرٕ وار رُوزان۔ شرگیہٕ نالَہ تہٕ عاش تہٕ آرام رُوٚدزندگی ہنٛد سوٚکون رُوٚو۔

شُرکاُسی نہٕ ہمین مگر سوٚکوٚن تہٕ اُوسکھ نٕہ۔

پرنسپل دٕرایہ تہٕ سرندرس وَتھ رٕنی کُن "وُنکیس کوٚت چھےٕ گرٕژھُن ژٕے؟"

گراکنہٕ ریسنٛز ووٚر۔ ؟ رٕتی وُژٕ ھس"۔ بہٕ ہیکہٕ کرتہٕ گرٕژھتھ۔

"I DONT MIND"

دوٚشوٕے کھتھ بسہٕ۔

وتہٕ کرٕ تہٕ کاٗنسی کتھ۔

گرٕ ژایہ سیوٚدُے بیٚڈرُومس۔ دُنی چندن کھاٗر چائے تہٕ ٹھوٚن ہتھ — یہندِ روٚیہ بہرٕ لوٚو نہٕ کینٛہہ ونہٕ نس تہٕ دٕراو نبر۔ رٕنی کرٕ گوڈنچی کتھ۔

"میٚنے چھہ افسوس ژٕے اُدیسے خبر کوٚت گرٕژھُن تہٕ پرنسپلہٕ ہندی کنہٕ پیوٚ سے ژٕسے کرٕ وسُن۔ دراصل گوٚسے ژٕیٚسے واریاہ کال ژھِلن تہٕ بہانن زاگان۔ بیٚتھ ژٕ لڑٕ آیسے کرٕ ہا کھ۔ مگر یہٕ ترٕ سِ ریسنٛز ووٚر۔ امہٕ ستی تُرٕ ژھوکھ ژٕ جادہ"۔

رٕتی گیہ چاے رٕخ۔ سرندر چھہ تھےٕ کُنٛی دام دام دوان زن تہٕ تَس وٚنکھ نہٕ کینٛہہ۔ رٕژھ دکھنٛڈی ژھوپہٕ کرتھ وٚونس۔ ژٕیٚسے چھےٕ مالنہٕ پیٚٹھٕ سوٚکول نزدیکھ گرٕژھان اُدٕسے ترٕ کھ توٚر"۔

رٕتی وُژھ تھوٚد۔ "ییے گو کرناہ اکھ ژٕ اسہٕ وُنہٕ ہونٛجہ وچھ متس۔ ژٕ چھکھ

میٹانی کنی ہنگہ تہ منگہ بند۔ بہ گژھس کنہِ رنگہ گلنژ تہ ژےٖ موکلہ ہکھ گری کس اُوم چھے
ژےٹے نکران۔ نیٖبرِ ےچھکھ اسان گنڈان آسان"۔

سرندرس آو اسُن۔ از بدلوٗ وتھ ڈایلاگ۔ یتھ کنہِ دن ـــــ یئیے گژھس
گلنی تہِ تالہِ گلُس لدتھ وُدیکھ ـــــ

رتنی ہیتھی پلو بدلاونی۔ "آتالہ گلی لدتھ وَدِ ہکھ۔ چھکہ ہی تہ نہ کاہنہ"۔

سرندرن تہ ہیتیٖ پلو بدلاؤنی۔ "میٖ چھےٖ ژیٖئے اکی وزِ وُنمت ژےٖ چھکھ پالس
وہو کرتھ اکھ ذہنی تسلاہ پراوان۔ تہ کیا زہ ژبےٖ چھے غلط فہمی بہ کیاہ چھس
پریشان گژھان یا چاہن وہون ہندی نتیجہ ویٖرھنان تہ غوطن گژھان"۔

رتنی آیہ سرندرس پٔرونٹھ کُن تہ وَنُن ڈرامائی اندازس منز۔
ـــــ تہ دراصل چھیہہ نہ ژےٖ الگذار گژھان۔ تہ کیا زہ ژےٖ چھیہ شسترو
دِلہ تہ سٹیک اراد۔ تی نا ــــ؟

موہنیوادس برس پیٹھ ظاہر گومت۔ رتنی ہیہ تس کُن نظر تہ وَنُن ہس۔
"ژہ کیاہ کران اتھ؟ کیاہ گژھی ـــــ؟

دُنی چندگابر لوٗہ نہ وُنکیش۔ سٖین کیاہ مہارا چھم رٹن"۔ ؟ جواب دِتس
سرندرن۔ نیٖنہِ۔ از گو ہیے مقہ برئیائی بکھنس۔ نیٖنہِ لولاواہ،۔

رتنی تہ وَوٗن موہنیوس کُن۔ "گیو نا چھیہ نہ۔ شہ کتھ کرکھ لپہ لاؤ" ـــــ؟
موہنیوی کٔر اسنہ ہناہ۔ "او تہِ مہارا، اوٗن بأے صاحبن۔ ییٖلہ مہارا تو ہی رائنی
وادِ ...... کتھ ژٹن پلنےٖ منزہِ نہ کڈن دَو ـــــ

سرندرن تُل کتھ ہُنڈپن بنیہ ـــــ "میانہِ سٹیلہ اراد کُ پئے چھےٖنا؟
بنیہ پادیہ کھانڈرک ماحول یاد"۔

رتنی گیہ لاجواب ہش۔ "مے چھنہِ شری قصک پہاڑ ذٕر راوٗن۔ ہاوِ ے

لون کنہٕ ہاوے کرٕون۔"

"بہٕ چھسے وۄنان ژٕ چھکھ اندر پٕھل۔ ژٕ چھکھ پانے لوٗت کاٹنی۔ چون گوژھنہٕ کھاندر کرٕن ــــ"

"چانٕی اوریجنل (ORIGINAL) وو ہو کتہٕ لوزٕ ہا۔"

رتنی زن تہٕ پانس ستیٖ وۄن۔" کرٕ کیاہ ہندستانس منٛز چھس زامٕژ تہٕ پٔنٛژ چھس بٔڑ کۆر۔ پوشہٕ کس۔ ژٕ کیاہ گرین چھے۔ ژٕ اوسکھ میٖنے ورٕ ٲی جان۔"

"آجان چھس۔ ژہ کیاہ چھکھ دپان۔ بہٕ گوژھس وۄن تہٕ ژٕ نے ڈٲلی رٹتھ زارہ پارہ کرٕن۔ متّے ژٕ راوٕ تہٕ میٖے۔ متّے تراوتم۔"!

تمہِ ژٕول سگریٹ تہٕ وۄتھس بٔڑ راز داری سان۔" لوزٕ بہٕ وَنے، ژٕ چھکھ پانس وو ہوٕ کرتھ نے والنجہٕ تچھپٕ تلُن شیٖرہان۔ مے ترساو تھ یا پریشان کرتھ چھے ژٕ نے تسلاہ گژھان۔"

رتنی اُس امہٕ وزٕ باڈی بدلاوان۔ بُتھ گوس تیوٗ لنگل ہیوٗ تہٕ اتھہٕ گلہٕ ناوان دٔفنن رٲنس۔

"ژٕ آسکھ پریشان یا خوش میانس تل پدس۔ بہٕ چھس نہٕ ستھ وری بروٚنٹھِم رتنی لوسہ پریشان آس آسان۔ ہش ہیرٕ کرکرٕ نم سیٚنز کتھ۔ رٕۄن کرٕ یم اَجہِ ڈٲژ دلوٕ میٖے تہٕ ہکرٕ لوٗمت بتہٕ میوٚنڈ کھنس واری ییہ۔ بہٕ چھس دراشر ناہ پانہٕ تہٕ تتہٕ وانہٕ۔"

"یم محاورہ تہٕ کہاوژ چھیے وو ڈ گنشتہٕ آشٕر یمن چھےٚ تہٕ کانٛہہ مانے۔ یم ڈٲر راونہٕ ستیٖ کیاہ نیرہ۔" سریندرن وۄن یہ بلاواسطہٕ یہٕ تھٕی کتابہٕ کنٛتھ تانٛی ورق ورق پھران۔

"بہٕ چھسے دپان چون یہ سائیکلاجل اُنالسس (PSYCHOLOGICAL

(ANALYSIS) تہ چھ جندہ تشکھ گومت۔ اتھ تہ چھنہٕ کانہہ ملنے ووزٕ"۔

وُنی کیس ہیلہ یم ہوٹلہ منٛز دڑایہ سہ اوس پانس پیٹھ پاٹھٕ نفسیاتی موازنہٕ کران۔ سہ اوس ازلوٚت اوکنہٕ محسوس کران زِ ووہنی اُوس پننہ زندگی ہند پانہٕ گُن تہ عالم مالک۔

صُبحس ٹیٛتھے تم گرِ دڑایہ طلاق سپد تتھ کتھہ کنہ گرٛٹھن تم الگ۔ سامانہ جاداد کیتھہ پاگر اوٚن۔ بیٚٹھ کرایہ مکانس تہٕ موہنوس کیاہ کرن۔ تہ اُوس نہٕ تمو سوٚنچمت۔ دوٚلوٚے گیہ نیار — گوڈنکہ پھرِ کھاندر پیتہٕ زن تہ سینما اوسکھ گرٛٹھن۔ یا اوسکھ کنہِ ڈنر پارٹی منٛز شامل سپدن۔ سیوٚد ژایہ جیبس نش تہ اثرر سوٚختہ کنہِ کرلو دُکھ گوڈنیتھ طلاق نامس پیٛٹھ تصدیق۔

اور تہ دڑایہ تہ کہنی صحی نہ آسنہٕ موجب یکراکھ اکس ستی تہ ہوٹلہ نیرتھ ہیٛوتُن سرندرگرکُن پکُن تہ رتنی تہٕ دڑایہ تسی ستی مشینہ ہندی پاٹھٕ۔ لبہ کھقی تہ تہ پادلی دڑایہ۔

نیرنہ وزِ اوسس مدرآسی بارمینن (BAR MAN) دوٚری کاڈر پیھٹے مخصوص اندازس منٛز پٛنن اتھہ ہلاوتھ اشارس منٛز بے وُنمت بیسٹ لک (BEST LUCK)

وتہِ لکان اکھ اکس سنتی ستی لکان زن تہ واریاہ کالی اکھ اکی ستہ دپان لومت اُوسکھ۔ یا پانس اُسی ہمیشہ خاطرہ وُنی کیٛنہ تسلاہ کران۔ بیتہ خبر کس کور کُن لگہ ہے۔ بردنٹھ ہے بیتھ کُنہ بکہ ہن تہ گرداتان واتان اُسی دوشوے برنکہ آسان آمتہ تہ ژوٚونی ہیوان۔ تم آسی امہ لے مانے رٹینچ (ROUTINE) وتہِ پکہ چ تہ گرِ بیٛھچ پامہٕ پاسے کران۔

مالس ماجہ تہٕ انگن آشناون خلاف نچ گوڈٕہ سرندرن آواز گنڈلس پیٛٹھ وُتھمٕت ساماںہٕ کرِتھ وُون والیس تہٕ تتھی محفلہٕ منٛز کوٚرُن رتنی ہندہ ناوکُ اعلان۔ رتنی تہٕ ژایہ تمی وزہٕ سائرٕ نیے تتھی اوٚہندِ گرٕ۔ تہٕ اتھس منٛز اتھ تراوتھ ڈرایہ کم ہُتھِ کالکی منصوبہٕ بناونہٕ نبر۔ توٗرہٕ آیہ یِکھِی والیس، مگر کھانڈر سپدِتھ روایتی پہٕ نہٕ کمین ووُمید آسُس۔

سو نہو اوٚس پیاری پانے انزرمت تہٕ کمین وُژھ ساریہ ٹینٹھ۔ سرندرن لوگ پتہٕ کیتھ تانی ہالس پیٛٹھ دبردنی تہٕ دپن ماجہ زِ یتھن حالاتن منٛز ہیکہ نہٕ بہٕ تہٕ نہٕ رتنی یتھ گھرس منٛز رٲوِتھ۔ مگر امی دوٚہ ہٕتھ منس یتھے موٗل آس لیوانے کرٲلس کنٛز حوالہٕ۔ تمۍ اوٚس نس کرایہ مکانہٕ تہٕ کوٚرمٕت تہٕ تتھ پیشگی رٔٹِتھ کرایہ تہٕ دِتھمٕت۔ سہ بنیوٗ اندرٕہ محل تہٕ رتنی گیہ دم پھٹی۔

تم آسی لکان تہٕ وانہٕ پنجہ پیٛٹھ دٕرکمی تانی موالی بیٛس کن کرِتھ "وآریا ہسہ کالی ہاو یانزرس مال یتھ۔ نصیباں والے تجھ کو میر اسلام —" !

مگر سرندر لوک سیوٚدے زن نہٕ لوٗزن یا لوٗزن تہٕ دوٚپن مے کیازہ گرٕ تھِ ژکھ ہے۔

یتھی بازرس منٛز آسن اکہٕ دوٚہ ٹانگہ والس ستی جیٛہی ملہٕ ناوٗ مژ تہٕ کیازہ تمۍ اوٚس رتنی کیاہ تانی مخولہٕ کوٚرمت۔ بڑہ بہو دری سان زِ کوٚرن ٹانگہٕ تہٕ ٹانگہ والِس اتھہٕ منزہ چھانٹہٕ نِتھ چھاوٗنس پیٛٹھ۔ سوارِ تہٕ وژھِ لسندی کینہ لوکہٕ لوٗک گیہ تہٕ ہیر وسندی پاٹھی آو رتنی لٔنش زن تہٕ جنگ زِینتھ۔ مگر رتنی اُس اکھ اکھ اچھی باہ باہ پل گاٹر۔ یکین منٛز ہے کرٲلس ہیوٗ آری۔

"پانہٕ گوکھ ٹانگہ والس آنچ ہوٚر نہٕ تہٕ مے چھیہ پتاہ کیاہ گدرِکھ بیٛر بیٛرہ منٛز۔ میون ناوٗ لوٗزتھ آیی زِکھ تہٕ بیٛر چ زاچھی کرنہٕ درٲکھ۔ مے وٗنی زِ ہیے ژٕ ژلی گوڈہ دوٗر —"

تس پھچیے کوٹھی تہِ تہٕ عارق گیؤس شین زن تہٕ دبارہ زنانہٕ کُن گڈالس کرےیُون

قسم ۔

خبر رتنی کیاہ اُس وُنی کیٛن سونچان ! سرندرس اوس تس کُن وچھنہٕ وُنی کیٛس آرہیوٚہ یوان تہٕ پالس ستی دوٚپن زِ اَمِس دمہٕ گوڈٕ ژھکانہٕ کرِتھ ادہ کرِہ پَنُن انتظام ۔ گوڈہ کیاہ ترٛٚیے ریٚتھ گیہ ہمس تہِ تہٕ ہمس تہٕ ذہنی طور آزاد تہٕ پنُن انتظام پانہٕ کران ۔ یتھے طلاقچ گوڈنچ نوٹس دِژ آیکھ تہٕ پتہٕ زن گو مشر کری تژھین ہیٛن طلاقک فیصلہ تہٕ سپد ڈراماٗیی ۔

سرندر آو گرِ ژیرِ کہٕ تہٕ زنانہٕ وچھن پلو بدلاوان ۔ سوٗ آسی کُٹھس منز نیم ننگہٕ تہٕ سرندر ژاۓ کہ ۔ رتنی گوٚ نہٕ کیٛنہہ تہِ ۔ تس اُس پتاہ سُہ نیرِہ پوٚت کھوری والپس تہٕ پرن کُٹھ انہ ناوِ بتہٕ ۔ مگر سرندر گو تہٕ رتنی ہنز تہِ تجن ماہ کری کری وُنِل ۔

رتنی رُوز شینہٕ تانی ہش کھڑا بے سورِ تہٕ بے سنھ ۔

"کوٚسہ فلم وچھتھ چھکھ آمت" ؟

"میٛے کوٚر بہے نہٕ ونہٕ تہٕ بہٕ فلمن منز کران چھس" ۔

"شاید چھیے نہٕ واریاہس کالس ڈوز بنیومت ۔ مگر بہٕ کتھ کنی کر نتھ ژیے دوٚ میدسہٕ بنی ژٕے یتہٕ" ؟ یمہٕ دپت تمس نِز ستی دکہٕ تہٕ بہتھ پلو لاگنہٕ ۔

خوٚ نہٕ گروہ کھ زن دولن ہٹہ تہٕ ووٚتھس ۔

"امہ علاوہ ہیکھ نکیاہ ژِدتھ ۔ چھیے نہ کیاہ ژٕے ۔ ؟ چھکھ تہِ کیاہ ژِہ" ؟

تہٕ ژٕتھ کھنڈی ونن زن تہٕ پالس کُن ۔

مگر تہٕ تہٕ چھکھ نہٕ ژِہ ۔ بۓ چھس ولسران ..... بۓ ولسرِ لوٚس ـــــ

ژِہ چھکھ نہٕ کہنی ـــــ تس ہیٚرن اَت لس چھسنی ۔

رتنی ژرٛوٹھاہ ٹھاہ کران اَسن۔ پوٗلاکِنی تہٕ تس پھکیس پیٛٹھہٕ اتھہٕ تھوتھ وۅنُن۔

ووتھ بدلاوٕ وونی پو۔ یہوٗ ۓچھُ چون اصلی روٗپ۔ ژٕ آسکھ یہ ہمیشہ وچھان مگر شکر دلیس کُن از زفزٕ سے یہ تہٕ شہادتھ۔



وتھرنس منز اژنتھ کرے یہ گوڈنچ کتھ سرندرن۔ بتہٕ کھینہٕ وزِ آس نہٕ کہنی کتھ پینر مژ۔

"ژٕ تمنے! اَسہِ کُس چیز چھہ زبردستی گنڈِتھ"؟

رتنی اُس شاید اُنتھی سوالس پرٛاران۔ کلہ کوڈن پتہٕ لیفہِ منزہٕ نیبرٕ تہٕ وۅنہ نس "کہن نہٕ"۔

"نزدیک آسنک تہٕ نکھہٕ روزنک ڈراما کیازہ کران اَسی۔؟ منک دوٗر ہیر چھِیہ ژٕ سے ژٕ دُلہ مت زانہہ"؟

"ژٕ سے چھِیہ ژوٗلہ مت۔؟ یہ وُنے صاف مے زوٗل نہٕ سہ زانہہ۔ تتنے پیٛٹھہٕ ہیناسی لوٗر آیہ یہ گیس ژٕ سے نِش دوٗران ــــ"

"یہ تہٕ گوس دوران۔ یہ چھس نہٕ ووذ نیٛز روزنہٕ نس کھوژان"۔ سرندرن آسہٕ وُنی کِہس تِمس پیٛٹھہٕ پرٛ دپہان۔ دوٗپہ نس۔ "اَسی کیازہ کرو اکھ اکس آدیزہ روزنکی شرط لمی لوٗرہ"؟

سہ رود بسترس منز بیہتھ تہٕ وونُن۔ "از چھکھ ژٕ گوڈنچہ لٹہ (IMANCI — PATED) ژٕ چھکھ وتھِ وہماغہٕ سونچان۔ ون چھا اَسی اکھ اکس آدیزہٕ کنہ رنگی"؟

رتنی تور فکرہٕ۔ تس پھیور۔ ہتھس مُریٖن ہیوہ۔ "یہ چھس صرف شاہ ہیوان۔

میٛے چھُنہٕ کانٛہہ حِس زنٛدٕہ۔ میانِہ دِسی ییہ نہٕ رُٹین (ROUTINE) زندگی تہٕ گزارنہٕ۔"
سرندرن دوٚن نفس سنجیدہ تہٕ گوٚبہ آوازِ منز" ۔ امہٕ کھوتہٕ اوٚس نا بہتر اسی گژھہ
ہوا الگ"۔ پتہٕ گیہ واریاہس کالس ژھوٚپہٕ۔
سرندرن چیٖیہٕ ژٕ سگریٹ ڈٔبہِ۔ اکہٕ پتہٕ بیاکھ۔ رتنی اٚس صرف تالوٚس کُن
ششدر روٗزِتھ وُچھان۔
پتہٕ دوٚن ہفتہ وارِ واریہٕ ژاٚئِ لسٚتہ دِس لسترس منز۔ رتنی نہٕ گوٗرس واد تہٕ نہٕ
لوٗکنس مٲل دار۔ خبر کٲنس کالس وِہتھے یکھ رٚز، مگر یہ آو ہرمو کھیٚہ میٛنہٕ نہٕ دیگہ لٔتے
شیٖنہٕ مٲنی تہٕ نہٕ کھوت آرے بالس والس۔
اکہ صبحٲے وٲتھ دوٚشوے تہٕ آیہِ عدالتہٕ طلاق نامہٕ ہیٚتھ۔



گرٕ وٲتھ پیٚوٚ دوٚگو ڈٕنھتھے مکانک مسلہ۔ کتھٕ اسی کُل نٕر بیٚیے۔ فٲصل گوٚزِ
اکھ اکھ کٔٹھ گواکس نہٕ ترٛییُم گوٹانی مشترک لوٚٹانی الگ انتظام سیدہ۔ مۆ ہنیو تہٕ
کچن یکہ دوشوٚنی ہندس خرچس پیٹھ۔ شوٚنگن کٔٹھ منزہٕ ٹار موٚہنیوِ جائے الوٚرتہٕ
رتنی ژاری پننی پلوڈلوٚئ تہٕ ٹرنک سامانہٕ۔ پتہٕ ہٕنہٕ چیزن ترتیب دوان وۆن سرندرن
اسی چھِہ (MATURE) تہٕ یہ چھے جان کتھ۔ لڑایہ جگڑہ ورٲے سپزاسہِ اکھ سٔٹھاہ
مشکل کٲم سہل۔ رتنی اٚس ازجو شٔس منز ہش۔
ییٚنہٕ گرٕ ھن دٲلی یا پننی دوس آسو کھ اسی اپاری ییہہ ناوان مطلب پرن کتھِہ
سرندرس کُھتر درٛیٚہ۔

"لوکن چھا دکھ دیٚن تہٕ حقیقتھ کھٹتھ تھونٛ۔"
مگر اشتہارتہٕ ماچھہٕ شہرس بانٛگر نی۔

دُنی چندا وس صبح پیٹھہٕ روٗدمت ہیوہ۔ شہ آو تہٕ ہوٚٹھ پتھرس پیٹھ۔

اتھ دِتِن کلس تہٕ لوگ اُمش ژالہٕ تراوٕنہٕ۔

مےٚ دِلو ووٚن مہاراجھٹی۔ بہ مہارا ہیکہٕ نہٕ ووٚنی بیتہٕ رُوزِتھ، سرندر ناتھن سمجھوٗدِسہ۔ وُچھو، ژےٚ کیاہ فرق پیٚیی۔ کینژن دوہن چھِہ اُسی وُنہٕ ہیٚتی۔ پتہ گرٕ ژھکھ ژٕ اُسہِ منز ہے کانسہ سیتی۔ اِدِسا تہٕ میٚےٚ سیتی روزِکھہ ۔۔۔؟

رتنی پھیر تس بتھ۔ "ژٕ کیازہ نہٕ۔ بہ چھُسہٕ ووٚنی چوٚپنہِ لوت ژہ میلکھہٕ

"کتھ تراوُن اتی تہٕ ترٕاو پُرکُٹھ۔۔۔۔۔۔

سرندرن ترٚو پلنگس پیٚٹھ لمباسہٕ۔

انزاوس سُہ موکلُ ہیوٚہ۔ ووٚنی اوس نہٕ تس کانہہ تیٚز ژھلنس ژہ کتہ اوسکھ۔ سیٚین سوداکوٚنہٕ چھُسے تھوٚومت اُنتھِ۔ تسندین عادتن تہٕ نچی لسند ناپسند یا ولوہارس اوس نہٕ کانہہ کچھ پیشی کرن وٚول۔ تس اوس نہٕ کانہہ بنٚدان۔ سُہ ہیکہ ووٚنی اکھ شوٚد تہٕ ایماندار زندگی گزٲرتھ۔ یِ اَندرٕ تی نیٚبرٕ ۔۔۔ نہٕ چھُس اپزٕ وٕرتاونُک ضوٚرورتھ نہٕ بہانہٕ ژھانڈنُک۔ تمی بیلہٕ تِن سُمالم اوٚندلوٚکھ منا وتھ ہیچھے لوُوٚ یہ کوسہ سنا کمزوری اُسی تمس نال دلنتھ۔ رتنی تہٕ ہیکہ پانہٕ استادہ روزِتھ۔ خاطکر بیلہٕ نہٕ تھپہٕ ہنٕد ضوٚرورتھ آسہِ تہٕ تھپھ کری کیازِ النسان، سو تہٕ کرِپانسے بننہِ خاطرہ جاے حٲصل۔ زنانن ہنٕز آزادی تہٕ خود مختاری متعلق تگن سارِ نیٚے کتھ کرنہٕ ہاوتھ دِین گوالگ ۔۔۔ شامنس دٕنت بتہ دوہلوٚنی پہ ہِن پنہٕ ہِن کٹھِن منٚز۔ بتہٕ کھیٚتھ پییہ سرندرس وار یاہہ کاٚہ کڑے پھرک نیٚنڈرٕ۔ مگر رتنی اُسی ژٕیر ناٚنی انٚز یانہِ وٚول وٚول نارن۔



لگاہ دراو سرندر صبحٕ کٹھِس کلف دِتھ نہٕ توٚرہ آوٚ ترٕیہ دوہہ رتنی آیہ دِوٚہے چھٹی گرٕژھتھ سیوُدٕ ہے گرٕ۔۔۔ راٚنی وٚوٚد ترٕن دِلسُ نہٕ غٲرتن اجازتھ۔

گوڈہٕ سنٕے بیہ نہٕ کلفس کینٛہ۔ مگر ینہٕ برٛزٕ ھُن ہنجاری پاٹھُی دُنی چندس۔ دُنی چند اوٚس نہ پانہٕ تہٕ اتھ سنیوٚمُت۔ اوکنی دیُتس نہ کانٛہہ خاطر خاہ جواب۔ ژوٗرہی مہ دوہ پتہ آو ژیری راتھ کیٛت سرندرتہٕ ژاوٕ سیودُے کُنٛھ۔ سہ اوس اژانٕے تہٕ پتھٕے ترٛٲو ژنی سرندرن پھرُوس پتہٕ۔

یہ چھنہٕ وادہٕ۔ توٚہی ہیکوٚ نہٕ مےٚ ایکسپلینیشن ہنتھ۔

ژنی ڈاج یکدم کتھ۔

یہ آلیس بدل مطلبہٕ مےٚ آسہٕ دوٚہ نٕی کیس روپیہ پنٛداہ[15] ضوٚرور نتھ۔ فسٹس تانی......

سرندرن کیچہِ روپیہ تہٕ دژٕلنس۔ پتھٕے گوٚڈُن دُنی چندس آلو" تلا یہ دنہٕ مژھ پاوٗ بزتھ۔"

ژنی اُس بٔرنیران۔ تتی بیٛٹھ وٚونہٕ لنس۔ میون تجویز اوس یہ تھو ژٕ لگاہ کیتھ۔ ازچھ کانٛہی سیٛن رٕوٚمت...... مطلب لگاہ تہٕ کرو اُسی روشوے امہٕ خاطرٕ PAY تہٕ درایہ کتھٕ منزٕ بہ۔ سرندرن گٔڈ بیگہٕ منزٕ لوتل تے بیوٹھ ژاٹھ کوٹ کرتھ چارپایہ پیٛٹھ۔ مہ ہینوٕ داوٕن رژھی کھنڈی بزتھ مژھ بلیٹہٕ تہٕ تھوٚولس بروٚنھٕ کنہٕ۔

رژھی کھنڈی ترٛٲو ژنی بیٛہ اور۔

اُسی ہیکوٚ نا دوستن ہندی پاٹھی روزتھ سرندر! اے مین ایز فرنڈس (I MEAN AS FRIENDS)

سرندرس اوسن اچھن بار ہیوٚ تمت یوٚن تہٕ مُنی پھلین تانی ووٚ زچہ رانٛہ کھرمژ۔ سہ ووٚتھس۔

"کیازہ؟ کرایہ مکانہ چھنا بنان"؟

"تہٕ چھِنہٕ سوالِی وونۍ کیٚنہہ ہکہٕ نہٕ یہ ژُون چوٚن وُچھِتھ ـــــ"
ژےٚ نٔہ تمۍ دڈپےٚ نہٕ وُچھِن ؟ ژٕ تۍ اپوٗر۔
رتنی وٕژھ ٹھوٗد۔ بوتل ٹھون الماره منز تلِتھ تہٕ ترٲلوٗر۔
سرندر وٚوٗتھ تہٕ بوتل الماہٕ منز اٲنہٕ۔ سہٕ زٲن گو تتی چار پایہ پیٚٹھ وُلسی۔



دوہ ژٔلۍ گوٗ تر ہی۔ اتھ دوران اٲسی یم باتہٕ ڈُنی چندس حساب کرنہٕ وِزِ
یا باتھ رُم اژنہٕ نیبرٕ نہٕ وِزِ یا وُوزم ہیٚنہ دِنہٕ وِزِ سمکھان۔ یا اٲسی دروازہ ژٕ ترِنہٕ
دِنہٕ وِزِ وُزس منز ییٚہ کنہٕ سکول کالیج یا ریڈیو خبرِ پیٚٹھ تبصرہٕ کران تہٕ لبس۔
اکہ پھیرہ ذرایہ نہٕ رتنی پانژن ستن دوہن کھٹِہ نیبر ییہ۔ ماسٹر بابہ جوراہ
تہٕ وُچھِہ سریندرن اوراژان نیران۔ ڈُنی چندس پرژھِن تہٕ نِنیوس رتنی چھِہ
بیمار۔ امہ دوہ یہٕ ژاو کالیجہِ پیٚتھ اٲمی سنٛد کیٚنہہ اتہٕ وُچھِن رتنی بدلے حالنھاہ
گاشر۔ امس اوس شادی ییٚہ پانس پیوہ کھ کھوٗتمت۔ ڈُنی ین اوس ڈاکٹرس تہٕ
اوٚنمت تہٕ دواہ تہٕ۔ سہٕ ژاو تہٕ تس لنش ییٚنہ بجایہ گو کتابہٕ ریکس لنش۔ کتابہٕ اکس
ورق ورق پھران ووٗن نس۔
"پرسک لو سخہ ماہا ولیو تھ ڈاکٹرس"؟
رتنی وُولس۔ ڈاکٹر چھِہ پانے سوٗرے زانان۔ مگر اٲسہ پزہ نہٕ پرسچ
یا پرٲری سچ کنھ توٗ لوٗ تہٕ خاطرہ پیش کرنی۔ از گیہ از جی کتھ کرنی۔
سریندر لوٗگ ہے بنگہٕ ہیوہ زننہٕ لسں ہُنے متِس بھِس تہٕ سوٗ تے ٹرِ
شمکلہ وُچھِنہٕ۔
مگر دوس آسنہٕ کنی تہٕ پرژھے یہٕ ژے ضروٗر۔ پانسہٕ چھیہٕ؟ جواب
بوزنہٕ بروٚنھے کوٗ ڈتمی ڈُنی چندس آلو نہٕ یہ ہیٚرکی تہٕ یلاجکی تمام چیز انہٕ خاطرہٕ

کوٗرانس ہدایتھ تہٕ اتھس کیٚتھ روپیہ تھوکھ ڈرائو نیٚتھ کنٕ وُچھنہٕ ورآیی والِس۔
یہٕ سرِیندر رٕنُن کھٹہٕ توٚر تس آدنہٕ قرار۔ تمۍ اوس گوڈنچہ لٹہ رتنُن بتھ لوٚتاہ
کمزور وُچھمت۔ پانس تہِ باسیوس کوستانہٕ کمزوری بنیہٕ کلہٕ کڈان۔ کھاندرٕ
برونٹھم رتنہٕ تہِ پیٚیس یاد۔ مگر سیتی دٲزرِن کلس دِنہٕ نہ تشونگ۔



ژ۲ رنیتھ ہیتن گژھنی مگر نہ دراو سُرندرے تہٕ نہ دٲرایہ رتنتے اکہ دوہہ اوس
دونی چند چھٹی ہینہٕ گرٕ گومت۔ رتنی آیہ سوٚکولہٕ رجسٹر تارٕ ہیتھ۔ چائے کرٕن
پانے نہٕ سرِیندرس نہِ تیٲرن۔ سہ اوُس کوسہ تانٕی ناول پران۔ رتنی تھوٲنس
چائے برونہہ کنہِ تہٕ تمۍ تیٚج سوہ کتابہ کنٕ نظر تھوکھیہ تہٕ ہیوٚٹھ دام دام چینہِ۔
نہ وُچھن رتنی تہٕ نہ سوٚنچن یہ کمۍ آنٕز نہ تمی بناو۔ رتنی کوٚر یہ خوش۔ سوہ دوٚزتس
واریاہس کالس وُچھان نہ پنہٕنی لس اتھہٕ منز کتاب تہ ووٚنہ لس۔ "گوڈہ چیو
چائے شرمان"۔ ادہٕ ہیٚس نظر تہ گوتھوٚد دوتھتھ
"ژیٚیے کرتھہٕ چائے؟ کیازہِ؟ مگر ادِ دنی چند چھہ چھٹی ہیٚنٹھ"۔ رتنی ترٚوو
اسن کھنگالہ تہٕ دٲرایہ تہٕ اوٚنُن بتہ شیٚن۔ یتہ ترٕ سو ہینہ رجسٹری ہیٚتھ۔ دوٚپنس
"یمیتھ کرُم سامد۔ پرآنی پاکھی"۔
سرِیندرن دِتُس جواب۔ "پرآنی پاٹھی کیاہ گو؟ ازگیہ ازچ کتھ کرنی۔
"اچھا نہ ہمسایس نہ گژھہ نامد کرٕن"۔ تمہ دِژ کھی بیٹھ تہٕ ژھالہِ ترٲپور
چوکس منز۔ وُوتی آسس شانو پنیٹھہٕ لوٚن وزھمژ۔ سرِیندرس ہیژن وآنجہ
دُبرے گژھنی۔ سہ ووٚتھ وارٕ وارٕ تھوٚد نہ لوتہو پٲر لوٚژاو چوکس منز۔ بےخبری
منز ژھٕنُن رتی جمپر پیٹھہٕ کنہِ نتیِ گردنہِ موٗنی کرنتھ۔ رتنی گیہ رٕوزِتھ ہیٚش۔
کلہ پھیرنیے بنہٕ ــــــ سرِیندرن وُچھہ تس آسہ کنہٕ پھٹہٕ دوہ زلے مژ۔ پانس ہیٚتھ

کھوٗتس سنٛز شرارتھ ۔ لوٚت کھوٗرلوٚ پھیوٗر والِس ۔ سنٛز پچھتوون ۔ میٚنے کُس اتھ کوٚڈ یہ تہٕ پالنس تاز کوٚنہٕ رُودم ۔

رژھی کھنڈی ژاے رتنی اور تہٕ لبہ کٔنی پھیرتھ تہٕ ووٚدنی سرِیندرس کوٚرُن تھۄکنہِ نالہٕ موٚت ۔ پالنس ستی اوٚنُن تہٕ دِتِنُن بڈس پیٚٹھ دٲرتھ تہٕ پانہٕ بیٚٹھس پیٚٹھ ۔

سرِیندر زان تہٕ ژٔور کران اوٚس ۔ سُہ اوس تھوٚد ووٚتھنچ کوشش کران ۔ مگر رتنی ترٛوونہٕ ۔ لوٚتی ووٚننس ۔

"مے چھے تھوٗمژ لوٚبہٕ برس ہٲ لکل ۔"

"یہ بٔر تھود کتھ ـــــ دٲرم ـــــ سرِندرس پھسور یتیہ ۔"

رتنی کرٕ دارِ بر بند ـــــ اد آو سرِیندرس ژرنہ ۔

○

طلاقس گژھن دوٚن ژٔور وری تصدیق سپدمتس ۔ دوٚنی چندس گیہ یمے وری ژُو گرٕ متس ۔

○

سرِیندر ناتھ نہ رتنی ہنز اتھ کتھِ ولوٚ لوٚ سٹوٗری کنہِ نہ ۔ یہ فٲصلہٕ کرن چھُ مشکل ۔ تہٕ کیازِ ژرتھ عشقہ فسانس چھِ آسان ترٛیے کوٚنز یتھ چھِ ژٕ ہے ۔



سوھن لال کول

# وآران بہٕ



دوٕ ژٕ لۆگ میانہٕ جسمک پٔرتھ کانٛہہ جُدا گوٗمُت تان حرکتھ کرنہٕ، سڑکہٕ لارِ ژَرن ماز لٔشَن تام ژاوٕزوٗتہٕ لجہٕ اورٕ یورٕ ژھرتہٕ ژھرٹ کرٕتھ پنٕنٕ سرٕ سولوتھ پان ژھارنہٕ، تمن خونہٕ قطرن تام ژاوٕ زوٗیم اورٕ یورٕ چھکرنہٕ آمتہٕ اسی........

اکھ عجیب سماں گوٚو میانین نظرن تل پٲدٕ.......... پننس پرٛتھ وستہٕ خالس واتس گٔڈتھ لۆگ میانہٕ جسمک پٔرتھ کانٛہہ تان، خونہٕ قطرن تہٕ ماز لٔشن مانڈنہٕ تہٕ پنٕنٕ وجود ژھارنہٕ........ اتھ بجہٕ تار کول سڑکہٕ پیٹھٕ اسی گھَے گھَے بیتھی ہوی حادثہ تہٕ سپدان روزان۔ یہ سڑک کٲژاہ ظالم چھہ... ...یہ اوٚسس بہٕ پنٕنٕ تانہٕ تانہٕ گومت جسمہٕ وچھان تہٕ سوچان........ زِ از اُمس میانی وآری اتھ بنِہِ ہے۔ نہ کینہہ تہٕ........ یمہِ وقتہٕ سوٗبٕڈ گاڑی آیہِ بہٕ اوٚسس بلکل حسین منز........ تتھ بجہٕ گاڑِ منٛز آسہٕ لٔژھہِ ہندی پانٛڑھی سوارِ، یمہِ زن یہ میون جسمہِ مونٛڈ تہٕ ژٕرہ ژٕرہ کورن........ بہٕ ڈولُس نہٕ اورٕ یورٕ تہٕ نہ کرٕم کانٛہہ وُترٕہ داژھ ہے۔

میہ اُمس پتہٕ زٕمے چھُہ اتھ تل گژھُن۔ یہ اُمس اکھ عجیب کیفیت یتھ نہ بہٕ کانٛہہ ناو چھُس ہیکان دِتھ۔ تمہِ وزِ زَن لوٗرکٕ تام کٲرِتھ نٲگ

میانِہِن ہاڑِہِن ...... تہٕ تیٚسی کالس اوٚس میون جسم گاڑِہ ہِندلو بڑلوٚ ٹارد سیٚتی مانڈنہٕ آمُت ..... گاڑِ گیہ زن پکھن دوٚن ٹاس دِتھ۔ چھہ کیٚتھ امہِ گاڑِہ ہِندِس سنگدِل ڈرائیورلِس نہ سڑکہِ کُن نظر چھہ آسان؟ .... گوڑہ نِس تہٕ کُس راہ چھُہ۔ سوارِہِن ہِند شور وشر آسہِ تِس تہٕ پریشان کران۔ تِس کتہِ آسن پتہٕ مغز روزان ....... بہ اوسُس یِی سونچان تہٕ ییٚنہِن جُداگامتِہِن تانن وُچھان ...... میانِہِن رگن ہِند باندِ گومُت رتھ تہٕ ہیوٚتُن وارہ وارہ پشِنُن تہٕ ساری سڑک گیہ رنہٕ دٲوی ــــــ ییٚنِس بڈس چوکس منز اوٚس نہٕ کانٛسہ تہٕ یہِ فکر زِ اکِہ جسمکی الگ الگ کامتِ تان کوت چھہ گژھان ...... یمن کرِہے کانٛہہ رہبری۔ ہمدردی سان تھاوی ہیٚکھ اتھ پیٚٹھ۔ کانٛہہ تہٕ اوسُس نہٕ اسہِ کُن توجہ دِوان۔ زن تہِ کٲنٛہہ گوٚ نہٕ ...... یِم خود غرض لوکھ کوٚنہٕ یہِ سونچان زِ یہِ گاڑِ ماکرِ یمہِ شہر کِس پرتھ فردس سیٚتی لیوٚ ہے سو لوکھ ..... تہٕ یہِ شہر ماگژِھ خالی ...... کانٛہہ کوٚنہٕ امہِ گاڑِہ ہِند نمبر نوٹ کران ..... بہ اوسُس ییٚنہِ جسمکین جُداگامتِن تانن وُچھان۔ یِم کھکھرہ پان لینٛھ وان لتھ وان برونٛہہ لیکان آسی ــــــ میٚنے اوٚس اکھ عجیب وَنن گامُت۔ دم پھٹی جاناوار سِندی پاٹھ زن آسی میانی ساری لفظ زن تہِ بے مانے..... میانی زبان زن آسی بدلے ــــــ یوسہٕ نہٕ میانِہِن یِمن جُداگامتِہِن تانن لِعار کانٛہہ تہِ سمجھان اوٚس۔ منز ہے کانٛسہ الِغا بہ نظر پیٚئہ ہے سہ اوٚس اسناہ تراوان شاید میانہِ نادانی پیٹھ۔ زن وٲتہ چھُم نہٕ پکُن توٚگمُت ــــــ میانی یِم ساری تان آسی وونی برونٛہہ لیکان۔ خبر کیازہ اوٚس اسہِ شرم گژھان۔ کلہٕ لوٚن کُن ژھینتھ اوٚس پرتھ کانٛہہ حصہٕ سڑکہِ منزہ گندہٕ نالہ پھٹان۔ گندگی منز لیکان۔ وونی شاید یی غذا ییٚژھان شاہن ہِندس

چوٗکٲٹھس منز آسہٕ پیتہٕ سپدان . دوٗنۍ وٲتۍ یم سٲرۍ حصہ لال چوک ـــــ بٹیس
پیٹھہٕ کھڑاپلہٕ دول اوٗس اتھوسیتۍ سائیڈ ہادتھ پننہٕ آسنک باس دِوان، مگر سپدان
کیاہ اوٗس شائد اوٗس نہٕ زانان یا زانان تے آسہٕ ہے گوٚش اوٗس دوان . مےٚ اٚس
اٚمِس پلسہ وٲلس پیٹھ نظر . اٚمہ سنزن نرٕن ہند حرکتھ وُچھتھ کیازہ آم اُچھ منز اوٗش .
چھُپہ کیٛوتھہ یہ پلسہٕ دول ـــــ سٲری تان آیہ اہندس اتھہ سیمٹھ چوترس
دلنہٕ ہوی ـــــ میانہٕ رہبری منز اٚسۍ یم سٲری اتھہ ہیٚور، پچ وننہٕ لبان . یہٕ
اوٗسس دوٗنۍ اَمِہ تارکوال سٹرکہٕ ہندِ ہنگامہٕ لشہِ جٕن تیٛرھان ـــــ واریاہس
کالس رٚوز کشمکش جٲرۍ . چھلِہ چھلہٕ پان کرٕتھ تہٕ کیاہ ہیکہ ؟ ـــــ
یہ گومے زندگی منز گوڈنچہ لٹہٕ احساس ........ پان ژومردو تہٕ روٗدۍ اتی لس
ـــــ امہٕ دوہہ ہیوہ چھےٚ مے واریاہ کیٛشہ . یم بہٕ زانہٕ یکھ تم تہِ اٚسۍ نہ مےٚ نکھہٕ
الوان . زن اٚسس رشتن ہنز ہالکل ژھنی مژٕ نہٕ لوٚ اوٗسس صرف چھلِہ چھلِہ
گومت وُجود ـــــ اپاری اٚسی وار ہاہ سرد . فیشن ایبل کورہ لڑکہٕ تہٕ زنانہٕ
لپکان مگر چیٛپۍ کسَ اٚسس ـــــ شائد اوٗس نہ یمِن علم زِ اکھ اکھ چھُ اکھ
بجہِ ہ ڈہ نل تُرھان روزان ـــــ اپاری یہِ سٹرکہٕ ہندی حادآسے آسی
مچھن، ہیپ یا کران تھوٗڈ نلان تہٕ ماران، لیسٹ ٹی اٚسی دوہکی پاٹھی ازتہِ خریدارن
پراران ـــــ میون دوس حلیم اوٗس ڈیکی پاٹھی دفترہ منز نیرتھ ماچس ژھاران . شائد
پیٛیس نہ مے کنۍ نظر . بیمیر نہِ ہے آسہس تہٕ کرٕ ہے کیاہ ؟ وُنہِ اٚسی میانہِ جسمکی سٲری تان
اٚتی لس ژھرٹہٕ ژھرٹ کران . گٹہٕ آلیس گنان مگر شہرس کتہ چھُ دانہِ گوٚٹ ـــــ شائد اَمی
لِٹہٕ تیلیہ گاڈی چھُ لوان ...... خبر کیازہ ووتھ مے ٹھینچہ اوٗش . کاڈ کوڈم تہٕ ترودم چوکس
منز ـــــ زن تہِ آو اکھ صفال شے اتھہ سٲرسی شہرس پیٹھ وہراونہٕ . مے ڈز سٹھاہ
تھزرہٕ پیٹھہ نین یمِن حسن کنۍ نظر تہٕ یم اٚسی وتہِ یکن والین ہندین بتھن منز ین بتھ
ژھاران .

شمس الدین شمیم

# وچھس تل مزار



ترِم ترٛے، حصہ اُمتی زِ کُٹھ تہ سو لیس ووہ ژ بننی تہٕ پردٕ ژھاران، اندی اندی گتھ کران۔ مگر سو ووہ ژ اَکِس زِ بنے متی۔ اکھ اَڈجہ کرنز تہ مٔیٛرہ بنہٕ سیتی مٔیٛراتہٕ بیا کھتا لوس لنش مُدے گنڈتھ لوٗن کُن وچھان۔

آ ـــــ ترِم ترٛیٚے، یندر، گرٛیہ تہٕ بٔہ ـــ نہ نہ ـــ سو نہٕ سو لوٗت کالج مسول تہ حصہ اُمتی زِ کُٹھ، ترٛیٚے لوٗژ زِ لوٗیہ آ ـــــ ترِم ترٛیٚے تہٕ ہچوٗن ہیرٛن پنٛٹھ لیسہ ژل قران نہ سوٗ تہٕ ژھ یاری انہٕ گیہٕ، محلہ محلچہٕ اَچھی آشناون ہندی ٹھانٹہٕ روٗستے اُس، کُنہٕ نہٕ بنٛن کانٛہہ زن سوٗر بے کائینات موٗنہ کِس ہٕری وآلس لوٗن ووہ تمُت، صرف یندر گرٛیہٕ، شُپ حصہ آمتی زِ کُٹھ ترٛیٚے لوٗژہ، زِ لوٗیہ تہٕ سوٗ، پتہ برونٛٹھ نہ کانٛہہ، صرف اکھ تصورٕ لیس لکن ہندِ ین گرن منز توٗمل ژھٹان پنہٕ نِس ناٹھس تہٕ اَتھ ژرامتہٕ شیچہ توٗملہ لوٗہ منز نظر گژھان، اکھ تصور تہ توٗملہ لوٗ۔ خالق جو۔ خالقن خالق ـــ آلس اوٗس یاد پیوان، سہ اوس تمی سنٛز مٔیٛر بنہٕ ہند ڈیکہٕ، سرتاج سرن سرپوٗش، سیاہ پٔیر وجودس وٗرن۔ مگر وکھ گوژلہٕ دٕن ہوا، سہ چھنہ کانٛسہ ہند، تس تہٕ پییہ کلی تنکی پاٹھی مٔیٛر بنہٕ ہٕرتھ۔ سہ ژراو کوٗنت تام کُن تہٕ سہ روٗزِس لوٗسمٕ وچھنمو سوال کران، ترٛبن لوٗژن تہ دوٗن

لۆٹِپِن مُدٕ سے گنڈِتھ وچھان، مگر اندی بکھی نہٕ کاہتہ پنُن تہٕ پرُد، ژٕ پاٹھی انہٕ گوٹ تہٕ اتھہ ظلماتس منٛز محلٕ محلہ نارٕ ژاگی ہشہ دزوِنہٕ اچھِ زوٗتان۔ آشناون ہندی وُنتھے اُس، لیدری دِنڈ ٹیچھ کتھ، مگر توتہ ہیوتُن یندرس کرِچ کرِچ کرِچ گژھُن شپس ژھٹن تہٕ گرنٹس گرِ گرِ گژھُن، میثرِ ینچن لجہٕ ہٹہٕ کھسنہٕ تہٕ لوکچین لوکچین... پیٛرِ ژن ہیٛچھِ لگی لیسرنِ قرانن ہندی ورکھہ اوٕر لیوٕر پھرنہٕ تہٕ شور گوگژزان۔

یندرکُ کرِچ کرِچ کرِچ گو کنن گژھان

گرٛیٹکُ گرِگرِ۔ گرِ گرِ گو لبن اژان

شپیکُ شہو شہو شہو گو دِوتلان تہ لوٗڈان۔

یاجبارُ، یاغفار، یارزاق یارحیم گو فقہس سینہ ژٹان تہ لوکچین پیرِ ژن پیٛٹھ عمہ سپارہ ہندِ ژن ورقن پیٛٹھ گیہ نیٛچہ نیٛچہ میٛثرہ تچہ پھیران۔ آفتاب گو بٹراژ سیتی ژٕ درہِ ژھیپہ گنڈان نہ وکھہ روٗد ہتھ پیٛٹھیہ اوٗش دگہِ ہندی پاٹھی ژلان۔ ژلان تس نٔے بہِ ناکھ ٹنگس ٹنگہٕ ہٹ۔ نبس کھوٚت اوٗبر میٛثرِ لگس چاکھ تہٕ گینہٕ کھرِ س، سونت کھیوس ہرِدن تہٕ کرِ ہنس ہٹس اوٹ زن، مگر مگر توتہٕ روٗد گژ ہیٹہ گریزان، یندرِ نٹران شپ ژھٹان، عمہ سپارہ ہندی ورکھہ اوٕر لیوٕر کران تہ تمسندی میٛثرِ ینچہ روٗدی ترٛ[3] ژن لوٗژن تہہ کران تہٕ دوٚ[2] ن لوٹسِن لال جران۔ کیاہ تام آش اُسس تہٕ سو روٗز ژلولنسِ وکھس سیتی پکن والین سیتی پدک رلاوان، زنگہٕ نرِ تہٕ زنگ واٹان تہٕ لپکان، کنن طعنہٕ ہزل تہ میٛثرہ ینچن ہٹہٕ کھسان تہٕ پتہ بیٛلہ وار باہ وکھہ گو، موچھِ منٛز نیر تھٕ اکہِ دوہہ گو کنن وِنہٕ دوٚن، ترٛ[3] ژن لوٗژن ہندٕ ین میٛثرہ ینچن پھیور سو رخیار، شوٗرنی شوٗرنی سیٛد تہ تمہِ کھالی ترٛ[3] ین لوٗژن لوٗشی لوٗش تہٕ کیاہ تام آش اُسس، توے جرِن دوٚ[2] ن لوٹسِن لال تہٕ لاگی نکھہ لوٗشہٕ گنڈی تہٕ لشیو مُت گرٛیٹہ گو گژزان

بُڈہ ینٛدرٕ گوٗشران تہٕ تھوٗ کمُت شوٗپ رۄد ژھٹان، تریٚبے پۆژہ دٕرایہ تہٕ نِہ پۆژہ
ژایہ، پۆشے پۆش، رنگے رنگ، عطرٕ عطر — مگر — مگر کیاہ تس سپد تمہ دوہ یہ
یہ تجربہ زاکھ مٔشرہ پنجہ چھُنہٕ دۄہمیکُ، ییٚلہ تس اوٚل آمژ اکھ پۆژ، دکہ دِتھ لۆٹِ پ
ہیٚتھ ژٕجیٚ، مے دٕژایہ لۆٹہ تھپ — نہ — نہ — میٚہے نہ تمہ دٕژ آیہ لۆٹہ پہ
تھپ — مگر تۆرہ آیس ہیٚس لِتھ۔ اوٗش بکہ پھٹس، بتس پھیوٗرس زرد یار
تہٕ بٔڈِ ہینٛدرس پھٹ ژکر، تمہِ کرٕ ئیس تھپھ دۄر ژ ولُن تہٕ دگ شوٗپرن۔
تس اوس بُڈہ ینٛدرٕ تھلہِ تھلہِ وچھان تہٕ کیاہ تام ونان مگر سو آس کنن تھٔپ دِتھ
دوہ نٕ اکِس پۆژِ تہٕ اکِس لۆٹہ اکثر لۆسہٕ مٔشرٕ اچھو وُچھان تہٕ تمن پھو چمٔژ ونرلو
تہہ کران، شیران نہ سنبھالان — مگر کُس چھُ گالنہِ ہند کُس چھے
گالنہ ہُنز دٔادی کانگر، سُورے اپز۔ اتہِ لُس مٔشرہ بنہٕ پلان سہ کھوان بیٔس
مٔشرہ بنہٕ ہنز مٔشرِ تہٕ لِپکان، مے گوٗتِ — نہ نہ — مے نہ — تس بچارہ گوٗتِ
تہٕ اکہِ دوہ ژس دوہیم پۆژِ تہٕ لۆٹِ ہیٚتھ۔ سٹھاہ گرِیہہ کرٕ لوٗن، مگر لۆٹہ پٕ دٔزلس
نہ اکھ لۆت لفظ تہٕ — تہٕ بٔیہ سپد اندٕ یکٕ انہ گوٹ، سو ہٕیٚرن حصہ آمیٚتین
[2] دوٗن کھٔٹن منٛز ہنا کھوٗژ ز تہٕ، مگر لۆ تہٕ اوس وُنہِ اتہٕ پنن کانہہ کانہہ
باسان، دوہ نٕ اوس بُڈہ ینٛدرٕ صرف وُچھان، سہ اوس نہ ژران، تس اوس
بجر آمُت تہٕ ژٕکرِ تہٕ پھو ٹمُت اما پوز پشلیوٗمُت تہٕ شاٗ لنہِ لد گرییہِ تہٕ نفو کمُت
شوٗپ اوس وُنہِ تس حوصلہ کران نہٕ بٔیہ گوٹکہ ناٗرن دٕرسہ دِتھ گرنٛیک گرٕ گرٕ
لبن اژان تہٕ شوٗپیک شہو شہو دوتلان تہٕ بوڈان — مگر — مگر کربلا کہِ
دوہ یہ ژٕھ شوٗپس تہٕ لبتہٕ تہٕ کانٛہِ گیس اُدرٕ کھل، تمہِ اتھو شوٗپِ شیرن وول،
مگر تھکیٚ ہیتس شوٗپس آسہ کانہہ بوٗن بیوٗن گامٔشرہ تہٕ لبتہٕ کھل آس البچتہٕ
چیمٔز۔ شوٗپ شیرن واٗلی ژہنی دندس تل اونٛگج تہٕ دٕراو۔ تمہ ترٕ وو وش

ته بیٚون بیٚون گو مُت ته تھوٚکمُت شوٗپ ترٛوٚون بُڈہ ئینٛدرس نِش ته لیٛج وَدنہٕ
اُدرہ اوُس بُڈہ ئینٛدرٕ ته تھوٚکمُت شوٗپ وَدان ته لوٗرہ اُسس ہیٚ ــــ ننہ
لوٗرٕ اُسس سو لوٗو ته وَدان، تِمہ سپارن ہنٛز پیٛرٕ اُسہٕ اُکس کوٗلس مَنٛز پھٹہ
پھٕرانہ تنٛدلہِ ژکھیٛرہ ته شہلیو مُت گرٛیٹھ ادس تس دِلاسہٕ دِوان، تِمہ وِو تھرٛتو
اڈش ته ٹ لنشہٕ لدگرٛیٹھ لوگ ڈو کھرڈھ کھردنہٕ ــــ مگر میٛے اُس وونی ــــ
ننہ میٛے اُس نہ ۔ تس اُس وونی ہلِس دگ کران ته سو اُس نہ گرٛیٹھ
چلاوتھ ہیکان۔ تس اُس ناگہ لوٗٹھ ژلنہٕ وِزہِ ہلس لنٛھ لاکھیٛر ــــ ۔ اکہ دوہہ
ییٛہ تس سیٹھاہ دگ کرن ۔ سو گیہ بُڈہٕ ئینٛدرس ٹ لنشہ لدگرٛیٹس ته بیٚون
بیٚون گمتِس شولیس اجازتھ ہیتھ ہسپتال، ہمساین منٛز اُسس گٹہِ منٛز
گاش اکھ لل دیدہ اسپتال ستی۔ تِمہِ ہوٚو ہوٗل تتہِ ته ڈاکٹر صابن ژھنٛی دندس
تل اَمنگیج ته ڈوٚن لنس ۔

"خدا اگر شفا دِیہِ سۓ چھے یلاج"۔ تس ہیوٚ شوٗپ شیرن وۄل یاد، ته
سو آیہ لوٗرہ پھوٚکمُتو کوٗٹھو ته لیٛج بُڈہٕ ئینٛدرس ٹ لنشہ لدگرٛیٹس ته بیٚون بیٚون
گامتِس ته تھکیٛمتِس شولیس کنٛ ونہٕ ۔

میانہٕ ئینٛدرا، ژ ییٛے چھٹے ژکرٕ، میون لوٗٹھ شوٗپ گو بیٚون بیٚون گرٛیٹس
کھٔژتھ لنش، بڈلوٗ ته پشلیوٚو ته مے چھیٛہ کوٗ ستام لایلاج بیماری ہلس، ــــ
کو سہ تام لایلاج بُڈ بیماری۔ لو سہ ہیا تِمہ دوہہ لوٗبہ تھچھ دِوان لتھ میٛے ہلسِ
آیہ، تتھ چھیٛہ کوٗ ستام بُڈ لایلاج بیماری نیٛمر۔ خار وونی تھکیٛ اُسی۔ ڈلیوو ونی
تراوٗو نیٛنٛدراہ ۔ دوہ نی گیہ اُسی انکار ــــ نر آدِو ــــ نیٛندرا ــــ دیلوہٕ کنہِ
دوہہ ملکی موٗت خبر ییہ ته اُسہِ ژھنن نہٕ بر ــــ"

سو اُس یہ ونان وَدان ته اوٚش اُسس سو کنُی ہمسایہ لل دیٚد۔

وۄتھران تہٕ پتہٕ کیٚنژھ کال گژھی تھۍۅ از صبحن وُنی ژہیہٕ برونہہ برونہہ وۄتھ محلس منز شور زٕ زۄن دۍ۪دمو کلے ییہٕ۔ مگر کامِ لسہ ماپتاہ بہٕ چھس زۄن دیہ، تہٕ پتس کالس مرتھ چھس زندہ گامُت۔ وۄنی چھم وٕلی وٕلی میو حصہ آمتیو وکھٹیو منزہ نیرُن، بہٕ چھس وُنکین نالوس لش وآژمُت، میانہ ترٚییے پۆشہٕ تہٕ زٕ لۆپہ تہٕ ہنزہٕ زٕ پۆشہ چھےٚ ونکیٚن میانہِ مٔشرہ بنہ اندۍ اندۍ تھپہٕ تھپ کران، کرٕ ٹکہٕ دوان، سوٗرے آپز۔ دنیاہ وہوس، ہاں یموٚ ژھن میون لۆٹھ یٔندر، گرٕ یٹہ تہٕ شوٗپ نہٚبر آنگنس کُن۔ کیاہ کرن جایہ تنگی چھکھ نا ــــــ خارمے کیاہ میانہ شانٔشہ لدگرٕ ٹیکٕ اُکٕ لوگکھ آب وۄشناونس ــــــ وۄلہ باپانہٕ ژیر گوٚیم چھی میانی تہٕ بہٕ چھس ہنز ــــــ وۄلہ بہٕ وُچھن، یٔندر، گرٕ یٹہ تہٕ شوٗپ تہٕ نیرہٕ زیٹھس سفرس کُن یمِن ترٕ ژن ہنٛد دۄد للہ وان للہ وان ژۄرٕ تھوٗی تھوٗی تِ چھنہٕ اصل کتھ ژۄرِ روزان۔



علی محمد لون

# شُنۍ



وَسِے کیوٗم ! بےٚ انت ۔ وُسی تہٕ دوٗہہ پتہٕ دوٗہہ زیٚٹھہٕ ون وَسے کیوٗم !
یہ وَسے کیوٗم چھُنہٕ زمینہٕ پیٚٹھ خلا ہس منٛز کہیٚ بٔلکہٕ میانِس دِلس تہٕ دِماغس منٛز
پاٚد گوٚمُت ۔ سو شُنۍ یوٚسہٕ نہٕ زانہہ پُرٕ ہیوٚنہٕ ییِ ۔

ڈُہک تہٕ لاتنکُ چکر ۔

اکھ بے ماے چیٚزا ۔

دوٚہ پھوٚل گاش آو ۔

شام سپُد ۔ تہٕ راتھ آیہ ۔

دوٚہہ تہِ گو، راتھ تہِ موٚکلیہ ۔ اَدٕ میٚے کیاہ ؟ میٚے یٚیلہٕ تہٕ کُنہٕ پیٚٹھ سوٚچنی
چھُس لگان ؟

بہٕ چھُس نہٕ اَندرٕ ہوٚل یا انٹروٗٔرٹ ۔ مگر دوستن یارن چھِے شکایتھ زِ بہٕ
چھُس تکیازہ میٚے چھُنہٕ تِہِندی پاٹھی کیٚنہہ لگان کرنہٕ ۔

انٹروورٹ !

اتھ القابس پیٚٹھ چھُ میٚے اَسُن یوان ۔ اَسُن نہٕ، بس لوٗزی تو یوان ووٚٹھ
کٔمہٕ جاراہ ہیوٚو ! مگر تو تہٕ چھُس لوٗزِ تھوٚو یہ دم کٔرتھ بہان ۔ یٚیلہٕ نہٕ کیٚنہہ تِچ کرنی ۔

ژھوپہ دم کرلس کیاہ چاےٚ چھ؟
انگن اُمۍ شناوَن مٔنز تہٕ چھے یہ شوۄے عام کأشرِ زٕ لو چھُس ہنہ کینٛہہ اکھ کنھاہ کران۔

"یہ گوو کاہٕ جارٕ ژٕھٹی فتوا دِوان۔

"یہ گیہ نخوت ۔ کُنٛسی لُٹہ کران۔

عقل بٔیلہ نہ کمالس وَاتہِ، کینٛہہ چھے پانٕۓ ژھوکان، اڑِ پرادوس ونان تہ یمن سارنے کتھن ہنٛد جواب ڈُھنڈ کمُجارہ ستی دوان۔ اَمہِ کنہِ نہ زِ یہ چھُس یمن کتھن پیٹھ طنز کرُن تیٚر ھان، بٔلکہ اِوکنی تکیازہ مےٚ چھنہٕ پننہٕ ژھوپہ ہنٛد کاہنہ تہِ جواز مولوم۔ دوۄزِ گو یہ وَے کیوٚم اَتھ کیاہ کرِ؟ یہ چھُم دوہ ہہ پتہ دوہ ہہ پھہلان۔ واش کڈان، تیوت زِ باضے چھُ مےٚ یہ سوٗرے کأئنات اتھ مٔنز اکھ اُکھٕم ہیوٗ باسان۔ تمہٕ خوتہ نہِ تہٕ کم کُس زانہ؟ اتھ کیفی تیٚر کیاہ وُنی زِ؟

از چھُ رود پیوان، سورے ماحول چھُ تر نیومت۔ لکو چھےٚ لُش شرأیٹہ کچھہ ہٕترہ تہٕ سوٗڈھ لأگتھ چھُ لکان، مگر میون یہ وَے کیوٚم کاہنہ تہٕ اثر قوبول کران۔ سردی گرمی چاہنے سوٗ اندرم اُسی تن یا نیبرِم، چھنہٕ اتھ کاہنہ فرکتھ دوان۔

بٔیلہ نہ دیماغس مٔنز کاہنہ جذبہ آسہِ۔ فطرتکی یم رنگا رنگی اظہار کیاہ کرن؟ وَے کیوٚمس کیاہ بنِہ؟ یہ روزہ تتہِ تِھتے بےحس، بے زوٗ، بے حرکتھ! تہی وُنی تووجودک مقصد کیاہ چھُ؟ بہ کیا زِ چھُس؟ نہٕ کیازہ چھُس نہ؟

ساسہٕ واد کتابہ
ہتہٕ واد فلسفہ پرِنہٕ پتہٕ دراو میانہِ اَمہِ سوٗالک جواب۔
مےٚ ژھنڈی دِنی یہک ساری مذہب، ساری نظریہ۔

مگر میون سوال رُوُد تۄ تہِ جوابس پراران ۔

بہ وُوتس نہٕ کُنہِ نتیجس پیٹھ ۔

ادٕ سے چھُم باسان پنُن پان ، پنُن آسُن ، پنُن وُجود بے مصرف ، بے مقصد تہٕ بے جان ۔ آلوٗ میٹن یا رباط تہِ چھُ اکھ مقصد تھوان ۔ سُہ تہِ چھُ اکہ مقصدٕ باپتھ گرنہٕ یوان ۔ تہ سُہ چھُ سُہ مقصد پورٕ تہ کران ۔ بہ کیاہ چھُس ، کیا زہ چھُس ؟ رباط کُنہِ انسان ؟ بہ تورم نہٕ زانہہ تہِ فکرہ !

لکن گژھان ہالنکلہٕ نالی ۔ کاروبارٕ چہ ہالنکلہٕ شرین باٹزن ہنز ہالنکلہٕ ۔ سماجچہ ہالنکلہٕ ۔ نہ نیمی ہالنکلن شرفاے دگرٕ ھنتھ تم خرسندی یاٹھی کن من وُٹھتھ زندگی ہنزہ وَتہِ ڈوٗ چرٕ دوان ۔ تہ آخر واتان کُنہٕ انجامس ۔ مگر میٔے کیاہ گوٚ ؟ بہٕ تہ چھُس یمن ہالنکلن ہند قیدی ؟ تو تہِ کیازہ میٔے پنُن پان یِمو لشہِ آزاد بہٕون بہٕون نہٕ کُن زوٚن یاسان ؟ یِموٚ ہالنکلو وراے نہِ چھا کانہہ زندہ روزان ؟

صُبحن دفتر گژھن ، شامس واپس ین ۔ بتہٕ کھیوٚن ۔ ریڈیو لوٗزن ۔ اخبار پرٕن ۔ نونس تیلس تہٕ دوہ دس ہاکس حساب لوٗزن ۔ انشورنس ، جی پی فنڈ ، انکم ٹیکس ، مکانہٕ کرایہِ ، مرٕن ، زیٔون ، شادی غمی ، سارنے نیاین تن دِتھ تہِ چھُ میٔے پنُن پان یتو تھ آزاد کُن تہٕ بے گنڈ باسان ۔ زِ میٔے چھُ جیرٕ یوان خود اسیہ سندس وُجودس پیٹھ ۔ یٔژھ نہٕ آسنہٕ پتہٕ تہِ چھُے میٔے ژلان کُنہٕ ونِ دژھ وأنجہ کرکہٕ نیر تھ ۔

اوہ مائے گاڈ !

حال حالی آوٕ میٔے اکھ حادثہٕ پیش بہ پوٚس راتھ کیٛو تھ سائیکلہ پیٹھہٕ وٕسی ۔ میٔے ژٕج امہِ ونٕ تہِ کرکھ نیر تھ ۔

" اوہ مائے گاڈ !

مگر یُتھے بوٗلوکو تھود تُلُس۔ بےٚ اوس نہٕ دِلس منٛز کانٛہہ جذبہ موجود۔ نہ خوفک تہٕ وسواسک تہٕ نہٕ ایڈونچرُک۔ ہسپتالس منٛز ییٚلہِ بہ سکرینک پلانٹس پیٹھہ بٕرٛونٛہہ کُن آس تہٕ ڈاکٹرن کوڈ میانہٕ جِسکہ لِد نٔبرِ واش۔ مےٚ زٕچہ کریکھ نیرتھ صرف جسمٲنی تکلیفہِ کِنی تہٕ نالہٕ پیٹھہ کھوٚرن تام زٕخم عارفہ زُھٹھ نیرتھ۔

ڈاکٹرس خبر کیاہ آو بوٗزنہٕ۔ تس ژایہِ اتھس نٕنھ تہٕ پریشان گژھتھ ووٚنن زِ شایدچھہ فریکچر۔ مےٚ آو ڈاکٹرسٕنز پریشٲنی پیٹھہ اسُن سہٕ گوٚ عارٲن تنٛیلہِ بہ اکس رےٚ مشینہِ ہندِس میزس کھوٚژہِس تہٕ مےٚ آو نٔبرِ واش کڈنہٕ۔ مےٚ زٕچہ بیہِ کرِتھ نیرتھ۔ ڈاکٹرن ووٚن کھوٚژہِ کھوٚژہِ۔

"مےٚ چھہ باسان فریکچر چھُہ۔"

"بس نہٕ؟"

مےٚ ژٕول اسُن کھنگالہٕ نیرتھ۔ ڈاکٹر دوٚد دوٚنی تہٕ ووٚنُن۔

"جناب عٲلی، توٚہہ کیاہ چھُہ یہ مذاقاہ ہیوٚ باسان؟ یِمن اُڈِی جن داٹھ لگہٕ تِس لگہٕ نےٚ کَم سےٚ کَم ترہ رٕتھ۔

"صرف ترےٚ رٕتھ؟ چہ چہ چہ!"

بہ سَپدُس یہ بوٗزِتھ خبر کیا زہ موٗلوٗس۔ ڈاکٹرن سور مےٚ کلس تہٕ پرٛژھُن۔

توٚہہ ما چھےٚ ہیڈ انجیری تہٕ؟

مےٚ کٔر دوٚنی ژھوپہ۔ تس چاٗرس کیاہ وَنہِ ہا۔ زِکلس لگہِ ہاتیٚلی ییٚلہِ اَتھ منٛز سوٗنچنک مادٕ آسہٕ ہےٚ۔ ژھرہ کلہٕ ہیرہ کتہِ چھُہ زخم لیوان۔

اکس رےٚ فلم وُچھتھ گوٚس بہ زیادے موٗلوٗس۔ ژٕرِ ہنٛزہ اڈٕجہ آسہٕ ژٕلی کٕل ٹھیکھ۔ ڈاکٹر اوس خوش تہٕ کٔر دوٚن انگریزی پاٹھی۔

"یوٗ آر وبری لکی۔ تھینک یوٗر سٹارز۔"

اُف ہوا۔

اکھ موقہ آیو زندگی منز۔ دوہ ہہ دہن کہ چکر لگہِ بُدون ہیوہ، مگر میانہِ بدقسمتی
کنہ گوئیتہِ اکھہِ نٔرِ پلاسٹرس قاد تھوٗنہِ۔ ہسپتال کِس صاف شفاف، سفید سفید
تہِ وُشہِ لِس وُشہ لس بسترس پیٹھ لر تراونہِ چھپہ اکھ رُومان الیُس نہ میانہِ نصیبہ اوس
تہِ یہ چھپر ڈاکٹر دنان۔

"ریلی لُو آر ویری لکی۔ آے کُن گرے چولیٹ لو"

ہُسنہ! ایڈییٹ!!

لیکن آسان دیٹھے کنہِ چیزٕ رچ، کنہِ مادی چیزٕ رچ کمی۔ تمہ چیزٕ قولو ہس منز
انان انان موکلان تمن شونٹھہ ہش زندگی۔ مگر ہٹے چھُنہ کنہ قسمچ مادی دیٹھ ہے،
کانہہ امہِ قسمک تٔھرہہ ہٹے چھُنے أندری دیٹھ ہے۔ مے چھُنہ دلس کانہہ جذبہ،
کُنہ قسمک نہِ، خوفک خوشی ہند غمک، رومانک۔ موحبتک نفرتک۔

گاٹلی دپان اِنسان چھُنہ صرف ہاکھ بتہ کھیتھ زندہ روزان۔ ہاکھ بتہ تہ
ترلیش تہِ ہوا، یم چھِ انسٕنی جسمس زندٕ تھوان۔ مگر انٔسی کایہ منز چھُ بیہ کیاہتام
آسان۔ یتھ بدلہِ بدلہِ تہ رنگا رنگ غذا دٲتِن گژھہِ۔ از کینہہ کال برونٹھ اوس
بہ بیہ پٔرزانان۔ اوسے اوُس کتابہ پران۔ افسانہِ لیکھان تہِ ڈراما گندان،
گیوٗن بوزان تہِ فلمہِ وچھان تہِ کلبن گژھان محفلن واتان، لوکن سیتی دوستان
بہان، اَسان گندان، وِدان روان، مگر سُہ تہِ اوس میوٗن یتھ کال۔ میوٗن
از کال چھُ دوہ نی بدلے ترایہ گرایہ لگان۔ مے باسان یہ سورے فضول بے ہود۔
بکواس، کتابہ پٔرہ پٔرہ گیہ مے کاڈی خالی۔ افسانہِ لیکھی لیکھی سپد میانہِ
زندگی ہند افسانہِ کھرٕی دار تہِ وردار۔ ڈرامہ چھُ نقلِ عقلہِ روس گیوٗن چھُ دٲرگ
ٹلان۔ فلمہ چھے بے مقصد۔ کلب گژھن اکھ ریاکاری۔ محفلن منز دوستن

بِہن ۔ دوستن تہٕ رفیقین ستۍ ووتھن اَسن تہٕ گنڈُن اکھ لکلف ۔ لوٗز لوٗز وِٹے چھ
ہینن شرین باژن ستۍ روزن تہٕ اکھ لکلیف باسان ۔

خبر کیا ناہ ؟

خبر لوٗ کیاہ چھُس ژیرھان ؟ نہ لوٗ چھُس نہ کہنۍ ژیرھان ، کہنۍ نہٕ ۔ مگر توتہٕ چھُم دِلک
تہٕ دیماغُک وَے کیۆم کنہٕ وزٕ کھتہٕ لیوان تہٕ لوٗ چھُس دپان یہ گوٗژھ کنہٕ کنۍ پرٛونہٕ یُن ۔
اَما اکھ پرٛونہٕ باپتھ کیاہ گژھہٕ اَسن ؟ کانسہ ہنٛد موحبت ؟ کانسہ ہنٛز شفقتھ ؟
کانسہِ ہنٛز ہمدردی ؟ ووٗ نہ ہرگاہ یم ساری چیز موٗلیسر الیستھ نہٕ یہ وَے کیۆم یہ شُنۍ
پرٛونہٕ بی نہٕ ، تیلہ کیاہ کرٕ زِ اتھ ؟ ۔

اُف ہوا ۔

بہ چھُس نہٕ تنگ تہٕ لیوان ۔

تنگے کیہہ ہا ۔ ئتہٕ گوٗ اکھ جذبہ ، یُس میانس ژھرِس کنہٕ ننہٕ کنہٕ رٕنگ پرٛ دیا ۔

اوہ مائے گاڈ !

دیماغ خالی آسُن ، اتھ چھا کانہہ علاج ؟ رُود آسہٕ ہیوان ، ماحول تہٕ اسہ
زنیومُت ۔ خوش یوٗ ذِ تیر آسہٕ وُژھمُت ۔ ژھٕ تیرِ منٛز چھِ سفید رضایہ تل شونگن
اکھ لکھ جری باسان ۔ مگر تمِن یم راتھ گژھتھ دِہک انتظار کران آسَن ، یُس
نہٕ یہ پراہِ نۍ نصیبُس آسہٕ لیکھتھ ، سہ کیاہ ہیکہٕ کرِ ؟ کو

کوت گژھہِ !

وائے !

میۆن وَے کیۆم ۔ یہ شُنۍ یہ ہا کنہٕ کنۍ پرٛونہٕ ! ۔



فاروق مسعودی

# مَن تہٕ پوَن



سُہ گوٚلِر پھیور دِنہٕ پتہٕ حاٲرتن زِ یہ کیوٚتھ موتھ چھُ!

مرنہٕ برٛونٛہہ چھِ لکھ بیمار گژھان تہٕ مرنہٕ وِزِ چھکھ زباہ ہندی یا فالج گژھان

مگر یہ چھے عجیب کتھ زِ لوٚ چھُس سکونہٕ سان لرِ پھیر تہٕ دِوان۔ تہٕ زِ لوٚ تہٕ چھُم موٚکُج۔

یہ چھُ آژھر۔ تمی ژلوٚن لرِ پھیر دِنہٕ وِزِ پنُن فوٚتھ تہٕ اعتماد۔

اَپارِ شونگن کُٹھہ آسُم لتنزآشنی منز کمرس قتل سپنہٕ مژ۔ یتہٕ والیو کنیٚرد

ژِ ہیو پتہٕ آسِہ بہٕ ناشس سپدِ نتھ نالوٚدس سپدِ مُت۔ میوٚن روزنہٕ کُنہِ نیب لشانہٕ۔

کنیٚر وژہیو پتہٕ پرٕ بہٕ۔ نالی پوٚن پیٹھٕ خونہٕ مشک ژِ نتھ سپدس پریشان تکیازِ

تس باسیوو یہ اکھ لوٚڈ بدشگون۔

مرنہٕ برونٛہہ آشنہٕ ہنز لاشہ پیٹھہ یُتم لظر دنہٕ خاطرہ ووتھ سُہ تھوٚد تہ

شونگن کُٹھس منزٕ وٲتھ رود برس پیٹھ استادٕ۔ روزن وزِ گوٚس حاٲرتن

زِ مرگس ستی تیٖرِ اعتمادِ برِ ژِ مدافنتھ کرنک قوت کتہ چھُ تمی حاصل

کوٚرمُت۔

کیٚنہہ ژِہہ۔ برونٛہہ اوس تمیٖ پننہٕ آشنہٕ وُوٚنمت زِ پلوکڈ۔ سہ اوس تس

عُمومَن شوقہٕ تہ مالایانی سان پلوکڈان تہٕ تس ستی سنگ کران۔ مگر از دلوٚت

تمۍ آشنہِ حکم زِ پلوکڈٕ۔ تمہٕ وُچھ خاندارس کُن تہٕ وُٹھ کھمُلاو نِنہ کڈنی وارٕ وارٕ ساری پلو تہٕ تس برونہہ کنہ روز ننگے استادٕ۔ صرف اُسی تس باڈی تہٕ کچھ لاگتھ۔ سہ لوٗک بروٗنہہ تہٕ تسندِ شریرٕ پیٹھہٕ باڈی تہٕ کچھس کھپہ دِتھہ تہٕ تمنِ دوٗر کش کڈتھ دیتنس حکم زِ شونگ۔ تس اوس وُٹھن پیٹھہ کمبار تہٕ لٔذٕ ہندِ بالہٕ ستی آسس اچھہ ہند کچھس در سہٕ دنہٕ ونٕ اُس تس زانن منز باگ تسندین اوٗنگن منز چھی لگمژ تہٕ ساری پالس اُسس اکھ لٔذ تہٕ سکونہٕ بُرژٕ دِنن گامژ۔ سو اُس اچھہ بند کرتھ تہٕ نرزنگہٕ ٹیلہٕ ترٲوتھ دراز دِتھ۔ ننِہ نرتھرزٲوتھ لوڈراوتمۍ تسنز سفید تہٕ تھرٕ ڈیڈ منز شراکھ۔ تس ژٕ ج لٔذٕ ہندِس آزارس منز ژھوٹ تہٕ موختصر کرکھ نیر تھ۔ تسنز ڈیڈ منز پھوٹ خونہٕ پھموار تہٕ تالوس ستی لاینہٕ پتہٕ آدمہٕ کسِ فرشس والیس ٹھاسنہٕ۔ اکھ فمُوارس تل آسنہٕ موکھ ذرایہ تس ساری پالس خونہ پھٹھ۔

تس اوس وُٹھن پیٹھہ ڈششھومت کمبار تہٕ نرزِنگہٕ اُسس ونہٕ تہِ انتظارس منز وہر تھ۔ صرف اُس اکھ تبدیلی سپنژ۔ تس آسہٕ دگِہ ستی اچھہ پھٹھ درامژ تہٕ ہتھس پیٹھ اوس شتھومت کمبار آسنہٕ پتہٕ تہٕ اکھ وکھرا رنہٕ عذاب ووتیومت۔

یمہٕ دوہ پہٕ اوس اسہِ خاندر سپدمت تہٕ ازی سپنژ کھ ژٕ قتل۔ تہٕ یہ چھے عجیب کتھ زِ ازی چھس ہٕ کینژ وژہ پتہٕ مرن وول، ژہ سپدیکھ نہٕ قتل۔ بگر ژہ ماڑکھ ننِہ نہٕ اُسن۔

ننِہ استادٕ وُستہ انگ قودِتھ تہٕ ژٕنن اوندروٗٹ ژینتھ سپدسہ مولوس۔ بروٗنہہ ٹیکھ وُول تمہ ووہ داسی سان لبہ پیٹھ سہ تصویر یتیہ منز اکھ ژھر وگین ستی پرژھان اوس۔

دالپس نیرتھ ژاوسہ بییہ لبترس منز تس اوس نہٕ آشنہٕ ہنٛزِ لاشہ ژھٲپہٕ راونک کانٛہہ خوف یا خیال۔ تس اوس صرف اکھٕ چیز ک غم زِ تسنٛز موج روزِ تسنٛدِ مرنہٕ پتہٕ کِنٛتھ زِنٛدٕ۔ کینہٕ ڈکھ روٗس۔

تسنٛزِ ماجہ ژھٔٹ باکھ "ہتا گنٛدرا" یہ کسو تاوَن چھُکھم ژھنان۔ ہیو ہیٚے کسو بیٚٹھ ترادکھٕ نہ پتھ کانٛہہ تہٕ بُرونٛہہ کانٛہہ۔"

اُمس گنٛڈ پھٹن وِزِ باسیوو تس پننٛ فوٹو پھٹان۔ روزِ نہٕ پتہٕ خاندانس کانٛہہ نیب نشان یہ مرکنٛز روزِ ہیو پتہٕ نہٕ موج تہٕ مرکنٛزٕ کٲلی تہٕ اُمی سنٛدِس مرنس تام روٗزِ نہٕ اُمس پتھ کانٛہہ تہٕ نہٕ برونٛہہ کانٛہہ۔ یہ گژھہٕ نہٕ اَمہِ فکرِ ووہہ کھٔنٛچ۔

پننٛ کانٛہہ وٲرث نہ ترٲوِ نہٕ موکھہٕ آو تس پانس تہٕ ماجہ پیٚٹھ رحم۔ تمی ترٲو وارِ وارِ پنٛن پیٚٹھ نظر۔ زَن تہٕ تمِ آدمی قد روغنی تصویر کاران اُوس۔ یمو سیٚتۍ اَمہِ وِزِ یہ کُٹھ شولان اُوس۔ پننٛین جدن اجدادن ہنٛز تصویرٕ ہیٚن سیٚتۍ زان کرناوان وِزِ اُمسی تس شانہٕ ووگنان نہٕ کارٕ تھدان۔ مگر تمِ تصویرٕ اُسی موکلان موکلان گرا البم کیٚن منٛی تصویرن تانی موژھینی۔ تہٕ البمک اُخری تصویرٕ لاگہ۔ کینٛژٕ کٲلی پتہٕ تسنٛز موج تہٕ ماجہ ہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ روٗزِ نہٕ اَتھ البمس منٛز ماجہ ہنٛد تصویرٕ لاگن تہٕ نہٕ رِژھراوَن وول کانٛہہ تہٕ۔

البمس پیٚٹھ نظر دِنہٕ خٲطرٕ دژِ تمی ژھاپہ مگر اتھِ آس نہٕ، سہ اوس تسنٛزِ ماجہ الپور نور مُت تہٕ تصویرن وُچھان وُچھان اُوسن اکھ سماہ کوٗرمُت۔

"مے دِتے اپارِ البم تارِتھ"، یہ دمہٕ ہس پیٚٹھ نظر۔

والَپس نیرَن وِزِ اوس تسنٛزِ ماجہ اُوش ووتھرو وُمت تس آسہٕ اچھ صاف نکی پانٛتھی ناپان تہٕ اَتھن کیٚتھ اُوس شورابہ گلاس۔ شیشہ گلاس اُسی نیبرِ کِنٛی گمہٕ پھٹان۔ تسنٛزِ ماجہ اوس جونوٗن برادلومُت۔ گلاسس نیبرِ

آشنہٕ ہندی خونکِ ٹیکٕ ڈلیشتھ سپُد سُہ پریشان تہٕ ماجہ ووٚتن زِ میانہٕ نظرو دۄر نہٕ یہ گلاسہ۔

"نہ"۔ ماجہ ووٚلُس ـــــ شاید سپنہٕ سو بےٚ گۄناہ قتل۔ ژےٚ چھُیہ یاد زِ أزِ کِہ دوہہ اُسس بہ اکھ موج تھنہٕ ہیٚنز۔ تہٕ أزِ چھُہ کٔنٛژرو زہو بتہٕ ژےٚ سیتۍ سون سورُے خاندان مرن دول ؟

تمہِ چوٚ اُکس مٔژرِ ہندی پٲٹھۍ أکی سے شہس مُنزٕ اوٚڈ گلاس تہ باقےٚ اوڈ لوگن نیچوس وُٹھن سیتۍ بیٚیہ مٔین زِہٕن مُنزٕ مس چیتھ سپُد تس پننہٕ قووتک نوٚو باس۔

(تہٕ سنز ماجہ کرِ جامن تریچہ تہٕ تس سیتۍ کوٚرٕن سنگ)



ناصِر منصور

# پھیٖر



"پٕہ چھُس PERSPHONE پٕہ ECHO پٕہ HELEN

پٕہ چھُس HERA پٕہ LADY MACBETH پٕہ OPHELIA

پٕہ چھُس HADES پٕہ ZUES پٕہ MACBETH

پٕہ چھُس HAMLET پٕہ MENELANS پٕہ PARIS

پٕہ چھُس ورشنس پٕہ NARCIOUS پٕہ

.........................................................

.........................................................

.........................................................

تَس زَن تہٕ سارُسی بدنس بجلی کرنٹ اُسی دوان۔ رُمس رُمس اُسِس گرٕوزان تہٕ شہہ اوُسس ژھوہ کان باسان۔ تمی دِژ نہٕ اکھ نظر تہٕ المارِ ہن کُن۔ شائد ادِ موکھ زِ تس اوُس بہتھ زِیمِ چھپہِ مےٚ کُن وچھان۔ سہ دٔراو لوٚت لوٚت لائبریری ہندِس ورنڈاہس پیٚٹھ تہٕ لوگ سڑکِہ کُن وُچھنہٕ۔

شُری، بُڈہٕ، مرد، زنانہٕ........

بسہٕ، گاڑِ، کارہٕ، سائیکل۔

کاروانن ہندی کاروان أسی دوان۔

سہٕ گوو بیقرار ہیوٗ تہٕ لۄگ بیس طرفس کُن وُچھنہٕ۔ دوٗر دریاوٕ بٹھِس آسہٕ کینہہ ڈِھپرِ تہٕ ڈُھپرِن منٛز لوکھ اُسی لڑایہٕ کرِان۔ زارگندان تہٕ پتہٕ خاموش تماشہٕ وُچھان۔

ہنگتہٕ منگہٕ گوٚو تٔس کنن شور۔ پرتھ طرفہٕ باسے لیس کریکہٕ تہٕ چکہٕ گژھان۔

”بہٕ چھُس PERSPHONE بۆ ECHO بۆ NELEN بہٕ چھُس HIRA

بہٕ LADY MACBETH بہٕ OPHELEA بہٕ چھُس HADES

بہٕ ZEUS بہٕ MACBETH بہٕ چھُس HEMLEH بہٕ MANELAUS

بہٕ PARIS بہٕ چھُس ورسنن بہٕ NARCIOUS بہٕ .........

.................................................................

.................................................................

.................................................................

.................................................................“

تس ووٚتھ لوٚہے وٕاراگ ہیوٗ۔ لوتی تھوون دروازہٕ بند تہٕ ژاو لایبریری منٛز واپس۔

”سراب۔ یہٕ چھُہ سورُے سراب۔ اکھ حسین دوکھہٕ۔ اکھ مأرِ موٚند فریب“۔

”زندگی! زندگی ہنٛز قدر! اِنسان! انسانیت!“

تمی سندِن وٕزلِتہٕ ہنیٚ میتن وُٹھن پێٹھ سپد اکھ زہرٕ لوٗرِت اسن.... کھنگالہٕ نمودار۔

سہٕ ووٚتھ تھوٚد لوگ کیاہ اہتمام سوچنہٕ۔ مأرِ تہٕ زٹھل مستس کوٗرن اوٚنگجو پیٚتی کنگو۔ وٕزلی تہٕ ہنیٚ مێتن وُٹھن بھرِ ونِ زلوٚ۔ دارہ وارہ دراد لایبریری منٛز نبر تہٕ دروازس پێٹھ وٕاتتھ ترٛاوٕ نی سارسی عمارژ اکھ شژٕ نظر۔

نظر یمو کتابن وِچھاتہٕ کوٗر ——— تہٕ کتابہٕ یمہٕ زندگی ہنٛد مولل سرمایہ آسہٕ۔

نظر لوٚیہٕ البمس پٔنٛڈھ پٔیہٕ ——— تہٕ البم ییتھ منٛز آشن ہٕنٛز سوٚمبرن اُس

نظر یمہٕ کردار وٚنہ کڈِ ہٕ تہٕ کردار یم زندگی ہندی اَتھہٕ بن حصہ اُسی۔ تسندین

وونہ جبین تہٕ ملرن اُچھن منٛز نٲپے یہ کینٛہہ اُشی قطرٕ —— تمہ دلوٚٹ ہمتس انتھ

دوٚلہٕ تہٕ لوٗگ کینٛہہ تام سوچنہٕ۔

کینٛہہ برنٛزی گژھتی اُسی سائٕنسی لائبریری نارٕ ببہہ وونفان نس گیہٕ

لکن کینٛہہ چکِہ۔ کینٛہہ آلو، کینٛہہ ہکِ۔ مگر سُہ لارلوٚنہٕ والپس۔ سُہ اوٚس دوان، تتھی

بجہ سڑکہِ پٔنٛڈھ۔ تمی لوکن سیتی۔

سڑکہِ دوشوٚے طرفو اُسی تھدی تہٕ بٔڈی اشتہار آویزان۔ اشتہار

یم تمٕ وزِ وزِ ژھمبتی تہٕ پٔری متہٕ اُسی۔ اشتہارن ہندی ساری لفظ اُسی تس

ویٚدی۔

"اُصول تہٕ قدرٕ"

کردار تہٕ کردار سازی،

ضمیر تہٕ ضمیرچ آواز،

لوٚز تہٕ بزرچ دتھ۔

"سراب، یہ چھہٕ سورُے سراب۔ اکھ حسین دوکھہٕ، اکھ مٲرٕ موٚنٛد فریب۔"

تسندین وٗذلی تہٕ ہنے متین وٗتھن پیٹھ سیدٕ اکھ زہر لوٚرت اسن

کھنگارٕ نمودار۔ سُہ روٗد واریاہس وقتس لکان۔ سڑکہٕ میناں تہٕ سفر کران۔

سفر کرِنہ وقتکی تھدی تھنگی زُھنڈتھ پٔلہٕ یہ منٛزلس منٛز وٗت۔ سُہ سیدٕ شانت۔

تمام زندگی ہٕنٛز بے قراری بٲسے لیس دوٗر سپدان۔ جانا وارن ہنٛد چرُگش وہتھہ

ہٕنٛز مسیٹھی آواز، پُرسکون ماحول، تس باسیوٗ ہنے متِس پانس منٛز اکھ وٗشنیر۔

"یوہے چھےٚ منزل"۔ سہ لوٚگ لرتراٚوتھ سوچنہِ۔

ژیرِ ہٕ ڈیلیہِ سہ بیدار سپُد۔ تمۍ وُچھ عجیب ماحول۔ سیاہی اوس گاشس دام دِلِتھ ترٚاوِمُت۔ جاناوارو ٲس ژھوپہٕ۔ ہنزِ کوچھےٚ منزلرتراٚوِمژ تہٕ دوٗر کھ تام شاید ٲسہٕ شال وُلگان۔

تمۍ تراٚو ساری ٲندۍ پٔکھس اکھ ڈٕرِ نظر۔

"سراب! یہ چھےٚ سوٗرے سراب! اکھ حسین دوکھ۔ اکھ ماری موٚنٛد فریب"۔

سہ دوتھ تھوڈ تہٕ لوٚگ سو تے ہیتو قدم و تہٕ مینہِ۔۔۔ وَتہٕ۔۔۔۔۔۔

یمِن دوٚشوی طرفو تھدی تہٕ بٔڈی اشتہار آویزان ٲسی۔



ہری کرشن کول

# تاپھ



دِلہٕ وٲنتھ باسیو پوٗشہٕ کجہِ نوٚوُے عالم۔ تمہٕ ترٛاوٕ پھریکھ ہیو۔ سٲری سے
ژھینٛژ توٚبلاۓ گوٚڈہ چھس نہٕ مسلمانے کنہ لوٗد۔ ژٕ پارٕ چھہ پنٕنی بٹہٕ بٲے۔
داندر تہٕ بٹے، کاندر نہٕ بٹے۔ دوٚیہٕ دوٚل تہٕ بٹے۔ بیٚیہ موکلاو بگوانن تس ہانزنہٕ
نِش۔ یہ اُمس پوٗشہِ کجہِ بیاکھ فراغتھ۔ "سوٚ ہانزنی" یانے پننہِ زِٹھ نوش یاد
پیٚنہٕ سنٛزِ کتھٕ تس تہٕ ہِشِ۔ کتھِ کتھِ پتھ اُمس رانٹسہٕ ہندی پاٹھی اگادِ
گرٛھان۔ مجلس منٛز زانہِ ہے نہٕ تس ناد کانٛہہ مگر تمہِ کٔڈ اٲڈ اٲڈ ادہ بگوان تہٕ
چھس وچھی تھیے لوٚکمتُ۔ نتہ کیاہ؟ گاشہ تہٕ صابہ ہے چھہِ اُگی سے ماجہِ ہندی
گیٖرِ۔ وچھتو صابہ کیاہ چھہ ییتہ ییہاتہٕ کران تہٕ تس چھہ تتہ بیتہٕ کانٛہہ۔ امی سے ہانٛزنہٕ
ہندِ شکس لدِ طالے کنِزِ۔ تمہِ اوٚس فیصلہ کوٚرمتُ زِ سو تہٕ نہٕ رٕٹہٕ کالہِ تہِ کشیرِ والِس۔
دٔہ ہِشہِ آسہٕ بجے پٔرزہ پوشہٕ کجہ ذرایہ آنگنس منٛز تاپھ دِنہٕ۔ آنگنس اوٚس
اڈس سیر فرش نہٕ اڈس ذرٕ مُن۔ ذرٕ منس اندی اندی اُسی پوٗشہِ ڈوری۔ سیر فرشس
پیٚٹھ تہِ آسہِ گملن منٛز پوٗشہِ تھٔرِ تہٕ کینہہ پوٗشہِ تھٔرِ آسہٕ دیچھرِ رانٹہِ ہندی پاٹھی کوارٕ ٹس
الاۓنزِ۔ صابس پانے پوٗشہٕ کجہ ہندس لوکٹس نیچوِس سریندر ناتھس اوٚس
سروجنی نگرس منٛز جان ڈی ٹایپ سرکٲری کوارٹر میولمُت۔ لوٚنہٕ ڈرانگ روم،

سٹور روم، کچن تہٕ کچنس بروٚنہہ کنہِ خٲلی جاے ییٚنہٕ میز کرسی لگاوتھ تموٚ ڈائننگ روم اوٚس بنوومُت ـــــ پیٹھہٕ بانٛھ ردم ٹہٕچ تہٕ زٕ بیڈ روم اَکِس منٛز اَسی تم باٚٹزٕ شونگان تہٕ بیٚیس منٛز اَسکھ اوٚنٛ پیٚٹھہٕ لوٚشہِ کچ ہندٕ خُطرِ چارپائے لگاوِتھ۔ امہ علاوٕ اوسکھ ہیٚرِ چھتہ تہٕ برسأتی۔ سریندر ناتھس اَسی ولایتہ پیٚٹھہٕ آمتِس ترٚیٚیے وری گامتی۔ سہٕ اوٚس ولایتہ وظیفس پیٚٹھہٕ بروٚنہہ کُن پرنہٕ گومُت تہٕ پتہ اوس تتی ہندوستان کِس ہائی کمشنس منٛز ملازم لوگمُت۔ وونی اوس تبدیل گژھتھ یوٚر آمُت۔ تہٕ یتہِ اوٚس بدیسی مالن ہنٛزِ وارژ منٛز اکھ جان افسر بنیومُت۔ روپیہ ساس کھنڈ اوٚس تنخاہ۔ نیتھرٕ اوٚس تمی ولایتہ گژھنہٕ بروٚنٹھے کوٚرمُت ـــــ لوٚزٕ ہے لوزو تہٕ لوٚشہِ کچ اوس امیکُ تہٕ پھیران۔ اگر سہٕ وٕنہِ انھوٚرے آسہ ہے خبر کُس بالہٕ ہزأری آسہ ہے پننِ کوٚر ہتھ لوٚشہ کچ وُنی کیٚس زاپٕ پارٕ کران۔ خأر۔ کرمہٕ لیکھا! سو اَس نہٕ پننہِ امہِ دوٕ کھک باسِ کالنہ دوان۔

لان کرسی پیٚٹھہٕ بِہتھ ڈیٹ لوشہ کچہ نرٛین زنگن کھٔلہٕ تاپھ۔ باسیوس زن کمرکی نہٕ شانن ہندی نأر کُملنہٕ آس تہٕ کشیرٕ ہندٕ سوٚرے رِہ ژوٚلس۔ نبس کُن دِژن نظر تمیک نیوٗل کاٹھ ہیوٗ رنگ گوٚرس سیٹھاہ خوش۔ دوٚیِمہِ پوٚرچہِ ڈبہ کنہِ اَس چھوٹی ہلو وٲہر آدی متی یم تالس منٛز نپہ نپہ اَسی کران ـــــ نہٕ بیٚ، ولایتی مشین چھٕے پٕزی پأٹھی جیٚزٕ! پانٛژہ سنٛتھ تہٕ اَسی نہٕ چھوٹی بم ہلو چھلنس لگمتی تہٕ بیٚیہ اَسی یتی پٕرنِ درامتی۔ یی سوٚچان اَس زِہ ہلوٕ منٛز گوٚس چھوٹی ہند چچہ بند دٕ ہنٛڈ۔ سو دو سلبیہ ہش۔ ترابہِ ـــــ ترابہ ـــــ یمو ہمالو وچھمت آسہِ تمو کیاہ آسہ وٕنمُت؟ سو ژٕھ کرسی پیٚٹھہٕ تھوٚد نہٕ لجٕ آنگنس چکر دِنہٕ۔ چکر دوان وٕنہٕ نس اکھ

خیال۔ تمہ ژٹ وارِیاہ پوشِس تہٕ تھٲون دوٚتہ ژٔرھس منٛز۔ سوٚچن زہ چھوٚٹ ٹلہٕ سنتہٕ تہٕ گرٕ ھ کنہٕ مندرس۔ دِپان برٛلا مندر چھُ بیٚترِ وچھن لایق۔ ادہ لگہٕ کوٚتاہ کال تمن۔ زیادہ کھوٚتہ زیادٕ اوٚڈ گنٹہٕ تہٕ توٚرِ ہینہٕ کھٔہن ژوٚٹ۔ سوٚ ژایہ اندر دوٚتہٕ ژٔھکی پوٚشِس تھٲوِن کھہنہ کسِ منیزس پیٚٹھ تہٕ پانہ بیٚھٹ اکس کرسی پیٚٹھ۔ خبر کٔر وسہٕ یہ چھوٚٹی لوٚن۔ گنٹہ زیادٕ ے آس امس شرانہٕ کُٹھس منٛز گومت۔ بگوان زانہٕ کیاہ کیاہ چھ اتھ پالِس منتھان۔ دلہٕ بیٚتہٕ چھُ امس کیاہتام کھرٕ نیکھ ہش۔ دژامِژ۔ وٕلہٕ جی توٚنہٕ چھےٚ تس ہانٛز نہٕ ہندِ کھوٚتہ ہزار درجہ جان۔

کیٚنہہ کال پتہٕ گوٚ شرانہٕ کُٹھیکٕ دروازٕ مژ اوٚنک صداہ تہٕ چھوٚٹی وٲژِھ ٹھِس ٹھِس کران لوٚن۔ تمہ اُدٕس جمپِر تہٕ دوٚتی بدلاوِمژ۔ مس اوٚسُس پار لٔنے مگر توٚتہٕ باسے یہٕ پوٚشہ کجہٕ تس شوٚب ہش آمژ۔ نتہٕ آسہٕ آدی گوٚناہ ژِھنیتھ دربدر گامژ۔

ہے ہے ماتاجی۔ یہ کیاہ چھوہ تۄہہٕ کوٚرمُت۔ میزس پیٚٹھ پوٚشِس وچھت ژٔھ چھوٚٹی کرٕ نِکھ ہش نیر تھ۔ پوٚشہ کجٕ گیہ ہے بنگہٕ ہِش — فکر توٚرِس نٕ کیاہتام اتھ چھم کوٚرمُت —

ماتاجی۔ تۄہہ کیاز ژٹ وٕ باغہٕ منٛز پوٚشِ؟ خاصکرِیم ہالی ہاکس چھوٚٹی اُدس کینٛژھاہ پھیران تہٕ کینٛژھاہ کھوٚشان —

پوٚشہ کجہٕ گیہ نوشہ ہنز یہ لَس تالہٕ پیٚٹھ کھارٕنی موتس برابر۔ سوٚنٛچن زِ تہٕ کَنہ چھُ پوٚشن ہُندے مالِہ — بیٚیہ کیاہ چھم زاوی جار ہاوان! اتہٕ آسہٕ دنان کانٛز بیتہٕ گیس ماتاجی! گٕسپچ ماتاجی! مگر شرار تھ اندرٕ ے ژایتھ دِتنس لوٚتہ جواب — "میٚے دیٚپو مندر گژھو" —

تھنٛد گوٚ ژھناگوٚ ڈِہ پژھُن — بیتھ لوکلٹ منٛز چھُ نہ کانہہ مندرے نہ چھُ

کاہنہٕ نزدیک ــــ یٔتہٕ پێٹھ چھُ اشوکا ہوٹل نزدیک، چانکِ لوٗری نزدیک ــــ

"تہ کیاہ گو"؟

"تِہ ترونہٕ توٚہہِ فکرِ ہی ــــ ٹٲکو نیٚرہٕ کِنہٕ بیہو تاپس"۔

پوشہِ کجہ گنڈن لۄگ لۄوِ نیٖٹھو پێٹھہٕ ربٕہہ۔ اُمس گوٚنہٕ فٕطرٕ سنزِ کوٗرِ توٚر فکرِ تہٕ میٚنے ترنہٕ ــــ نہ بی اُمِس ہیٚے پزِ ڈٕنی کیٚس جواب دِین ــــ نتے روزہٕ نہٕ لِگاہ کتھ کرِلنس تِہ دَس۔ وژہس۔

"ژٕ کیہہ چھکھ میٚنے چاٚرزانان ــــ میٚنے چھناپناہ زٕ یٔتہِ چھ برلا مندر لوٗر ملکہٕ جالو پێٹھہٕ چھ لوٗکھ لیوان"۔

"برلا مندر چھُ یٔتہِ پێٹھہٕ سێٹھاہ دوٗر۔ کناٹ پلیس تہٕ گول مارکیٹ کھۄتہٕ تِہ دوٗر" ــــ

پوشہِ کجہِ باسیوٚ یٔتہِ اپٕرہے۔ ادترہ اُمِس سوٚچھتس پێٹھہ کٕھژمژٕ۔ تہٕ پیارہٕ سرِ دِیہ چھ لوسان تیاپاٚرٕ اوسُس گُتام مندر ہیٚوٚ دِرینٹھ گومُت۔ ہیتہ نیلہِ رنگہٕ کِبہٕ اُسی۔ تسَ اُمِس منن گوٚاہی دژمژٕ اگر آسہِ تہٕ لوٚہے آسہ برلا مندر۔ سۄ دژھ کھۄ ژٕ ٹھیکر آوکھ لوٗشہِ ہہٕ کیٚسے منار چھ نیلہِ ہیتہ نیلہ رنگہٕ کِبہٕ چھُ۔ لِسُ ہیٚے چھتہ پێٹھہٕ لوٗز نہ چھُ لیوان۔ مایی تہِ اسے وٕوٗن زِلوٚہے چھُ برلا مندر۔

"ماتاجی ــــ مایی کیاہ چھ خبر؟ سۄ بلڈنگ چھنہ مندر یا مشید ــــ سۄ چھ پاکستان ایمبسی ــــ یانے پاکستانُک دفتر"۔

پوشہ کجہِ آدلوٗشہ ہنٛدیہ زاٚوِی جار چھ ڈگرکرٕ پاٹھہٕ وٕتھو۔ کاژاہ چاٚر چھیٚے میٚنے یہ زانان۔ مگر انٕرہس نہ گوٚ ڈکُنہٕ۔ کشیٖر چھُنہٕ کاہنہٕ نہِ وانہٕ پاکستانُک ناو۔ بُہران ہنس۔ یٔتہِ زن ژٕوٕ پاٚرِ مسلمان چھ، تہٕ دلہِ آسہِ پاکستانُک دفتر یٔتہِ زن ٹےبرٕ چھ اکیاہ چھ یہِ لوٗش میانی شیٚے تہٕ ترییٚے لوٗتہ کاہ ونان؟ نہ چھُ

تَس نش اَگان لیُس دیتھ پارہ لِکہٕ ژارِ تہٕ نہ تَس نش لیُس بتھس پیٚٹھ جھل کرِ۔ سونچُن زِ اگر بیاکھ کیتھ کرِ گژھی تنم پیٚنہٕ تَس ہانز نہ ہندی پاٹھی اگادہ۔ پتہ نے پوشش نہٕ ڈٔلی چیز نس! زُوا ژھوپہ چھے رِدہ پہ سِنز۔

باہ ہشہ بجے یہ۔ چھوٹی زول گیس دان تہٕ کرن ژِدہ چہِ۔ سبزی اُسن صُبحن پرلشیر کِکرس منز بناومژ۔ سو وشناون تہٕ پننہٕ تھوٚن ڈائننگ ٹیبلس پیٚٹھ زِ پیالہ گلاسہٕ۔ اکس لوکٹس پلیٹس منز تھوٚن کنڈ کترادتھ۔ پھِرجہٕ منزِہ کوڈن اکھ نیوّم تہٕ ترٚووکھ پیٚٹھ چیز تھ۔ پوشہ کجہ زٕدن زِہ امہ ہیٚوٚت کھینک سنز کرن۔ سو ژھس۔ "میٚے نے چھے لنچ وچِ کینہہ کھیٚون"۔

"ہے ہے کیا زہ؟ توہہ کیاہ فاقہ دیہ وہ"؟

نہ بی فاقہ کیا زہ دمہٕ؟ پلیٹ تھواَتی تہٕ میٚے دِتھ لوکچہ چلیمچی منز ژوٹ بہ کھیمہٕ ستھ پھرکنہٕ"۔ تہٕ یہ ونتھ گژھ سو پنن کٹھ۔ کشیرِ پیٚٹھ لوپہ سنز نجہ ژٹ بسترس گنڈتھ اُسن آدنِ مژ سو دَاَجن پانس ستی تہٕ ویہرِن لوپہ کنہٕ۔ چھوٹی کوٚرلس وچھنا تہٕ پننہٕ اَلیس چلیمچی منز ژوچہ پانژہ مرہ بیتھ۔ کوٚلہ اکسِ منز اُنہٕ لس سبزی۔ پوشہ کجہ لٹہ پیٹھی کوٹھکہ چندہ منزہ لوکٹ تولیاہ۔ ستھ پیٚٹھ تھوٚن کوٚلہ تہٕ ہلمس منز چلیمچی رٹھ بیٹھ پننہٕ مرہ سان ژوٹ کھیٚنہ۔

ژوٹ کھیتھ گژھ چھوٹی پنن کٹھ تہٕ توٚرہ ڈژھہ گنٹہ کھنڈی پو بدلاوتھ تہٕ کنگو ونگودِتھ۔ "یہ گژھو مِس کپورِ نش ژرین بجن تام یمہٕ والس"۔

پوشہ کجہ گرٔ ژھوپہٕ۔ مگر امہ ژھوپہ رٔکاوٕ نہ چھوٹی کینہہ۔ تمہ کرٔ مژھ گرٔ کن نظراہ تہٕ درایہ سیودٕ۔ پوشہِ کجہ گو یتھے ہیوہ نگر سیتی سوچن زہ ہنا بہ کوسہ چھس امس رکاون واجینی۔ یہ خوش کرنس نہ کرِتن۔

سو درایہ بیٚیہ باغس منز تالیس تہٕ تمہ کِہ وشنیرہ سیتی گوس من بیٚیہ ٹھیک۔

بلایہِ گوٚڑھ یتھ تالیس لگیٚ ۔ اگر پوٚز لوٚز ویہ تاپس پھیرٕ لوٚت چھے یٚتیہ لاران تیمہ تنچ دُوٚتی تھوٚد تہ بیٹھ دچھنہ زنگہ کشنہِ ۔ اتہِ ییٚمیں پنہ ٹین کھوٚرین کیٚن نظرٕ ییمن کھٹنہ سیتی چاک ہِوی گامتی آسی ۔ تپالی آبا تہِ کسِ وندس ! ڈاکھ چھ اتھن کھوٚرن گرڈھان ۔ یی سوٚنچان پیو پوشہ کجہ بٹہِ یادٕ ۔ واے، پاکھ ادس تس بچارس شہر سیتی نو لومت ۔ ہتہِ پھِرونیوم تس رٔانٹسہ زہتہ بی نیچو ویس ہبی گرڈہے نے کھوٚر نباہ ۔ موزِ تہ چیٚری لوٚبھ آسُس بی لاگان ۔ مگر سو کوٚت مانہِ ہے ؟ گوڈٕ چیٚری لوٚبھ تہِ چھنہٕ کیم دٔرٕ دگر ۔ وونی کوتاہ تنخاہ چھ گاشُس بچارِس مشکلی سان چھس ریتھ نیران ۔ پانس اُدُس نہٕ اوٚور کوٹھ تہٕ تیرِ سیتی اسیس ہٹہ ہٹہ گرڈھان ۔ قسمت تہٕ بییہ نہٕ کینہہ ۔ تمہِ ترُووٚ وڈش ۔

پوشہ کجہ دٕژاندی پکھ کیٚن کوارٹرن کیٚن نظرٕ ۔ یتھ جایہ اُس زھو یہ وچھتہِ زن کُنہِ کانہہ چھے نہٕ ۔ ساری زنِ چھ موٚمتی ۔ چھنا آسان ہمسایہ گری منزٕ ادہ لوٚر کتھا باتھا ۔ مگر یٚتیہ زن زانی نہٕ کانہہ کانسہ ۔ گوڈٕ کیاہ ترِ تس یٚتیہ چیٚن زنانن ہند ٹی ٹی پی ٹی فکر ۔ پوشہِ کجہ سوٚنچ ۔ بییہ چھ یٚتیہ زنانن تہِ بدلے ناوٕ ۔ اکھ گیم منز جین بیاکھ گیم منز سوندرم، بیاکھ گیم منز پرکاش تہ بیاکھ منز کوستام ۔ وچھتوٚن یمہِ کوارٹرچ یہ سکِہ یانی ۔ میٚیے سوٚنب آسہ نس نوشہ کورِ ۔ مگر تو تہِ چھسِ ونان منز کھیم سنگھ خبر یہ منز کیاہ گوکھ ؟ چھتہ یہ دلِ جان مگر چھنہٕ کینہہ ۔

سکوٹرک ٹھپ ٹھپ گو تہٕ تمہ زدن زٕصابہ آسہ آمت ۔ اوٕ صابے اوس سکوٹرا اندرٕ نٔانتھ برٕ ژھکرامِس ۔ ”کیہے دوہس آسکھے وارے“ ؟

”آہن باوارے اُسس ۔ بگوان کھولرآ دی نے“

صابہ کھوٚت نیٚن کُٹھ تہٕ تور روٚتھ جل پھیرتھ ــــ ”یہ کوٚ نٕے گاشر ؟“ تمی برٕ ژھ پوشہ کجہ ۔

"سو ہا باگییِ مسز کپورنِش"۔

"کس مسز کپورِ نش"۔

"سو ہے ہبا، یوسہِ ٹِپس پھتہ پھتہ کرتھ چھے لوان۔ یَڑ یَڑ زآوج زآوج"۔

"کو سے۔ مس کپورسے"

"آہن با۔۔۔ تی ہے ووٗنمے"

صاحبس ژٗول ٹھا ٹھا کرتھ اسُن نیرِتھ۔ کتہ ووٗنتھ ژیٔیے تی۔ یہ چھے مس کپورِ یانے کپور صابنز کوٗر۔ ژٔیے ووٗنتھ مسز کپورِ تمیک مطلب گو کپور صابنز زنانہٕ"۔

"سیاڈی کِنز اِنتس پُرٗ بلائے۔ یہ کتہ زانِے یہ زآوی جاد۔

"ییتہ روزتھ یِی یہ زآوی جاد زانُن"۔ کتھ ژٹتھ ہیٔرون صابہٕ کُٹھ کھسُن زِہ لوشہِ کچ دژھس۔ "چھوٹی کتھہٕ باپا کٹھ چھہ اُمِس کپورِ سنتِر لۆت صلح؟ میے نبا چھنہٕ امی سندی کیرن جان باسان"۔

"نائے یہ بچارہ ہے چھہ بڈہٕ جان۔ تہِ کرتھ تِرٔھ چھیے تِرٔھ چھیے۔ اسہ چھہ پنُن مطلب کڈُن"۔

"تہ کیاہ گو؟"

"تہِ گو یہ زِہ امی سند مۆل چھہ آل انڈیا ریڈیوہس منز بوڈ بارہٕ افسر۔ چھوٹی چھنا تتہ نوکری ہنز کوشش کران"۔

لوشہ کچ گیہ حیران۔ "ژہے کیا با، دوٗ ز چھیہ زنانہ تہِ نوکری کرناوِنی۔ لۆت بوڈ تنخواہ چھنا بالوشان"؟

"پائسن ہند نے چھنہٕ سوالے۔ دیکھہ یہ چھیے ییتہ کِنی ژٔ گژھان۔ امس تہ گژھہ ہے شوغلاہ۔ تہِ کرتھ اگر آمدنی ہرِہ ناکارہ چھا؟ اسہ تے چھہ ِ واریاہ

خرچ۔ ریڈیو چھہٕ، ٹیلی ویژن چھُنہٕ، سکوٗٹر چھُہٕ، کار چھُنہٕ۔"

"ژےٚ ہیا چھیےٚ ترلیشہٕ نا۔" لوشہ کجہ نوٚرِپی فکرِ تہٕ یہٕ ژھُن لس ہتھس پٮ۪ٹھ وٕنِتھ۔
مگر صاۂبن کرٕ لس تورہ اسنہٕ ہناہ۔ امی ساتہٕ پییہ تس سترنجہ کنہُ نظرِ۔ "یہٕ کمی چھیےٚ سترنجہٕ
زٹاہ پٮ۪تیہٕ دہر آدمِشہٕ۔"؟

لوشہ کجہٕ باسیوٗ زٕ صاۂبس کھوت شرارت۔ سوٗ وژھس لوٗنیِ۔ "میےٚ ہیا۔"

"کیا زہ"؟

"میےٚ نبا چھُنہ لوان منز کرسی پٮ۪ٹھ بتہٕ کھٮ۪نہٕ۔"

صاۂبن کرٕ ژھوہ پہ تہٕ کینژٕی کالی پٮ۪تہٕ چھوٚٹ آیہ تمی کوٗر تس سیتی کیاہتام
مشورہ۔ مشورہ کرتھ چٮ۪کھ چائے۔ چائے چٮ۪تھ کرٕکھ ٹیکسی تہٕ لوشہ کجہ ہٮ۪تھ گیہ
چاندنی چوک۔ اتہٕ ہیوتکھ تسندِ باپتھ سٹیلک تھال۔ ہیوٚچُکھ، چینہ چٕچ راہٕ۔
چکن وَالیچ دُوٚت تہٕ شوٗنانٕھی اکھ لوکٹ موٗرتی۔ گرٕ واتِتھ دِتیکھ لوشہ کجہ
سٹیلکس تھالس کیتھ بتہٕ۔

لوشہ کجہ آیہ نہ راتس اکِس برونٹھ تہٕ نیندرٕ۔ خبر کم کم خیال وُتھ تس۔
گومن چھہ کار اٮ۪نۍ۔ کیاہ اوس امس گونڈٕ خاطرنہٕ کورِ طلبے! وولہ بی، توتہٕ
آیہ نصیبہ ہٮ۪تھ خاندارس کیٚت۔ نتہٕ گیہ سوٗ شکس لٔدٕنی۔ زٹ تہٕ میٚٹ کرٕن
راۂلس کاٮ۪ہٕنی۔ خبر گاشن آسیا باسکل اۆنمت؟ دپان اوس اکر کاہنہٕ قسطس
پٮ۪ٹھ دِیہ تیلہ اَنہٕ ضوٗرور ـــ زنگہٕ چھس بچارس راۂنی وارہ پٮ۪ٹھٕ دفتر تام
دو کھلی تران تھکان۔

ـــ اگر لوز لوزو۔ لیف چھیےٚ پٮ۪تہٕ راتس گوٗ بان۔ خبر تتہ کاٗژاہ
تیر آسہٕ۔ صاۂبس اتھ لیکھناوٕ کاشس زٕ ینہٕ گرِنہٕ برٕ ژیر تام آسہٕ رُوزان ـــ
لانتھ ژھنڈن جواہر نگکس تتھ کورِ ٹیوٗشنس۔ بگوان زٕچھنِ۔ اگر کنہ سپھرہ کینتھ

کیتھ آسہٕ زٕ لوٗلنہٕ نے لوٗو۔

—— کیاہ بلائے ژٕ ہیتھ اُس اتہٕ چاندنی چوٗکہٕ کنہٕ۔ بٹس لایق کاتیاہ کٹ لبشاٹ اُسی کنہٕ۔ اگر نیٚنہٕ پالنسہ ستی آسہ ہانٛم۔ کینٛہہ اُسہم تسندہٕ خاطرہ ہیوتمت۔ ووہ لہ بی' ووہٕ ژٕ گژھنا تور۔ بیٚیہ زانہہ۔ بٹس باپتھ ہیمہٕ کٹ لنٛ کٹ تہٕ ہاکی بیہہ۔ اپاری میٚن نہرن کورُن ہندہٕ خاطرہ تہٕ پٮٚھ بنگرہ ہیٚنہٕ۔ تس ہانزہٕ کیتھ نہٕ گژھہٕ ہیتھے نیٚتھے دوٗنہٕ پلواہ آسنے۔

—— نہ بی زندہ اگر روٗزس صابہ کرناوِم عاش۔ دپان اوٗسم لوٗرِتہٕ نِمتھ ہردوار۔ تس تہٕ کوتاہ شوق اوٗس ہردوار گژھنک مگر مرتھہ تہٕ ووٗت سہ اُخرتس دی لوٗرِسے۔ کتہ نیبرن گاشسَ بچارس پانژھ شیٚہ ہتھ روپیہ۔ صابہ اگر نیٚتہ آسہے الگ کنھ اُس۔

—— گوٚیتہ تہٕ جیہہ مسلمان! کیاہ آسہ کم برقہٕ بابنہٕ چاندنی چوٗکہٕ منزی لکان یمن نہٕ ما آسہ نیٚتہ نِتھے پاٹھی کھرپٹھ گژھان ہیتھ پاٹھی اُسہ چھُ تہ گژھان؟ گوڈہ مارِ کھہٕ اُسی تتہ زمین مارن نیٚنہٕ! مگر دلہٕ کس وہمس کیاہ کرِ زٕ۔؟

صابہ کمرک دروازہ مژراونک صدا گوٚ تہٕ کتام لوٗک سیمٹہٕ پٮٚھی تیزتیز۔ پوشہ کجہٕ پیرزہٕ ناد یکہ پنج آواز۔ کینژی کالی گوٚ برٕہ شرو زٕ شرو زٕ۔ بلائے انٛنز اُتھ ژیٚڈ سینی! پوشہ کجہ دوٗن پالنس ستی۔ گوڈہ کیاہ؟ سوٗکھی وال کھاراہے کھیٚنَ۔ شامس بتس ستی۔ شرو ژٕ شرو ژٕ ستی وزنوٗن سوٗرے محلہ۔ امہٕ کھوٗ تہٕ کرہے ریڈ لوٹہ پٮٚھ آلان 'نوٗری سے جھیس ووٗنی نوکری کرنہٕ گژھن۔

گاشس اوٗسن ہیوتمت یِن زٕ پوشہ کجہ وژھ وتھرنہٕ پٮٚھ تھوٗد۔ زل ملِ کرٕتھ کوٗرن شراناہ تہٕ ژایہ والپس پنٕہ لنس کٹھس منز۔ ہیٚرِ لوٗ نہٕ ڈیٚجن زادر شوٗناتھ سنٛزِ موٗرتی رٹن برونہہ کنہٕ تہٕ بیٚٹھ لیلایہ پیرنہ —— "ہیم ناپارم"۔ تہٕ اوٗسس

اوڈاہ لیوان نہٕ سٕتہٕ لوٚژُن۔ پاٹھ گھنٛٹہٕ چھنس پٔنٛڈ تہٕ لیٚج ناپھ دِنہٕ۔ امس باسیو ییٚنِکُ اسمان بوڈُ۔ کشیر ہندی باگھ اسی نہٕ اَندی اَندی بال تہٕ منز باگ اسمانہٕ پیوٚ نتاہ ـــــ شاید چھُ یمی بڑہ اسمانکُ تأثیر زِ یتیہ چھے لوکن نظر تہٕ کھُلان تہٕ لقبال ہیوٚ لیوان خوش چھُ کران یتیہ صاف تہٕ صفا روزُن ـــــ سوٚ اَس یی سوچان زِ صابن کورنس آلو۔ سوٚ ژھ لبہ ن۔ لوٚ نہٕ اَسی منزس پٔنٛڈ پیرچ پیالہٕ ڈبل ژوٹ، ٹھوٗل تہ چایہ ہندی بافے سامانہٕ سجاونہٕ آمتی۔ صابہ اوٚس اکس کرٕسی پٔنٛڈ بِہِتھ اخبار پران۔ تس اوٚس گون ژھنتھ۔ چھوٹی ڈرایہ کچینہٕ منز چایہ دانٕی ہتھ۔ تس تہ اوس گون لاگتھ تہٕ مستنس کیاہ ناوٕ ووزج دَجہ تراگنڈتھ ـــــ چایہ دانٕی منزس پٔنٛڈ تھوٗتھ گڈ تمہٕ فرجہٕ منزہٕ تھٕنی تہ اشٹابری موربہ تہٕ موٚ تھٕن ڈبل ژوچہ ژکلن۔ چایہ سٕتی کھییہٕ لوٚشہ کچہ ڈبل ژوچہ ژکل جوارہ۔ ہمو باژ دوٚ لو بچہ رکو تاہ ہوٚ کھمت چھُ۔ مگر دوٚ ڈپاوٕ تہٕ چھس نہٕ زانہہ بنان۔ اگر آسہ ہے ماجہ مییٚ سٕتی سوزمُت نو تہٕ کرہا ہے زوٚپے۔

چلے ییٚتھ کھوٗت صابہ پن کٕھ چھوٹی تھوٚی ژھیٹھ بانہ۔ سنکس منز ماٰئی ہندہ خاطرہ تہٕ سوٚ تہٕ گھنٛٹہ ژالنس پتے۔ کینژ کالی ووتھی تورہ دوٚ شوے باژ پلوٚ دلوٚ بدلاوتھ، لوٚشہ کچہ کرٕنکھ ہیر لوٚ نہٕ نظراہ۔

"بٕہ ہے نیرے دفتر۔ تہٕ یہ یہ مییٚ سٕتی مارکیٹ۔ بہ داوس میٹ یہ" ونتھ کوڈ صابن سکوٹر نیبر تہٕ کھوٚت تتھ۔ چھوٹی بنٛٹھس پتہ کنہٕ تہٕ ڈوٚ چھن اتھ تھوٚون تسند ین لشانن پٔنٛڈ۔ سکوٹر لوگ ٹھپہ ٹھپہ کران سڑکہ پٔنٛڈ دوٚنہٕ۔ خبر گاشن امسیا باسکل اذنمت! مییٚ تہٕ آسنس روپیہ ینژراہ شیٹھ مرہ۔ اگر لبکار لگہ ہنس۔ بہٕ سوزہس تم تہٕ۔ لوٚشہ کچ اَس یی سوٚنچان زہ مسِ کپور گیہ یادہ۔

نمسکار کرنتھ پُرژھ نس "مسز سبھان گھر میں ہی ہیں"؟

پوشہ کجہ توژ فکرہ زِ امہِ کیاہ پُرژھ۔ تمہ دِتس جواب۔

"مارکیٹ گئی۔ میٹ لانا"۔

مس کپور کرِٕ اسنہ ہناہ۔

پوشہ کجہ آو نہ اسندِ یہ اسٕن خوش۔ بیدلی سان وژھس۔

"بیٹھو بیٹھو۔ ابی آتی"

مگر مس کپور بیٹھ نہ امس لش کینْہہ۔ سو ژایہ ڈرائنگ روٗمس منٛز ژن تس پننہ نِہ بے یختیار اوس تہ بیٹھ اکِس صوفس پیٹھ۔

"تیہہ کیاہ چھیے وُکرِ ہی" یہ ونتھ ڈیٹ پوشہ کجہ پانس یِل تہ درایہ باغس منٛز تاپس۔ کینژِ کالی آیہ چھوٚپی ژس دا ہتھ۔ پوشہ کجہ وژھس۔

"ہنہ بی اندر چھیے مسز کپور پراران"۔

"مانا جی مسز کپور نہ، مس کپور بولو"۔

"وولہ بی ووٚنمس مس کپور! یور کرِٕ مس سیٛود کتھ تورہ بیٹھم اسنہٕ"۔

توٚ ہیہ آسو باسیو مت۔ یہ بچارِ چھینہ نژھ"۔ یہ ونتھ ژایہ سو تہ ڈرائنگ روٗمس منٛز۔

پوشہ کرِٕ نہ امی پننس کتھ پژھ۔ پوشہ کجہ لوٚگ یہ دِلس۔ گوڈہ آیہ تس پانہٕ سے کھوٚ شکستھ۔ یمن دو شہ وٚنی باژن چھیے یہ وُکرِ خبر کیاہ باسان۔ باسکھ نا مطلب ہے چھکھ اسندس مالس لش۔ مس کپور ہنہ۔ خبر کانہ تہ ہن ہنز آسِنی دچھم پھس تونہ چھم مِس۔

نا یہ کہِ خوشیو نہ دو شنیر سیتی ہیژرن پوشہ کجہ نیندرِ ہش کھسنہ زِ ڈرائنگ روٗمہ منٛزہ آیہ اسن کھنکا پلح آواز۔ تس گوشکمہ زہ چھوٚپی ژہ مسِ کپور آسن تسی

ہپڈان۔ تَس گومو تَس برابر۔ باسیوس زِہ بٔتیہ زیادہ کالس روزن گو غلط۔ اگر کاہنہ سیتۍ وٚول بنہٕ ہَس سوٚتۍ ہے دوٚن ژوٚن دوٚ ہنٛزٕ تام کشیٖرٕ والیس۔ تہٕ بیٚیہ اگر ہلہٕ ہیس یہٕ ژٲپھ ناٚرِ ہے پھوٚنۍ پھوٚتہٕ پانس سیتۍ۔



ہردے کول بھارتی

# سِریہ رۄس لگاہ



دۄہ بجہ آسہٕ ہن یمے زٕ بجے ہشہ زِہ ڈاکہ وأل کوٚر درواژس ٹھکہ ٹھکہ۔ تسُند ٹھکہ ٹھکہ کرنُک انداز وُچھتھٕ زن آیہ مےٚ زنگن لۄرہٕ گژھن مےٚ ژیتہٕ زِہ ڈاکہٕ وۄل چھُنہٕ کانٛہہ رِژٕ خبر ہیتھ آمت۔ یہ زانن یہ ڈاکہ وۄل درِہٕ وادو پیٹھہٕ ہینہ بہٕ فکرِہ پۄٚس لۄت زِہ وۄنی چھہ مےٚ امی سندہ ٹھکہ ٹھکہ کرنکہِ اندازہٕ تلے باسان زِہ چھِٹھہِ ہند مضمون کیاہ آسہِ۔ مےٚ چھنہٕ یہ تہِ خبر زِہ لۄت تام نہ بہٕ چھُٹھ رٕٹہٕ لۄت تام ڈلہِ نہٕ یہ درواژہٕ لتشہِ۔ یہ زانتھ زِہ گوٚش دیُن چھہ فضول وۄٚنتھس بہٕ تھوٚد تہ بھٕٹمتھو کوٚٹھو دراس درواژہٕ مژرِ روانہِ۔ نیٚبرہ اوس تاپس سۄہُنی رنگ گومُت۔ زن تہٕ تمی تام شاہ مارن لۄٹھ آسیٚن دِژٕ مژ۔ مےٚ گو تشولیش۔ ”دِے مہٕ کرنِی ہرگاہٕ تیٚ آسہ تیلہ؟“

ڈاکہ وۄل اوس تتھی اندازس منز برابر ٹھکہ ٹھکہ کران۔ بہٕ وۄتس بھٕٹمتھو کوٚٹھیو وِزہٕ پیٹھہٕ انگن برس تام تہٕ باسیام مےٚ لگٕ واٚنساہ اکھ بۄ فاصلہ کرنس۔ مےٚ مژرِ بٕرتہٕ ڈاکہٕ وألی پِل نۄو لفافہ مےٚ کُن۔

امہِ پتہٕ پھیوٚر لۄٚت باسکلس لرٕن لتھہ تہٕ ڈرا دوالیس۔ خار پاٹھہ تہ کورُن نہٕ۔ پۄزا تمی ژہِہیس منز وچھہ مےٚ زِہ تس اوس سأری ژم دالہٕ ہشِ گامژ۔ دالس

آسہٕ بے شمار گینہٕ بیمژرہ تہٕ گینین اُس وۄگنٕنۍ جایِن جتھ آمژ۔ یِہے ٲنزٕ جتھ ہش۔
میٚے مُژروٗواتی نس لفافہ —— یہ اُس تار ینہٕ لیکھتھ اوٗس۔
”ازچھہ میون آخری دوہ۔ بہٕ کھسہٕ نہٕ پگہکہٕ بیٚنتھ، خبر چھم زِ تو بہ
کیاہ سپدِ میٚے پتہٕ۔ پوز مجبوری حکم چھہٕ یی——

چون سِرؠ“

سِرؠ کھسہ نا پگہکہ بیٚنتھ ——؟ تو سے تہٕ چھُہ تاپس سوسنٕ رنگ گومُت۔
میون تشولیش اوٗس سہی۔ شہہ مار چھُہ آسِتھ تہٕ ٹوپھ دنتھ گوٗمت۔ میٚے کوٗر تارہ
تہہ تہٕ گوڈنچہ لٹہ میم لفافہٕ کس لوٗت پاسس پیٚٹھ نظر۔ اتھ پیٚٹھ اوٗس چھٹھ
رسانن بینہٕ اتھہٕ لاجورد پنسلہٕ سیتی لیوکھمُت۔
”ژہ آسکھ سوچان زہ میٚے کیازہ کوٗرنہٕ از ژرٕ سیتی ٲلی واکھ تہٕ۔
پوٚز لوزینہٕ میٚے ژم سخت گیہ نہٕ ٲنزٕ جتھ آیہ، تنہ چھُہ میٚے کتھ
کرنک طاقتھ ختم گومُت۔ کتھِ بدلہٕ چھم پنزٕ حکہ ہٹہ نیران تہٕ
تیٚژ کس چھیہٕ فرصتھ زہ میانین حکن کڈہ مطلب۔ ادے چھ
میٚے لولن۔ چکہ دِنہٕ بند کرٕ مژہ“
میٚہ نکھاد مشکلن تار نہٕ کرتھ چندس۔ کوٹھی باسیم جوڑ ولنشہِ ڈیٚلان۔ اچھن
بیٚٹھم ژھانپھ ہش۔ قدم تلنچ کرم کوشش، پوز تلتھ ہیوکھ نہٕ۔ امہ بروہہ زہ
بہ کیہ ہاپھر فرکاونہٕ زہ نفر ژایہ میٚے نرلوگٕ تہٕ روٹ ہس استادہٕ۔ میٚے سنے یہ
پلو وبیٚنٹھی تہٕ تہنزہ اڈِجہ۔ ”کرنزن پوشاکھ لوگمُت“۔ یہِ اوس صرف احساس
تہٕ کیانہ اچھن ہنزٕ وٕنل اُس وۄنی وار یاہ گنٕنے مژ تہٕ میٚے اوس نہٕ کہنی در بیٚنٹھی
گرژھان۔ وارہ وارہ ہیوتن احساس تہٕ نیٚتہٕ موٗمن گرژھن تہٕ آخری احساس
ادس یہ زہ میٚے تہٕ چھیہٕ شہہ مارن ٹوپھ دژمژ تہٕ امہ پتہ گو میٚے ہوش ختم۔

ییٚلہ بہ دُبارہ ہوش پیٹھ ووٚتُس بہ اوُسُس اکِس آپریشن ٹیبلس پیٹھ وُتھنِہ ساوِنہ آمُت۔ آپریشن ٹیبلس اندی اندی اُسی ژور نفر ووٚدنی، کلہٕ نۄمرا و تھو میٚے وچھان۔ تمن اُسی سفید اپرن لاگتھ، ہتھس آسکھ سفید پچہٕ ہشہٕ تیتھِ پاٹھی گنڈتھ زہ صرف آسہٕ تہنزٕ اچھی یا ٹہ لوزنہٕ یوان۔ تہند لوکلو پیٹھی اُسی تالوس الاندی پانژھ شیٚے بڑی بجلی لیمپ دزان، یموٚ پیٹھی گاش کم تہ تاو زیادہ یوان اوس۔ میٚے ہیۄک نہ یمو منٛزٕ کانسہٕ ہُند بُتھ ٹھیک پاٹھی وچھتھ۔ اکھ اوس موکھ زہ یمن آسہٕ بتھین سفید پچہٕ گنڈتھ۔ دویم اوس کینژ زہ گاش اوس یہنزن کھاسرن پیٹھ پیوان تہ بتھس پیٹھ نہ کینہہ۔ ژوشونی اُسی کلہٕ بالکل صاف اکھ مس وال تہٕ نہٕ کُنہ۔ رنگہٕ چھُنہٕ کُنہی ہی۔ یمو منٛزٕ تِل اکِ زٕنی وارہ اتھ تھوٚد تہٕ تھوٚون میٚے ڈکیس پیٹھ، اتھ اوس تٔرن تہ سخت، ششر گانہہ ٹھ ہیوہ۔ تمی کوڑ اتھ چھ ماو ڈکیس پیٹھ تھاو تھے اُنگجن واش ہیوہ تہ پتہٕ وٲلن اۄنگج ٹینڈی تیز تیز تتھِ پاٹھی میانس ڈکیس پیٹھ یتھ پاٹھی بیوٚرچ لوٚسپھ دِنہٕ وزہ یینٛی لوکھ والان چھ۔ تمی ڈیت پننہٕ اتھ ستی میانس ڈکیس چیر ہیوٚہ تہ پتہ تھوٚون کینٛژرس کالس اتھ یتھے پاٹھی، شاید اوس تمس میانہ ڈیکُ ووشنیر خوش کران، شاید اوس سہ اتھ زٕہتھ نیوٚن یژھان میٚے اُس خبر زہ ہرگاہ یہ پننہ ضرور تک سوٚرے ووشنیر تہٕ میانہ ڈیکہ پیٹھ زٕہتھ نیٚیہ میٚے گژھہ نہ کہن کم۔ میٚے سوٚزِ نہٕ ڈوشنیر۔ لوٚز تسنزٕ سخت گژرٕ اونگجہ آسہٕ میٚے ڈکیس نسان تہٕ امہ کھوتہ تہٕ زیادہ تکلیف اوس میٚے تمہ کرِپ کرِپ" آوازہ ستی گژھان۔ لیٚس آواز تسندہ اتھ اودرہ لور ڈالنہ ستی تسنزن اُنگجن ہنزن اڈی جن نیران اُسس۔ میٚے وچھِ بتھ ژوکرا و تھا اچھی تہٕ تمی تِل وارہ وارہ میانہ ڈکہٕ پیٹھ اتھ تھوٚد ——— میٚے آسہٕ ووٚنی اچھ بند تہٕ کھوژان اوُسُس زہ ہرگاہ یہ اُچھی مُشراوہ یہ ماتھاوہ بییہ پِنٛ کرنہٕ اتھ میانس ڈکس پیٹھ۔

ٲتھۍ منز گیہ پنٛچ آواز تہٕ میٚے مٔژ راوٕہ ہکہ اچھۍ۔ ژٕ وۄشوٕے لفرٕٲسی آپریشن ٹیبلہِ نش دوٗر گژھتھ کیاہ تام مشورٕ کران۔ میٚے پیٚیہ گوڈنچہ لٹہٕ تمن پتہٕ کنہٕ کمرٕچہٕ ٲکس لبہ پیٚٹھ نظر، یہ لبٕ ٲس عجیب سارٕی کاغذو مایہ سیتۍ اندٕن پیٚٹھ مرنہٕ آمٕژ۔ اتھ سارٕہے کاغذس اوٗس لیکھتھ۔ عبارتھ ٲس کینٛژھاہ ژھٕگٕژ تہٕ کینٛژھاہ صاف۔ باسان اوٗس لبہ چھپیہٕ کتابن ہندی بے شمار درکھ جوٗڑتھ بناونہٕ آمٕژ۔ اڈٕی ورکھ ٲسی سیٚدی اڈٕہی وٕتہ لٹہ۔ اڈٕی وٕرییہ تہٕ اڈٕی دوٗلہٕ، لوٗزانتھ ''کاغذ'' لبہ تہٕ اوٚس واریاہن جاین سوسبز رنگ گوٗمت۔ نیٖلہ پیٚٹھ داگ بیٖمتی۔ اتھ سارٕہے لبہ ٲس اڑہ ورٕہٕ رُم گاٹژ تہٕ ٲکس جایہ اوٗس گوٗدگوٗمت۔ میٚے کرٕ کاغذ لبہِ ہنٛز عبارتھ پرنٕچ کوشش، لوٗز پرتھ، ہیچھم نہٕ، نہٕ کیازٕ بے ہوش گژھنہٕ وزٕ اوٗس میٚے ٲنکھ خبر کتہِ ہیوٗمت۔ میٚے ژٕ مراوٕہ اچھۍ تہٕ ژٕ یٚتھ دِتھ کرم بیٚیہ عبارتھ پرنٕچ کوشش۔ میانِ یہ حالتھ ژٕیتھ شاید تمو تہٕ تم آیہ میانس آپریشن ٹیبلس نکھہٕ، یموٗ منزٕ وٕونتھ اکھ میٚے کنٕ۔

''ژٕ چھکھ ووٕنی وچھتھ ہکان''

میٚے کوٚرس کلہ سیتۍ انکار۔ تمی کوٚر بیٚیہ سوال۔

''اتھ لبہ کیاہ ادٕسکھ ٲچھ نکرِتھ وچھان''؟

''کہنہٕ نہٕ''

میٚے دوٚلس کلہ سیتۍ لنکار کرتھ۔ تمی گمناوی وٕٹھ تہٕ لوکھ تنہٕ پاٹھۍ دِچھنہِ زٕ میٚے گو گوڈنچہ لٹہِ احساس زٕ امِس چھہِ ڈیکس لبان ہیٚن چھوٚنہٕ کنہِ ہنزن سیٚن کھوڈجن منز کتہِ تام لال تہٕ۔

''ژٕ ما ادٕسکھ عبارتھ پرنٕچ کوشش کران''؟

تمو وٕون نیلہ پیٚٹھ داگہٕ دار کاغذ لبہ کن اشارٕ کرتھ۔

"اٖین" میٚے کورس کلہ سیتی آو ٚنکار۔

"چھکھہٕ ناپرنتھ ہیکان۔"

"نہ" ـــــ میٚے کوٚرس کلہ سیتی نکار تہٕ کیانہ زٕ لوٗ شرراونس اوٗسس نہ بہران، میٚے زن اوٗس ووٚنی پوٗرہ یقین زہ ہرگاہ بہٕ بولنچ کوشش کرہ میٚے تہ نیران لفظو بدلہ چکہٕ۔ پٔتری چکہ تمی دژ بیہ کاغذ لبہ کُن نظر تہ کرنزٕ اتھۍ سیتی اَتھ کُن اشارٕہ کرنتھ لوٚگم دینہٕ۔

"یم چھہٕ آدنہٕ پیٚٹھٕ ازنا کٕہ لوٗآر پخکی ورکھ"۔ تمی اوٚن اتھ میٚے کُن تہ اوٚنگجہ ہندہٕ لوک دار اُڈمی جہ نیٚنڈہٕ سیتی میأنس ڈیکس اکہ دوٚہ پھرٕہ "ٹک ٹک" کرتھ دامتھ لوٚگ بروٚنہ کُن وننہٕ۔

"یہ ناپھہٕ اوٗس لوٚختہ رٔیتہ لبہ منزٕ تہ اژان۔ اٗدے پٔیہ اَسہٕ یمن ورکھن ہنٛز لَب کھارنۍ۔ تواریخہٕ کٔین ورکھن ہنٛز لب۔ اتھ لبہ چھُناہ گوٚد۔ اتھ اوٗس غلطی سببہ مایہ اتہٕ لنس تہٕ لاریامت، ادہ کمی تام جاناوارن دژس دِگ تہ اتھ گوٚد۔ واقعہٕ چھہٕ اٗتی لفظن منٛز قادٕ لوٚز دگہٕ سیتی چھہٕ واقُف تاریخ تہ سنہ ژھیوٚنمُت۔"

میٚے آلوٗ لوت تام زِونس ووٚنی چھہٕ یہ واقعہٕ یتیم گومُت، مگر کھوٗزان اوٗسس زہ لفظو بدلہٕ مانیر نم چکہٕ۔ تمی کرٕ یکھ دم ژھوٚپہٕ تہٕ سیتی کوٚرُدٕ یم بولن شروٗع۔ "یہٕ لبہ ہنٛد شگاف چھہٕ اَسہٕ پٔنٛنۍ غلطی۔ یم واقعہ اَسی اٗژھی تہٕ یہ پزٕہ ہیچ اُسہ گوٚڈے سوٗچن زہ یم نادرن نہ اتھ تاپہٕ گاشٕش اسہ پزٕہ ہن نہ یم ورکھ استعمالہٕ کرنۍ۔"

تمی آسہ ہے مشکلن پنٛن جملہ مکٕمل کوٚرمُت زہ تم ژوٚہ شوٚے آیہ میانس آپریشن ٹیبلس نزدیکھ پتہٕ نمے یہٕ میٚے کُن تتھ یاٗ ٹھی زہ تہنٛدی کلہ رٔلے یہ اکھ اکس سنٛی

تہٕ سیتھٕ گوٗ تالوہ چھِین بجلی بتین ہند گاش کم تہٕ تاٗ دٕ ہر یا کھ۔

"ژٕہ دہ زورٕہ کرِ ٛنکھ۔ اِدہٕ مرکھ ژٕہ۔ دِ کرِ ٛنکھ"۔

یموٗ منز ژٕ ووٗتھ اکھ میٚنہِ کنُ۔ بجلی بتین اوٗس ووٗنی ساسہٕ گاشس رۄدمُت تہٕ تاٗ دٕ اوسکھ یادے ہریامُت۔ میٚنہِ گوٗس رہٕے پالس کمہٕ سراٗن لوٗ ز کریکھ دژٕ م نہ۔ میہ اوٗس پوٗختہ یقین زہ میٚنہِ نیرہ کرِ ٛنکہِ بدلہٕ نیٚرِ ی چکھ۔

دِ کرِ ٛنکھ۔ زورٕہ دہ کریکھ اِدہٕ مرکھ ژٕہ" ــــ ووٗ نہ کوٗ ر دوٗیم تہٕ اصرار میٚنہِ ژٕ مرادۍ زوزٕہ ڈٕ ٹھ۔

"دِ کرِ ٛنکھ"!

"کرِ ٛنکھ دِ"!!

ادہ مرکھ ژٕہ !!!

"کرِ ٛنکھ دِ"!

"کرِ ٛنکھ دہ"

"دِ کرِ ٛنکھ"!

ژٕ شوٗ ہے لفرو تچ گرٕ بز تہٕ میٚنہِ دژٕ۔ آ۔ آ۔ کرِ ستھ کرِ ٛنکھ۔ میاٗنی کرِ ٛنکھ چھپیہٕ وُنہِ تہٕ ــ ازتہٕ جاٗرۍ۔ میٚنہِ چھپنہٕ شہے ژھوکان تہٕ نہٕ چھپیہ کرِ ٛنکھے ختم گژھان ــ ووٗنی چھپیہٕ وارٕہ وارٕہ کرِ ٛنکھ نیٚرِ ی چکہٕ شتر تبدیل گژھان وارہ وارہ چھہٕ میٚنہِ ژمہٕ دالہٕ بنان۔ دالس چھپیہٕ گیٚنہٕ پیوان، تہٕ گیٚنن چھپیہٕ ڈٕ ہ گنبن جایَن جیتھ یوان۔ کاغذلیہٕ چھِہ ووٗنی بے شمار نیلہٕ ہٕنٛی داگ بیمتی۔ یہ چھپیہٕ ساٗ زہے نیلہٕ سرٕ ی گاٗشر تہٕ نیبر کُنیٚ چھہٕ شاید سُہ لیکاہ آمُت۔ یمہٕ لگاہ بیٹھ سرٕ یہٕ کھسہٕ نہٕ۔ میاٗنی کرِ ٛنکھ چھپیہٕ وُنہِ تہٕ ــــ ازتہٕ جاٗرۍ !!

